اَسہِ سیٹھ ذات پاک چھُوی مہربانے — نکاحن پانے آئے سرکار ؐ
حُورہ درایہ وَنہ وان نُورہ مہرازد — آکھو شہرے شیرازد

# کأشُر

# وَنہ وُن

تصنیف

شاعر گرامی حاجی غلام حسن دار و
محمد سعید دار ساکنان لال بازار بوٹہ کدل
اور دیگر شعرا کا
"گیون تہ روف" بھی درج ہے۔

معراج نامہ
محمود گامی شمس فقیر
وہاب کھار

گلہ میوٹھ تلنہ
وزِ
وَنہ وُن

مائنز وَنہ وُن

مہرازس مس
کاسِتھ وزِ
وَنہ وُن

آب شیرنگ
وَنہ وُن

مہرازہ سُند
حمام کرنُک
وَنہ وُن

نکاح
وزِ
وَنہ وُن

ختنہ کرن
وزِ
وَنہ وُن

مس مُترنکہ
وزِ وَنہ وُن

مہرازہ سُندِ
بینہ والِ وزِ
وَنہ وُن

مہربینہ سُند
وأریو نیبرنُک
وَنہ وُن

چھلر تہ روف
طمبخناد گیوُن

قیمت 80 روپے

ناشِر

## فاروق اینڈ کو تاجران کتب

نورتھ برج
بھوری کدل
سرینگر کشمیر

بسم اللہ الرحمن الرحیم

# ونہٕ وان کشمیری حصہ اول

یا فتاح یا ہو یاد آسوٕ ہسے
صُدرہ کھتہ منز باگ کدلاہ چھوٕ ہسے
ترٕ وُن صدکس تار دیتیوٕ نسے
حضرت خلیلؑ تُوسہ کتوٕ ہسے
حضرتِ حبیبس تتہ والوٕ ہسے
نیہ نیہ کرٕ ون آفتابہ چھوٕ ہسے
مُوجہ دریاوس سینہ دارٕ ہسے
شاہ لمالیس ہٹس پپٕ لرٕ لانہٕ ہسے
تتہٕ اندر حضرت یُوسفؑ چھوٕ ہسے
ابھی کرچاٹوٕ کھرا ٹوٕ ہسے
وٹہ داریو ہیرہ تہ کانوٕ ہسے
ملکہ منیوس سیر کانوٕ ہسے
ظریف خانس تمنا چھوٕ ہسے

بوزمہٕ وٕمہٕ چھس سوٗی للہ وان
تتھ پیٹھ صراط المستقیم ناو
بوزمہٕ وٕمہٕ چھس سوٗی للہ وان
کائنات کُمس کُنوٗسی تھان
بوزمہٕ وٕمہٕ چھس سوٗی للہ وان
فوجہ فوجہ وٕچھہ ہس موجہ دریا
بوزمہٕ وٕمہٕ چھس سوٗی للہ وان
شیٹھ کوٹھ کرمس ونیہ زبان
بوزمہٕ وٕمہٕ چھس سوٗی للہ وان
دُرکہ دٕرکہ مینتہ زو دیومس
بوزمہٕ وٕمہٕ چھس سوٗی للہ وان
کیاہ ونا حضرت وُنہ پیہ نا
بوزمہٕ وٕمہٕ چھس سوٗی للہ وان

## ونہٕ وُن

حمہ داریہ ونہ وان لگہو کی پاری
نُون وُنِ عالمن چھی سرداری
رنگہ رنگہ بُراق رُودِ پاہ پاری
ہنگہ منگہ کرہ اختیاری
جبرئیلؑ تہ کرچھیہ واری
اسرافیلؑ تہ نیرن پاری

یاری اہتس کا دینے
یاری اہتس کا دینے
کونگہ گُلتوٕ پان سارے
یاری اہتس کا دینے
میکائیلؑ رکاب دارے
یاری اہتس کا دینے

عزرائیلن علیہ سلام داری
روزتم لِلّٰہ بوزتم زاری
پنجتن کارِ شوبی منجتہ عماری
تخت و تاج لولاک تونے باری
دوزخنہ دروازہ بند کرکھ ساری
رضوانِ تھاوِنے پیالہ بادباری
مسجد اقصٰی انبیاء ساری
ژیہوا شوبہ کس ہیہ تاجداری
شاہی چانی آسہ پایداری
کلمن چانی گیت تارہ تاری
گناہگارن چھہ امید داری
حاصل چانہ سیت برخورداری

ھلم یوِد دار دائے
یاری اَمتس سکاریزے
سوختہ کرِ چان لولہ ناریے
یاری اَمتس کاریزے
نجتن مُوژہ رکی تاریے
یاری اُمتس کاریزے
پھری کران ژئی انتظاریے
یاری اَمتس کاریزے
تا یوم الدین چارے
یاری اَمتس کاریزے
لطفس تہ یاد آورے
یاری اَمتس کاریزے

# ؤنہ وُن

موی چانو عنبر تہ روی شوبہ وانوی
بوی چانو گلاب خوی لوبہ وانوی
لۂ اکہ منترہ دنیر دگر شانوی
ژھۂ کتہ کاژہ روشنیس لگہ کرانوی
شانہ بڈ ذاتن یانہ رَتہ زانوی
جبرئیل علیہ السلام براق پیرت آنوی
نوُرہ چھیہ حورو ہتو پیرو تہ وانوی
سیتو کرہ ہوس چا کرہ پانوی
گوشن عرضاہ کرصاجتہ سانوی
دوشن چال چھوی ند ہوی کرانوی
دُورِن گانولس گیاہ چھوم لانوی
مُورہ نارِ شعلوں ہمہ لکہ دانوی

چانی وُنہ کرِ تمنا دراوُ
چانی وُنہ کرِ تمنا دراوُ
فنہ لیس دالیجہ سو کرہ ناگراوُ
چانی وُنہ کرِ تمنا دراوُ
ملکو تہ فلکو یُرِ وہے چاوُ
چانی وُنہ کرِ تمنا دراوُ
معراج کَرِنے حضرت دراوُ-
چانی وُنہ کرِ تمنا دراوُ
رشہ وَلہ پوشن اتہ چھے کراوُ
چانی وُنہ کرِ تمنا دراوُ
ژودِہ پاٹ نور نخبار مراوُ
چانی وُنہ کرِ تمنا دماوُ

زامیون یا رسول گژھ بوزانوی
آنزو آسوم ردمی اد چھانوی

امیدوار یلہ لطیف آو
چانوی ونہ کرمت داو

## ونہ ون

شبؔ روز پرہ ہا درودہ چانوی
ربہ سند معشوق چھُک شفیہ وانوی
لولک نازل ژہ سپانوی
ملکو کرو ہے چاکر پانوی
دتہ چانہ پمہ ہا دتہ درشانوی
متہ نایس بیہ لولہ چھُک چانوی
ژہ تیمہ سان یم فرمان مانوی
گژھن راضی پیدہ کرہ وانوی
ہیہ پان چانوی شیتہ خوتہ پرانوی
گوتہ کن روی ہا ژ وتہ کاس گرانوی
زامیون یا رسول ظریفانوی
بناسی بلہ لگہ تلہ پای کرزہ سانوی

سونوی یکھنا وندہ ہوی کرانو
سانوی یکھنا وندہ ہوی کرانو
افلاک سارے دی سیرگاہ چانو
سانوی یکھنا وندہ ہوی کرانو
کتہ چھوک یا رسول داد بوز سانو
سانوی یکھنا وندہ ہوی کرانو
وژہ والنجمہ پرہ درودہ چانو
سانوی یکھنا وندہ ہوی کرانو
دین چانو دین منز رینہ وانو
سانوی یکھنا وندہ ہوی کرانو
تعریف ذمہ ذمہ ہمہ تہ وانو!
سانوی یکھنا وندہ ہوی کرانو

## ونہ ون

عربکہ سردارہ عجمکہ راجہ
دون عالمن ہند چھُوک خواجہ
ازلی علمکہ بحرہ موّاجہ
روئی چانو کرانک زن کلیجہ والیجہ
سارنی نبین ہندہ کس سر تاجہ
لوشن دینکو چانی راجہ
یمہ شبہ کرہ ناوتک معراجہ
ملکو نور چہ مشعلہ زاجہ
نور ظہور کہ ہُدہ ہاجہ

شاہ معراجہ کرسانو پای
شاہ معراجہ کرسانو پای
ایدک اسرار ژی نش درای
شاہ معراجہ کرسانو پای!
ژی چھوک شرعک تخت آرای
شاہ معراجہ کرسانو پای!
فلکو کرہ ہے لولہ متہ لای
شاہ معراجہ کرسانو پای
ایہ کاسر غفلتہ کنہ ہنزہ ہای

شبہ اکہ موکھ ہا وَدزن کاجہ
لولہ بُتا نکہ خاصہ دراجہ
ہول دِل لُوزِت گژھہ اخراجہ
ژھاری کِتہ اَسہ ماسن تہ ماجہ
چھونہ شک نفسن تہ اَسہ واجہ
سرہ سان شیطان تہ اسہ ڈاجہ
پرہ ژھن کیمت ژیہ لا علاجہ
رہِ اُست تراوِت ہچہ ونہ ژھاجہ
دکہ مژہ دیتہ ادہ گژھہ تاجہ
ہولہ گل ساری سرتا پای
لیہ سماجہ بکہ درژہ ژاجہ
ہیوتہ غوطہ اسہ رحمچہ تراجہ
یتہ آسہ بُت راژ زن ژھرای
یا رسول مقبول چھوی محتاجہ
دمہ دمہ میکوی چھسوس احتیاجہ

شاہِ معراجہ کرسانو پاسی
قول چانو نیرپاٹھ فرجی نای
شاہ معراجہ کرسانو پای
ژھہ چھے اُمتچ شفقت تہ مای
شاہِ معراجہ کرسانو پای
برہ پچانہ استوی کتہ سان جای
شاہِ معراجہ کرسانو پای
کونہ لگنہ تہ وُن ژی کن آی
لولہ تار چان اَسہ والنچہ زاجہ
اَشہ کینہ جاری چھہ نو نچہ پاجہ
گیھہ گے دل ہیہ کنیچ نای
تتہ کیاہ کرہ عرصانچہ باجہ
کھٹوسون کرہ کہ وَنہ بمبہ منز تھاجہ
تتہ پای کرتس تیہ لگہ نای
شاہ معراجہ کرسانو پای

# ونہ وُن

نُورکی گادپہو سنگرن یالن!
کونہ چھوک بیر پیر بُراق والن
فرشتس تھرزس نُورہ بنگالن
رضوانس پے سے لدہ بیالن
ملکن تہ فلکن تمہ کوی اَمس
طاؤس قدسن اندپ چالن
بم دِلو عاشقو ام خط بچالن
رکٹ اَتس شاہس بٹ شانس
جن و انسان بیے قیلن تہ قالن!
سی شیچھ لونشاہ تلپا تالن

دِلولا یِزالکن جبہ ملیس
دِلولا یزالکن جبہ ملیس
حورن ووپ سُورہ پرہ نم تس
صلوات لدس یارن تتہ آلن
محبوب چھہ نوی ازلیو رِھالن
مشغول روزن صلوالس
ژمبٹ کر نُورکن شملن تہ شالن
ملکن تہ فلکن اندپ چالن
از شاہ لولاک گژھہ بالس
دِلولا یزالکن جبہ ملیس

| | |
|---|---|
| تھندی ذوتک نالی نالن<br>عرفان پچاون کاجس تہ کالن | شوتک ہاوس دیہ ساہلیس<br>دیولا ایزالن جبہ ملیس |

## ونہ وُن

نورک یتو پیو آسمانی!
ناوس کرہ ہوس کلہ قربانی!
قدمی ھدٖ ژ گوگ دپانی
غوث الاعظم قطب ربانی
تامت اوسک ژی روحانی!
ملکن تمنا چان دربانی!
تیرس تہ غالب پننی گاو
بجہ ہند ینہ والو گو ایرانی
بہہ وہرلب تم بیہ زندگانی
فیضک دریا ژی لشہ دراو
ودپھوک سارنی پٹ خاصانی
تصرف چانو چھوی پٹ دیوانی
ینہ چانو ظاہر پننوی ناو
بادشاہ ساری محتاج چانی
ناگاہہ چانہ چھی خاک ڈونانی
طالبن تیلہ تابانی آو
مریدن سارن چھہ امید چانی
دنیاہس عقباہس ژی رچھانی
کیاہ ہکہ بوکرت اوصاف چانی
بس ناناد چانو درد زبانی
سرکار چانو چھوی غیر امانی
دادس بیانس کتہ دانی

اسہ بوز شاہ جیلانی آو
اسہ بوز شاہ جیلانی آو
شیخن تہ ولین اقرار آو
اسہ بوز شاہ جیلانی آو
ژھس طوفانہ موکلیہ ناو
مرتبہ دتوم حق سبحانے
تھو تہ سرداپھوک ژی پیرانی
صدرس منبر باگ بدتس ناو
دیدار آفتابہ خوتہ نورانی
ژورن ژی لشہ فیض میلانی
ژی لشہ چشمہ عرفان دراو
نفس تہ شیطان چھہ دحیرانی
ظالمن چانہ سیمت گیہ ویرانی
کاتھ نوژی لشہ خالی دراو
شوبہ ون بجان چھی بغداد چانی
گرہہت کرہ ہوی کلہ قربانی
پیالہ لاہے عرفانک چاو
اسہ بوز شاہ جیلانی آو
ژالنہ وزہ آفتابک تاو
اسہ دیو شاہ جیلانی آو
پنزپاٹھ پیر عبداللہ ژاو
اسہ بوز شاہ جیلانی آو

## وَنہ وُن

سیر یلہ میلی سیرس اندرو    گندرو صورت بندری چھوی
پیرگار سیرس ژانی اندرو    گندنہ صورت بندری چھوی
کھسہ ژن پورہ ونہ ڈیشک چندرو    ونہ یلہ ییہ پومنہ کاسس دی
اسہ وُن تابان آبس اندرو    گندرو صورت بندری چھوی
ژھل کرنہ معلوم فیری جندرو    کل کرتہ ییران ہرکتہ چھوی
حل کرنہ شب روز شاہس اندرو    ″ تہ ییرن لیہ دارہ تاوتن تندرو
شوپرت منز باگ ہستی چھوی    کوپرت پان روز پانس اندرو
ذکرہ ہنڈ پونہ گنڈہ فیری بندرو    فکرہ ہندہ گردشہ تیرہ تلنبوی
نہ کاتھ تھاو ژکری اندرو    ″ زان تل سینی پان ژی مندرو
کان دہ نری جان سون چھوی    خان یلہ سینک آلس اندرو
کوٹھ میو تھہ ٹیو ڈکہ کرسندرو    نوارہ ڈیشک دور کردوی
ژور چھی جمع نفسس اندرو    ″ دنیا چھو زادہ تہ گاڈہ ہندہ ہندرو
ہوشکس باعث فولیا پھسے    دمہ سیت ولہ ناو پمپوش اندرو
پاتیو رن گت ماموکرنہ مندرو    سیر حق ماون پیر موکھ ژی
صورت نقش صورژ اندرو    ″ عشقہ منقلہ ناروارہ پاٹ سندرو
رنگ لاگ زندہ پانہ کرتہ لُفی !    اثبات ڈیشک دیدن اندرو
دنیا ودہ تارہ زانتن ہندرو    ژی رتو کراوک لاری تی !
مزرع الآخرة چھوی کت با اندرو    گندرو صورت بندری چھوی
ظرفیہ کیاہ دک نتھن ڈنڈرو    ہوکہ لی پیر تراد موکلی لے
لے کر ذکرے کھے کاس اندرو    گندرو صورت بندری چھوی

## وَنہ وُن

دورہ چھوم یاران دودن گنائے    مائے وجہنس ہیہ مال
ژورہ دل تیوم کیلو چھو میون پائے    مائے وجہنس ہیہ مال
نازنین معشوقا چھوم زیبائے    یار دل ونہ ہس چھتہ میون حال
بازگونہ ییہ تاسانہ گوم صائے    مائے وجہنس ہیہ مال

ننہ وچھتہ ہنہ اکہ کیاہ پُھوم حال!
گمہ ہیُرہ ہمہ چانہ چَنیدری نارو
نُمہ اکہ دیدارہ ھاوتم یارو!

منتہ منشرادتم ماہ رُخسارو
چھوم چانو تمنا محمودس
دنتو لیلی کتہ پرارہ لیو!

## وُنہ وُن

کُس وُنہ یارہ سُنز چھم بیماری
روزنا سا تھاہ یوزہ نازاری
آیس نہ وُنتم یُرنن تاری
پایس پیہ نا چھم لاچاری
شکمانہ زخماہ لایوتم کاری
تیراندازس لگہ ہا یاری
سینس وُنہ چھم لائے
کَشیرنارہ ٔ الونس اُش چھوم جاری
ایوان کونہ چھُومنہ چھوم انتظاری
دوکھتہ دادِ چھُونہ اختیارئے
چانہ نہ میانہ یاکہ تی تھاوباری
لانہ نش ہیہ مال نادان ساری
لاگو یانہ وان یار ریئے
رنگ چانو فولہ وُن گُل اناری
سنگن شوبہ نے ہنگہ طوماری

طرطس میلہ ونہار یئے
طرطس میلہ ونہار یئے
دراٰیس نہ وفاداریئے
طرطس میلہ ونہار یئے
ہیچھمہ یارہ سنزہ مار یئے
کتہ گس وُنتم تیرداری "
تشین ن گالونش ام لولہ ناری "
ریلوان ہیہ ونیوم طاریئے
سوختہ ہیہ کرنم ام پختہ کاری "
ہیہ نادیہ نادان داری "
نارگیر ایس لگہ ہیہ یاریئے
ہو گل مے تراوکو کلی پاری
کانہہ چھوسنہ دیشان چانہ اہاری
پیرنگ چانہ چندرنہ داریئے
طرطس میلہ ونہار یئے

## وُنہ وُن

عشقنس نارس کیاہ لگہ چارو
چھوپ یوم سُورہ نارنو آوارو
برتل وائے عشقہ ستارو
عشقہ ستارس تھاوکوش ٔ ارو
بدنس سُور گوم وشیہ کہ نارو
لولہ بماران تی پھول دارو

سُور گوم چانہ آمارو ہے
سُور گوم چانہ آمارو ہے
تارچھم جگر چہ تارو ہے
سُور گوم چانہ آمارو ہے
ژوریہ پانس ہا دیدارو ہے
سُور گوم چانہ امارو ہے

ژھصلہ ہا پَردہ تہ چھُو منہ سرٛدارو
بازما رازک نیہ بازگارو
مارینہ دہ لیچھہ پدچھی خریدارو
جگہس کرہمو پاروٚ ژے
تازہ چھی نرگس چشمہ بیمارو
نمیہ شرہ ہرتو رٹ کوہسارو
ہاوس روٚی انوارو ژے

رازما گرِتھ آشکارو ژے
حُسنکی ہاوٚ کا ندارو ژے
مُہہ کان لایو تھم ہی کماندارو
تیر مژگان چھی میر سکارو "
جادِ گرِ مُردم آزارو ژے
کنہ لوز حقّانیہ سند زارو "
غمکس لوزس چھوس شبِ تارو "

## وٚنہ وُن

یا لہ چھوم چالوی مارہ متوٗیے
زار لوز نار چھُوم للہ وُن تتوٗیے
کِتہ چھوک مَتہ لو ہمہ ہی تتوٗیے
ہتہ نِک تو رکنیر ژی یک تتوٗیے
سُونہ سُند گرِتہ گٔنڈ بیرژی کیتوٗیے
کنہ لوٗ دوٚنہ وُن کیاہ چھوی دِتوٗیے "
سُنہ وٚرِ شیہ دِل ہنت ژلو ہمنا
لوٗ بہ نتہ آتش چھوم ہتمو ٔیے
وَنہ کس سُوٗ ازلہ لیسہ ڈکہ آسہ کھمتوٗیے
چانہ موکھہ ڈٔس تُچھنہ کتو کتوٗیے
زانہ کیاہ لیس نہ پیش آسہ آمتوٗیے
دُردانہ نورانہ تھوکم دتوٗیے
فُنارہ بہ مم شرپانہ ستوٗیے
رُمہ رُمہ لگت بے پروائے
رِکلہ چانہ مقبول گو آرہ کتوٗیے

دِل گوم متوٗیے میلکنا
دِل گوم متوٗیے میلکنا
وُتہ چانہ پکنوک چھوم تمنّا
دِل گوم متوٗیے میلکنا
سَنہ گوم کونہ موکھ ہا وکنا
ژٔہ نہ مہ تیہ وَتہ کوی ہنز توٗیے "
میانہ خفہ تی آسو لانہ لکھمتوٗیے "
ہنہ ہنہ رٔہ چھس سرتا پائے
دِل گوم متوٗیے میلکنا!
کرانہ بال درایس یاد چھُونیا
دِل گوم متوٗیے میلکنا
پُرنازِ قد چھوی سرو رعنا
بمہ خنجرن چانن کرنم دتوٗیے "
مژہ تیر لایتم مہ لگہ لتوٗیے "
بلہ چانہ خریدارہ ہتہ حسناہ

بیتاب سیراب چھوی تربشہ متوی
دِل گوم متوٗیے میلکنا!

## وَنٛوُن

دُرِہ چھی دُورَن دُرِ دانہ اَلنی
شُریا نہ چان چھم گیمُژ گُلنی
فولِ پوش باغن ہوش دِتو ڈلنی!
نارَن شور وتھو آرن تہ کولنی 〃
تِلہ بلہ میوُنوی دِل ہِمار
ہجراؤُنس ہمہ کمانہ چلنی
نِشانہ تھوُے دِل کانہ فلنی 〃
شبنم تیتھ ڈلہ ہِمہ گلنار
دِل تارہ کُرتم ام کا گلنی
کتو ژلہ یِم مالہ نال اَلس ولنی 〃
ژلہ نس چھوُمنہ کُنہ رنگہ وار
کیاہ کرہ کُن تھاوتم وُن وِلنی
لسہ کتہ نیتھ کرایہ منزلس تلنی 〃
نمہ پیٹھ تالہ تام ہتیوتم نار
دکہ پردہ ژایس دِیوتم دلنی
اَدہ ناوکھ نے منزِ وِصلنی 〃
وُن دِتہ وُچھتہ مَن تن دِلدار

چھم کراو گلنی ہاو دیدار
چھم کراو گلنی ہاو دیدار
وِہر حبابہ سبز تازہ آو سبزار
گُلہ کس باغس گُل بلہ فولنی 〃
غم غُصہ مام ژلہ بُلبُلنی! 〃
ہِشرِہ تیرِ سِدام نہ ہرآبدار
گُلاب رویس مُکھ چھُو دُلنی 〃
کس اَتہ وِچھِنس تاب وُزملنی!
چھی زُلفِ مشکین سیاہ مار
وَلنے آیس جاد ہا نکلنی! 〃
یِترھ وُلہ سانیو گڑھ حل مُشکلنی! 〃
وسہ نار ہِتیوتم اِینے عار
دَمہ دَمہ چانے غمہ چھیس گلنی! 〃
یم داغ وُصلکہ مرہمہ بلنی 〃
کرِ زَرکِ سرِ سرہ سینی یار!
مقبولہ دامانہ رٹ کا ملنی! 〃
ڈنگ دِن لعل ین اَتھہ ڈونگلنی 〃

## وَنٛوُن

رایہ مِکہ چھنس عشقی کرائے
بیہ نتہ ہیہ تن گڑھ ماضائے
لولہ منزِ کرہ سے لولہ مَتہ لائے
مصحف رویس پرہ سُئے آیئے
زالہ مکہ چھنس ہیہ مال!
دُودہ دل نیوتم دودِ چہ کرائے

مایئے وچھنس سُندِ مال
مایئے وچھنس سُندِ مال
کرہ سے ریشن دِلکوُ ہی حال
سالہ مکہ یا تالہ آو نا گرائے 〃
یالہ پرہ مسکی تھنزی رائے
شوؤ یانہ وچھنس از خط و خال

مُورہ نارتھاوُم کیاہ چھو پائے
کنہ دہ چھم تہ رتہ اَنِدہ کرنیلے 〃
وندہ چھوم زُرنہ منز دِیُس بال
اندمینیو شن کرلس ضایے 〃
ہرمو گھڈو لکھم سیٖے پرواے
سرہ منزہ کرنس بے پرہ وال
سرمحقانیؔ کہ ہرشائے
مائے وچھن ستندر مال

## وَنٛوُن

گراوہ میانہ کُس نہ تس دلاس
لادس پتہ ننہ مارس یان
دِل چھم نہ دیوان تت ملہ ڈارس
لادس پتہ ننہ مارس یان
ملوگوم پُرزوُر شورس تہ نارس
دِہہ میانہ دکوی کھنو اسمان
تاب چھم منہ آبن اشکوی ہارس
لادس پتہ ننہ مارس یان
ڈکرسُور گومت چھوم لوکہ چارس
لوکہ پاسہ کنہ زن ڈیچھ چھم ایوان
ہکہ کتھ کرِنم دارنا دارس 〃
منصور سند پاٹھ کھسہ نادارس
تن سورہ برنک چھوم ارمان
سَن نورہ پرہ لیُس سرہ سوی یارس 〃
عشقہ نارہ دریاوہ کُس دوتارس
سوی تزہ لُس کرہ کلہ قربان
غم کمم ہمتس چھو ہرکونہ کارس 〃
سنرس منز باگ بحر ذخارس
دُردانہ صدفس منز تابان
ڈُرو ہکلو تھف لای دُر شہوارس 〃
بلبل مشتاق چھوی گلزارس
بالکل مشغول از دل وجان
مقبول امیدوار دیدارس
لادس پتہ تنہ مارس یان

## وَنٛوُن

دُرہ چھی اُران سونہ کنہ والی
سوالچھ ہائے پوشہ مالی لو
قد چانو آزاد ہمتن عالی
نخل چانوے مثالی لو
کمہ وچھا میہ حُسنہ کم ابدالی
سوالچھ ہائے پوشہ مالی لو
سوبان گوشن چھی دُوو فالی
لوبان دِل چھوم بالی لو
خوبان عالم چھی پامالی
سوالچھ ہائے پوشہ مالی لو
ختنی زلفن ولتھی والی
کیتاہ دل ام زالی لو!
خال چانو ڈیت نافہ گی خالی 〃
زال وانمہ وِل کن کم سنبالی

سال وُڈنہ تل چھی شالی لو
ناگیہ این مائے ہیہ مالی
مس پیالہ برمے مالا مالی
قندہ نابدہ پچی ڈالی لو!
چشمہ چانے سحر بنگالی!
کہشہ مے پاوامہ نمہ ہالی!

کنجواب زلفت شوبان نالی
یمبورن مامیمبہ زالی لو
کھال مالہ شوبنے بالی نالی
سالہ تینہ سوزے زٕ سوالی
نخشہ ہڑہ پیچھے گوپالی لو
اُٹھہ پچھی دٔنہ قل دنہ مولالی

خندہ اکہ شہلاؤ بالی لو!
قندہ دل نیوت دان لوٹہ او حالی

## وَنہ وُن

وستو روکہ پچھ گنے درآئے
دُنہ وان وکنہ نوان ماران گرائے
رعنا دلبرہ چانے رائے
منزہ وکتہ پران ژونہ کیوڈائے
تیر مشرہ مہ لائی پے پروائے
وُلنہ دل آو زنخچہ گرائے
دُن یارہ دتوم جائے جائے
پرزہ پرزہ لوٹہ لس یار ییہ نائے
سیہ می ہیہ تنہ کیمو ہائے
لبہ بال لوزہم ادیچھان ژٹائے
کم کم زال امہ عشقنہ گرائے

کستو رمدنہ مائے لو
کستو رمدنہ مائے لو
زیبا ہیرت آئے لو
کستو رمدنہ مائے لو
یم کان جگس آئے لو
کستو رمدنہ مائے لو
سنہ وینہ ہرشائے لو
کستو رمدنہ مائے لو
ییہ کیسو ضائے لو
کستو رمدنہ مائے لو
دم ہت دِ دسر بائے لو

یاندان عاشق سوزان ڈالی
کستو رمدنہ مائے لو

## وَنَوُن

تعشوق چانہِ چھوم معشوقہ میانے
ملو آسو ژہ تہ بہ اَزلہ لانے
عشقن دادُی زلیخا زانے
یسہ کوہ تہ گرٲکھنا یوسفہ میانے
تونگ تابہ تالہ لاین چانے سیت
سیخن کیاہ ونو ہنز بانے
دِن ہُون رچھی آسوم لانے
داسس کہار کِہ چانے سیت
گُلہ چی قادی بلبل زانے
گلزار چھاو تو مہرازہ میانے
نجدس داڈی چانی سیت
عشقن دادُی محمود زانے
فرمان چانی سوی کُوہ مانے

میلتو لعلِ مرجانے سیت
میلتو لعلِ مرجانے سیت
مصرس داڈی چانے سیت
عشقن دادُی فرہاد زانے
کسُ بنہ پیغام شیرینہ میانے
سیخی تراوم چانے سیت
عشقن دادُی منصور زانے
لوُرک معنے سوی ہُوزانے
چمنن فیران چانے سیت
عشقن دادُی لیلی ہُوزانے
دیوانہ کرتھس مجنونہ میانے
دُوہ دِن اوُس چانے سیت
میلتو لعلِ مرجانے سیت

## وَنَوُن

پوشس قِل باغس توشتے بالی
ینیر زلہ سوُنہ سنز جامہ تراوِنالی
عشقہ دلہ شکہ تہ جامہ تراوِنالی
لوپہ سنہ شرح بند سوُنہ کنہ والی
مسہ چھوہ دلابہ رسہ مسہ کالی!
ناشہ دِت ماشہ آسہ سنتالی
ذوقہ مس چاوس شوقہ کلہ والی
گوشن دنگہ رنگہ پوشن چالی
خالکُو نقطہ چھوُنہ خائے
دم دتو ڈونگو عشقہ پاتالی

اَز بیہ لالہ ۳ سانو سائے
اَز بیہ لالہ ۳ سانو سلائے
مختہ دشہ چنہ انزائے
اَز بیہ لالہ سانو سائے
بالہ یارِ لولہ نارہ زائے
اَز بیہ لالہ سانو سائے
تمہ ژنشہ گوچائے
نالِ گی داسس ۳ زلف کزالی
حالکُو پیالہ جیت سینی بچالی
کھالکہ لعلِ مولائے۔

کنہہ چھہ ترو تازہ کنہہ چھہ اوبالی
رازہ ہیہ رازہ پاتاسئے

آو حقانی تازہ سوالی
تازہ دیہ روشن تازہ ہیہ مالی

# بجلی وندون کشمیری

سالہ تیہ لالہ بانو حال دل باشہ
بوینارہ بجلی تارہ آنہ ناوے
لینہ پت لبہ بوسہ چہ قمشرہ راوے
دردک پاور تراوہ ہو
تیہ تیہ فیوژ تہ تہ شیرناوے
دشمنے ژہنہ کرہ زنہ کلش تراوے
لیناہ شاصہ رژیناوہ ہو
بنگال آتشبازہ زالہ ناوے
اسمانن فانوس کیاہ وڈہ ناوے
کمہ نعمشرہ رنہ ناوہ ہو
چینی پیالن قہوہ پھرہ ناوے
میل بیت چھوی تی آیت تھاوی
عنبرہ احوال باوہ ہو
بازیتہ راز دل ساری باوی

گوشن پوشن وتھراوہ ہو
ٹینس فارمی تھاوہ ہو
لولچہ تارہ بلہ ہو بلہ ناوے
وتہ دنہ جرمن بتہ گاش تھاوے
حدہ رستو لول باگراوہ ہو
چھٹ گیرت رودکت کت تھاوے
ہت لین بتہ فی دوردانہ تھاوے
رنگال پوشن فولہ راوہ ہو
دمہ چاپہ شٹھ بو دلہ آنہ ناوے
دمہ دمہ ریتارت شوان پیراوے
ایلتہ دار چین تراوہ ہو
برہ اتھ ہرہ کی کھاس برہ ناوے
عنبرہ ژی کرتن بوناوے
تازہ نین تن پیراوہ ہو

تازہ تازہ وندون بو دنہ ناوے
گوشن پوشن وتھراوہ ہو

## وندون

شوقہ سان ونہ وا بو عشقہ فانہ
ژو تہ جان وندہ ہوی جان جانانہ
مارہ مژر مستو ماہ رخسار
شورہ پانہ چانی چھوم ارمانہ

شاہ خوبانہ صاوہ دیدار
ژی بتہ گیمژ چھس دیوانہ
لیلہ چھوم میل چانی مجنونہ جانہ
زورہ یاٹ ناوم نورہ خسلم

مُورہ نار عشقن چھس للہ وانہ
وُپر گو ذاتن تھاوُن سانہ
شمشاد قدہ میانہ سروِ دانہ
یاوُن کرِتھ سے کلہ فُرمانہ
ژکہ چانہ آفتاب پرُانوار
وچھتی زُلفک مار پیچانہ
اُلفتہ چانی گیہ زوالی
ماری ژلو ہم آوسے نہ عالی
مسہ کھاس چشمہ چھی مستانہ
کرس زنہ لولہ کمہ دوانہ
قد زن چانی خوش گفتار
ماریہندہ طوطہ خوش الحانہ
مارہ کنہ شمع عس پتہ پروانہ
سالن کرمژ چھم تیاری
سمہ ہوتہ تہ بو خلوتخانہ
چھمہ ہو وصلکہ مے پیمانہ
شب روز چانی چھم انانہ
عشقہ واوہ باد خزانہ
کمہ نا بلبل ووہ نہ فغانہ
کیاہ کہ نالت تاب چھم نہ دلانہ
شوق گوم آباد دل ویرانہ
مسکین چھ نہ کس چانہ اقانہ

ژہ تہ مہ آسون عہدو پیمانہ
آدلہ آسہ نہ دون آسو بیگانہ
روشیہ روشیہ تراو تھم خوش رفتار
شوبہ دُن روی چانی ماہ تابانہ
لوبہ دُن دل چھم وچھ یکہ آنہ
لوُچھنے آیہ عاشق زار
چاریت دود ہم بوم کمانہ
داریت دتھم تیر مژگانہ
حسن مہ نیو تھم چھس بیمار
آسہ دُن کیاہ چھی غنچہ نانہ
ووٹھ چانی ژہ فل دند دُردانہ
کانہ تھد سدو وچھہ ہاو دیدار
سُم الیمانس ولمز مانہ
جگرک کباب دل بریانہ
بمہ ہو پانہ وان در گفتار
زولہ مہ چھم نہ راوم رانہ
کلہ چانہ سوندری سوم ترانہ
یمہ زن یاوُن گوم گل زار
شاہ خوبانہ ہاو دیدار
دُورِ ران چانی کرتس خوار
شاہ خوبانہ ہاو دیدار
ژہ سوا کس شس کرہ اظہار

غیرس یاوُن چھم نہ آسانہ
شاہ خوبانہ ہاو دیدار

بسم اللہ الرحمٰن الرحیم

# وَنہ وُن حصّہ دویم بزبانِ کشمیری

یا نبی نعت چانو کر آغازه
صلوات سوزوی کب بے اندازه
ساسه بزه تسلیمه خاصه نیازه
اک وعلیکاه توره سوز بازه
ماٹھو معبوتس ژی خوشخوی
نبین منز پھوک ژی ممتازهٔ
مرتبه سر پھوی ژی اعزازهٔ
جبرئیل همراه ژی آسوی
معراج کرتھم محرم رازه
انعام هت آک پانژ نمازه
وَنه وان آئے ژی هرسوی
معشوقه جان کیاه پھوک طنازهٔ
زمزمه کره هوی طمعته آزهٔ
وا بلبل هوی چانو عنبر بوی
ذاتن ٲنونے نازو نیازه
ٲونے جلوه ته بانے رازه
هول ژله تلِه یله نور واتوی
قبوتلک سٲلر ذوقکه وازهٔ
کونگه رنگه روی پهنه بوی ویازه
دور چانو بو دور دروازهٔ
هول کاکس اسه بوز لوله بیازهٔ
سوزه کے سنطور والوی سازهٔ
کن تھاوونه ون وا لو خوش آوازه
امتی سٲرن یته لاروی

تازه تازه وَنه وایو
تازه تازه وَنه وایو
پوز اخلاص درود سوزوی
از للہ محموده سرافرازهٔ
تیتھ محمودس آسو ابازهٔ
تاره کن منز تیجه ماه دلجوی
کنزه اوجک پھوک شهبازه
لامکان واتوک اکه پروازه
امتس حق بر بخشش آیو
حوره دار پیرت نوره پیشوازه
سیر کراز پھوک میله مهرازه
معشوقسان اس جان ونه وایو
والشمس روس والضحیٰ غازه
مازاغ سرمه هره چانه چشمه رازهٔ
ذاتن دتونے کیاه ابروے
بولکس صدائس لوب ٲجبازه
لول آو اسه تراوو تھ دروازه
عشقه تاوه تله لوله قلبه خوشبوی

تازه تازه وَنه وایو!
سورگو بدتن پته ٲزوی
تازه تازه وَنه وایو!
لاله بوز سنه ون ناله تراوی
جنتس کال جهوی سٲله مهرازه
تیتھنه اسه تراوک تھاوک بازه

نادم چھو لیکھن عجز و نیازہ — تھاو تس منظور ہا وتس لوی
یاپ بخشاوتس تراوتس جازہ — تازہ بہ تازہ ونہ وا ۔ لو !

## ونزون کشمیری

یا نبی ژی چھی شاہنشاہی — شاہی مہ تا ماہی چھے
امہ شاہی نشہ کمہ جہاہی — شاہی مہ تا ماہی چھے
بانہ لو زانوی یانہ الٰہی — شانہ یژہ والا جاہی چھے
صدر چہ قدر چھی ژی دراہی — شاہی مہ تا ماہی چھے
ہیبت چانو بلہ گواہی — ژور وکن یالائی چھے
شیر وژی نش کر ووباہی — شاہی مہ تا ماہی چھے
پکھ بد صلوات اسہ کراہی — ہچہ ژسان خیر خواہی چھے
لولہ ژ تلیمہ تو ر سوا ہی — شاہی مہ تا ماہی چھے
گوشن زار سان گوہ گاہی — ژشن سان جان گاہی چھے
یہ اک جلوہ دتہ ناگاہی — شاہی مہ تا ماہی چھے
موی چھرہ راوم موی سیاہی — معلوم میان کوتاہی چھے
منتہ ہنتہ امتس بیت للٰہی — شاہی مہ تا ماہی چھے
نادم چھو یو منت در گمراہی ! — نیک و بد پور آگاہی چھے
چان بخشایش میان بیراہی — شاہی مہ تا ماہی چھے
یا نبی ژی چھے شاہنشاہی — شاہی مہ تا ماہی چھے

## ونہ ون کشمیری

حمدہ نہ پتوس لایزالس — حضرت سانو گرہ سالس آہی
وکھرن وکھرتوس نور بنگالس — حضرت سانو گرہ سالس آہی
دیدیہ بڈ چھو کات نگدوالس — شاہی ژ و یادہی چھنے آہی
دل وچھتہ لوبان تملس تہ شالس — حضرت سانو گرہ سالس آہی
نسبت تس بیت تھند مہ حالس — نسل نسب تھند چھوتہ بڈ چھوس پای
پرہیزگاہ بیت اصحابانی ! سلس — حضرت نبیس جنتک لعلس !
جبرئیل پسند چھوی خاکپای — عالم مشتاق چھوس جمالس
غمخوار امتس پرتاکہ زہ حالس — رحمن سورالس بہ خدائے

قربان خویس تہ خوشخصالس
والضّحیٰ چہرس صفت بدرکمالس
واللّیل تعریف زلفس تہ خالس
مازاغ چشمن نِندرِ چھنہ لالس
سایہ رستو سایہ بُڈ سایہ کل حالس
نور گوپیدا آسو حبُ لایزالس
آدم آسو نہ منز صلصالس
کتھو یام آچس عرشہ ہنگالس
جبرئیلس منز گے تت تمثالس
ملک دائی ساری استقبالس
پت لو جبرئیل کھوڑ پروبالس
صدیق وچھید رسیت بلالس
خوش گیک حضرت قلبس تہ قالس
اُمتوک موکجار لیو کھنہ رالس
مرحبا تہندِس اَت اجلالس
صدیق صاحبس می لُدن پیالس
تھہ یار تموی آبِ زلالس
حسنین عین غین ہیو گلالس
دونوی ہی چھوک رضا یمس پالس
کیتاہ لاگن بے پروائی
حضرت عائشس علم دراو فالس
تموی حل کر پرت اشکالس
سارن آسک دذ رچہ جائی
حضرت فاطمس نورہ پرکالس
سرزنانن پرت کو نہ حالس
یس ناو ژاو لُو تہ اُمیچ جائی
اصحاب حضرت پرت کو نہ سمالس

حضرتس انو گرسالس آئی
یاسین وطٰہٰ ناوس آئے
حضرتس انو گرہ سالس آئی
اُمیچ کیشراہ تس پچھے مائی
حضرتس انو گرہ سالس آئی
کرنہ سوی پُرہ پلنہ زنچ جائی
حضرتس انو گرہ سالس آئی
احشمد گو احد سترنا پائے
حضرتس انو گرہ سالس آئی
حورہ سوزِ پران وِنہ وان دائی
حضرتس انو گرہ سالس آئی
النسہ کن تن تتہ ساری دائی
حضرتس انو گرہ سالس آئی
طے کرت آسمان آودِت گرائی
حضرتس انو گرہ سالس آئی
بیہ ترت یارن اذیرن مائی
حضرتس انو گرہ سالس آئی
جنتک نوجوان دلربائی
حضرت خدیجن کنہہ وچھنہ مالس 〃
واژس سلام تِش لایزالس 〃
مفتی اصحاب بیٹھ برجائی
پاک امّہات رچھہ عیالس 〃
خوژ چھک مشتاق تن جمالس
پریہ چھیس ژذ نزہ ہت حوروِ دائی
زِہ منزہ ناو آل چھی ابوالالس 〃
پوسنہ ژاو کلمہ سوی منز غربالس 〃
چھی کاشنہ نارک رہنمائی

پتہ یک گاشس نتہ لگک زالس
عالم اُمنوک نِشہ لا یزالس
تمنّا ہوسی آسہٕ منز قالس
امامِ اعظمس رحم علم کمالس
علمچہ اعلمی تھوکہ کبالس
مژدہ دِتو حضرتن تس بحر قالس
سوی بیانہِ امتوک ثُو پرث حالس
ترینہ وی مذہبَن جمع بیعالس
امتس منز بنی یتھ اجلالس
صوفی صاف چھی منز افضالس
نوری تم چھی سر تا پاہی
فرمود حضرتن منز اقوالس
تت گواہ قرآن پرک منز قالس
سادِن ولین یم تھو پائے
خواجہ بزرگس پادِ میجالس
واتِہ کُس تہندس جودو نوالس
یم کاس کافرن کفرچ ہائے
نوردین صابس نورجمالس!
رشتک جامہ تمی پالس!
مخدوم صابس مامس تہ سالس
کرحفن واقف سانس حالس
ایشان صابس حسیح کمالس!
پاری تہندس استقلالس!
ڈالہ بو یمنی دل لِدہ پیالس
یہ کیاہ بیہ نس مہ خستہ خالس
دردِل یاوس سر تا پاہی!
عبدالقدیرس امس پالس

حضرت سانو گرہ سالس آہی
انبیاء ہیو چھی تھد چھوک پاہی
حضرت سانو گرہ سالس آہی
علمہ سیت سارن دپونے داہی
حضرت سانو گرہ سالس آہی
مرداہ نیرہ فارسس بر جاہی
پیشوا مومنن دِدو سراہی
حضرت سانو گرہ سالس آہی
تھو شیخ قومس منز پیشواہی
اولیا بہہ نے نوِرہ نگالس!
انبیا تہ شہد اغبطن حالس
خوف کہن سارِی کھننہ اولیاء
غوث الاعظمس لس ایدالس
سایلو گر ھتوتس سوالس!
یم کر پادشاہ لنگ گداہی
ولیس علیس علیا سندِس آلس
یارِ پارِ تہندس قیلس تہ قالس
کاشرن ہندِیس ہانڈان پاہی
حضرت سانو گرہ سالس آہی
سارِی بس تِس فیض ہتے راہی
حضرت سانو گرہ سالس آہی
دورِ یم کراون رِ فصیح زِ ہاہی
حضرت سانو گرہ سالس آہی
جگرک خون پھرہ قہوہ تہ چاہی
رزاق صابس قندیلہ زالس
واتِم حالس غمہ نو ثالس!
حضرت سانو گرہ سالس آہی

| حضرت سانو گرہ سالس آبی | رحم دیوہ کرِتس پٹ اکھوالس |
| --- | --- |

## کشیر — وَنہ وُن بزبانِ احمد میر آریگام — وتروُن

ژلوم دل ہت لاگام سوُنے وُنہ آم وسے
یمے دیدِو وچھوم یار تتہ پیٚکس لوبیدالہ
عقل کرِم پریشان وچھوم یِنہ یار جانان
نمس دوُدم نہ کینہ عار کرتھ تھاوم منہ یگالہ
پتہ یاد دل ہت ون ہنو دورہ وُزی کمہ ناو یا پیوُرلہ
یتیماکس اژن سنِ، اژہ تمانت آلوت کنیٚ
نگارہ لیے وفادارک، ہنتَ سَن تہ دمہ ڈاک
ژہ دستو کینہ چھوُمتہ درکار، مہ ہال ژ لعل تہ دیار
پھیرم جانوی مہ گفتار لجس زالس بیکیار
ژہ احمد میرہ ہرتار، وَن چھوُی سازو ستیالہ
ژلوم دل ہت دلا دام، سوُنے وُنہ آم وسے

کرِت تھاوِنس لو بد نام سوُنے وُنہ آم وسے
نہ چھوم مہ دزان نار وچھِن دیدار وسے
ذرہ چھوم نہ مہ آرام کرِس التقام وسے
یہ چھا احوال دلدار، تھوُن دو گنہگار وسے
شمعس کت کران پور، دزان دزنار وسے
لولاکے لاگے لولہ گتہ رُن، مرِ بیکیار وسے
وَلے لولک لو فراق، اَلے دشعار وسے
ژھہ لاگے خریدار، وَنے اسرار وسے
مہ نہ چھو ژہ دستو وار، دزِ بیکیار وسے
دمن اندر ژہ چھوی تار، کرس گفتار وسے
کرِت تھاوِنس لو بد نام لجس دیار وسے

## کشمیری — دمن اندر ژہ چھوی یار! کرس گفتار وسے — ونہ وُن

ناگیر ایس سوُنہ کنہ والی
ترٹ تہ مالہ چھےٚ لتس نالی
وُو تگنم نا گس تہ گوم اوبالی
چھی ونی آسمان کینجے آلی
گوشن وچھکے ہا نیرزالی
جامہ چھی چھت نے جامہ اوزالی
لو نمبرن لوزت برخوشحالی
غمبرہ عشقہ نارہ عاشق زالی
وُڈہ چھک وُڈہ نتہ نال چھک سالی
گنہ جامہ بیر نال اوزالی
کھیٚنہ کھی یپہ ناسوالے

بُرونٹھ نیرہ ہاہیہ مالیٚ
بُرونٹھ نیرہ ہاہیہ مالیٚ
ژہ انجام جنگلن بالیٚ
بُرونٹھ نیرہ ہاہیہ مالیٚ
پوشن منز چھے چالیٚ
بُرونٹھ نیرہ ہاہیہ مالیٚ
عنبر جامہ چھس نالیٚ
بُرونٹھ نیرہ ہاہیہ مالیٚ
سنبلان زلفن زالیٚ
ژھی سیر لو لدہ سے ڈالی
فتہ تھی مرہ لوبیلہ کس کالی

صد کس منز باگ لعل مولائی
لعل یلہ کھاک پکہ بال بالی
ژے دے کرنس بالئے
عزیزہ دپچی بجائے کہ خالی

ڈونگلو تمہ منزہ کھالئے
مے یلہ چاونس تم کلہ والی!
پے کتہ لبہ سے چھم لااوبالی
از ییہ شاہ سانو سالئے

وندون
کلہ یان وندہ سے چھم خوشحالی
برونٹھہ نیرہ ماہیہ مالئے
کشمیری

روپہ سُند دسوانہ سونہ سند والی
سالہ ییتہ سوزے نو سوالی
غصہ ترا وشرا ویُران ملالی
ناقہ کہ خال ام خالی لو
یم زلف سنبل کم سنبالی
تنبلان دل چھوم یدو الجمالی
ام نار عشقن کیتاہ زالی
یم ناز حُسنک ونتہ کالی
گل پھل وادہ تہ چھم خوشحالی
بلبل ونان چھوی احوالی
پیمانہ مالا مالی لو!
روشہ ولہ گوشس تھاو لوز احوالی
پوشن لو کرے مال ہیہ مالی
نازنین مہ مثالی لو!
پاندان عاشق چھوی سوالی

دیدار ہاو پوشہ مالی لو
حال دل کرہ ہے حالی لو
کاکل مشکین رخ اوزالی
کیتاہ ماپرام بُمہ ہلالی
شہمار زن گیم نالی لو
دیدار ہاو ییہ مالی لو
دمہ دمہ چھک بے حالی لو
دیدار ہاو پوشہ مالی لو
مس کر یا قلین پیالی لو
مس مہ دتو تم امہ کلہ والی
تی چت چھو رپای کم عالی
تو شان وتھری نالی لو
قد ناز آزاد کیاہ چھوی عالی
شمشاد کم شاد دارس کھالی
ژوپر زرہ کوت کالی لو

ژہ تہ مہ ملہ وون اس زالی
دیدار ہاو پوشہ مالی لو

حرف کشمیری

یمبرزلہ وزہ کلہ سانو ولہ مدہ نوسانو ولہ مدلو
الس گنزرم ژندم نہ تامے ژندرم تہ تامے
ماہ رییہ مستہ کہ نقش خستہ گہ نقش لو خستہ
مایہ چانہ نیرے بنگلن پھیرے بنگلن پھیرے

نوکری موزہ چھلہ سانو ولہ مدلو سانو ولہ مدلو
ایم نہ اکھ ولہ سانو ولہ مدہ نو سانو ولہ مدلو
دل نیرت ژھلہ ژھلہ سانو ولہ مدلو سانو ولہ مدلو
دل ونس ہرتہ یلہ سانو ولہ مدلو سانو ولہ مدلو

نشاط شالماران گمت چھہ فولگمت چھہ نو — سیراہ کرو ڈلہ سانو ولہ مدنو سانو ولہ مدہ نو
نوروک پرتو عالمس سوی پیو عالمس سوی پیو — ونہ زح ابر ابرہ تلہ سانو ولہ مدنو سانو ولہ مدنو
امہ عشقہ جوشہ ہوش بالہ اوم ہوش لہ اوم — لال یمبرزل نکلہ سانو ولہ مدنو سانو ولہ مدنو
گچھ کوٹھ اچھہ دار ابرنگ پیراوے پمبرنگ پیراوے — ننک چھس ننہ وار سانو ولہ مدنو سانو ولہ مدنو
نتہ چھس پیمبر دلخستہ گیمبر دلخستہ گیمبر — وید ووچانہ بلہ لو بمار سانو ولہ مدنو سانو ولہ مدنو
ینہ چانہ شرتلہ لولہ بمارس لولہ بمارس — ہیمہ سقہ زن فولہ سانو ولہ مدنو سانو ولہ مدنو
ندری زا جنس، تندری نارن تندری نارن — چھیم ہان منقلہ سانو ولہ مدنو سانو ولہ مدنو
پولکس باغس فولیاہ لجمہ فولیاہ لجمہ — پھیم سنبل ہیر زلہ سانو ولہ مدنو سانو ولہ مدنو
درمان کرتم، ادہ مان ثلہ ہم ادمان ثلہ ہم — قربان کرہ با گلہ سانو ولہ مدنو سانو ولہ مدنو
پشہ پشہ تھاوتھم لشہ نازہ چھس لشہ نازہ چھم — عشقہ ستہ ڈانلہ سانو ولہ مدنو سانو ولہ مدنو
کینہ کیاہ ڈولو تھم سینہ میانی ڈولو تھم سینہ میانی — دینہ کمہ تراہ سانو ولہ مدنو سانو ولہ مدنو
زلفہ خالے، اچھس لے اچھس زالے — داغ چھہ منہ کو دثلہ سانو ولہ مدنو سانو ولہ مدنو
جوانی مے چھے اتھہ ہینہ ونان اتھہ ہینہ ترا — تو پیچ مشعلہ سانو ولہ مدنو سانو ولہ مدنو
کلہ چانہ سودگوم نازنین پانس نازنین پانس — کرہ کس یم گلہ سانو ولہ مدنو سانو ولہ مدنو
تہ بال چھس خون دل ہاران خون دل ہاران — شرادن سین گلہ سانو ولہ مدنو سانو ولہ مدنو
ڈیلہ جنس نظراہ کرتس نظراہ کرتس — ستراہ ڈاڈہ تلہ سانو ولہ مدنو سانو ولہ مدنو
یمہ کمہ زہ ملہ یمہ کمہ زہ ملہ — سانو ولہ مدنو سانو ولہ مدنو

## وندوُن کشمیری

شہزادہ بیمو چانی آوے — گوشن پوشن تھرادہ لو
وُنہ وُن جورن اکھہ تہ نلوے — گوشن پوشن کنفرادہ لو
ہوم چھوم گومت لول برہ ناوے — سیتارہ سازوایہ نادہ لو
لول چھوم لالو لعل تھراوے — گوشن پوشن تھرادہ لو
کمخواب زربفت فرشہ کنہ تراوے — وتہ فی منحتہ چھکہ رادہ لو
پتہ تیہ ہتہ برہ مہرہ باگراوے — سیاسہ برہ مشعلہ الاوزا ناوے
ستارہ زن برہ لادہ لو — آتشبازہ بند حشنہ کرہ ناوے
سوندرن ہند نغمہ گن لو ناوے — گندروغم مشرادہ لو

صُورت بند رچہ سیرت ناوے
عجمکہ چمبہ دار تھاوہ لو
سونہ پیز اس مخنتہ جرہ ناوے
مِصرکس ماجس ولج گرہ ناوے
آب حیاتہ کھُور جیلہ ناوے
نازِ نینہ چینک پیالہ ناوے
گرگرِ گرِئزرہ تراوہ ناوے
خلعت شاہانہ نال تراوناوے
لکہ واجہ سیت کمہ شہلاوے
دِتھرن اطلاس تراوہ لو
سائکر ساری آنہ ناوے
روزِم دماہ سوز لوزہ ناوے
جرمن تبہ گاشس ناوہ لو
لمپہ لالہ ہانڈہ جار شمع زالہ ناوے
سوکھ کوٹھہ موکھ ژی ژر کہاوے
لاسچ چاے تراوہ ناوہ لو
حیدر پورک کلیچہ کرہ ناوے
لوزنانہ بادمہ مچمہ بر ناوے
میوٹھ میوٹھ قہوہ پھرہ ناوہ لو
وازہ پورہ سائہ بد وازہ آنہ ناوے
رنبہ ونہ چھنہ وُلہ زالہ ناوے
خوش مزہ وازہ وان ناوہ لو
کابلس بارکس کرہ پوناوے
ژلنتین زعفران پران چان تراوے
سُونہ بند خلالہ سونرہ کرہ ناوے
نقش تت چھتھی دل تیلاد
جامن معلی چاے پھرہ ناوے

" عربکس گرہ سی زین کرہ ناوے
برونٹھ برونٹھ موٹرتہ لاری تراوے
پادن ہیر مینز لاگہ ناوہ لو
گرِگشن پوشن تھراوہ لو
کلابہ سیت تن ناوہ لو
پرپر اسپندہ تہ دوہ زالے
جرُجبہ جامہ نال لاگہ ناوے
تاج زرِ سر تھاوہ لو!
" سونہ سنزہ ژرٹھ ڈوہ ناوے
مسند شاہانہ تسلطانہ تراوے
وختہ ولن رلوونہ ناوہ لو
" لمپ لالہ بجلی چار زالہ ناوے
ٹیبل لمپ لو ترنٹھ کنہ تھاوے
خوشبہ زادہ سیت مہہ ناوہ لو
مِصرک قند لو مصرہ اتہ ناوے
کل دار چین چینہ ہٹھ آنہ ناوے
پاپنو اشر مالہ تھاوہ لو
" چین ماچینک پیالہ آنہ ناوے
" چھتمو ہراذہ چھمہ چان ساوے
نف ہ لو پرہ مارہ ناوہ لو
تازہ تہ سازہ سُن رنہ ناوے
ہیتھ مازبہ پیازہ یا بای کھیاو
ژہ تہ چان دوستدار کھیاوہ لو
گوشن پوشن تھراوہ لو
نازک تہ آزک تھاوہ لو
گوشن پوشن تھراوہ لو
سال بارکی چاوہ لو

| | |
|---|---|
| کمیاہ کرنہ کنھ ام ٹھیکہ داری<br>بائیسکل بیہ پار پاریئے<br>عبدالخالق در انتظاری | سالہ تہ سونتے موٹر تہ لاری<br>ہوس بوٹ پادر دار شکاری<br>بنہ کرو نہ جسم کاریئے |

| | | |
|---|---|---|
| وَنہ وَن | ژھنچہ اکہ یتہ یہ گنجہ بازاری<br>ظفر میلہ و نہاریئے | کشمیری |

بجلی گاش فیور کوچہ بازاری
آو گو مہرہ چھس لرہ بو نیاری
ہی ٹیلیشن لین تتہ گیہ جاری
پارچہ امنس ساریئے
لوٹیشن لین تتہ گیہ جاری
گرہ پت کرہ لاج نند ٹھیکداری
گیک تہ پلچرے شماری
ونترو تہ جرمن یتہ کاش جاری
ہر رنگہ احسان وات سرکاری
سڑکو تہ نلکہ آب خوشگواری
تارہ ٹیلیفون چھی خبرداری
الٰہی یتہ کرہ لو پیالہ برداری
بڈ بٹھہ کرونٹھ تراوی موٹر تہ لاری
دان شین بنہ ٹیٹھ یتہ گیہ جاری
محترشہ گیہ آزادساری
نوا محمد و نان ولنہ زاری
وَنہ وَن تس نشہ میلان وَنہ وَن ساری
ہول یہ کوم لوئن چانی
لِشہ اکہ روی ہا کر مہربانی
سونہ سنز تالہ ز کیاہ چھیہ شوبانی
دشکہ پان زہ کہو عشقہ بیچانی
زلفن ژھایہ یم زور تا بانی

لالہ درا و گنج بازاریئے
اسباب جمع تتہ ساریئے
شہرس کوچہ بازاریئے
ریشم خانہ منترہ درا و بیکاری
شہرس کوچہ بازاریئے
لوئے سپھم ریشم تاریئے
لالہ درا و گنجہ بازاریئے
لنہ نچھ یتہ پیداریئے
لالہ درا و گنجہ بازاریئے
ہوس بوٹ پادر شکاریئے
لالہ دراو گنجہ بازاریئے
غم غصہ ژلنم ساریئے
لالہ دراو گنجہ بازاریئے
لب زنار تہ ستکاریئے
لالہ دراو گنجہ بازاریئے
پیشہ تس چھوی دوکانداریئے
لالہ دراو گنجہ بازاریئے کشمیری
سوز دل بوز دردا نیئے
سوز دل بوز دردا نیئے
دوران پور نگرا نیئے
سوز دل بوز دردا نیئے
ستہ رنگ گرت ماریئے

اَبرہ تلہ کرِتھ زن زٕژہ ترٲوانی
حُسنکہ شہرہ چھکھے مہارانی
پیرت دراییک منتر پرِ ستانی
ٲوزت کتھ چانہ دل چھو لوٗ بانی
کم کم عاشقن اَتھ مُوٗرانی
دوپی ژھایہ چھک تھاوانی
ڈیشت چشمہ چانہ برم پھوٗلارانی
دمرہ سان غمزہ تیر چھکھے لایانی
اَچھہ مِہ کسیم وَنہ ادھپانی
اَشہ کنہ چھس بو خون ہارانی
کاوٕس اَتھ چھس پچھ سُوزانی
داوٕس لاگوی اَزلہ لانی
سوروی لاگوم کس ژھارانی
کیاسنا بوز نا فریادیانی
دورہ یارہ سند دل چھوہ داوانی
وَنہ کس بالہ یار چھوم روشانی
بھچھہ لولہ سیت اَو تارانی

سُوز دِل بوز دُر دا اینے
نازنین گُل خدا بنے
سوز دِل بو دُر دا اینے
ہوش چھونہ ڈینجہ دزاینے
سنبل مشکس شانہ کرانی
گنہ منزہ گاش ہاوُ پھیرہ زندگانی
نیہر زلہ چھ منزہ چھاینے
سوز دل بوز دُر دا اینے
ژیر کال گوم پرا راینے
سوز دل بوز دُر دا اینے
آلو چھوٗنہ بوزا اینے
سوز دل بوز دُر دا اینے
کوتہ چھونہ دوی ہاوانئے
سوز دل بوز دد اینے
لولہ نادہ سینہ زالاینے
سوز دل بوزدر دا اینے
ویدار ہاوُ ید مانے

| وَنہ وُن | شوقہ چانہ جان کیاہ چھی وَنہ دانی<br>سوز دل بوز دُر دا اینے | کشمیری |
|---|---|---|

بالہ چھوم تمنا جان دل لاگے
ڈالہ بوچھے ژھ گنڈ لاگے
رنگ کو ٹھ ژی کتو رنگ ہیزاگے
کونگ گشتو لولہ سیت تن ہے ناوے
اتھہ کس پچھ ڈے منز ہیراکے
پچھہ منہ دزتم بوزتم لاکے
ہنہ ہنہ تنہ ژِہ گم بانی
مس گھاس بی مے چھانی تاوے

آیت تھاوے زٕوتہ جان
آیت تھاوے زٕوتہ جان
رنگہ رنگہ مانے چھانو فرمان
آیت تھاوے زوتہ جان
اچھ دار چھہ بد اگرہ سامان
تیں زن گا جھقس ہار تہ تاوے
وصلکہ شرمتہ بیب سہلاوے
ہسہ تہ ونہ دے کلہ تہ پان

حسب چھس دِ جِگر وَلہ سہ ہٲوِ ے
موکھ چانہ جگرس دِلہ ام اَمان
ینہ مہ بوزم چانو آدٲ ے
دِل چھوم خوشہ سیت تراوترٲ ے
دِرہ کو دوہ می ژ ی اوچھان
پانس کرمت چھوم پیراو
ژ ی کژ نازک تن شیرٲ ے
ہنہ سہ ہیمی کتھ دِن ترٲ ے
درتہ سہ دِ رشن کأل بوٲ ے
بِرہ گل کمہ تھس عشقنہ وٲ ے
دِرہ کوت جگرس نرے ژاو ے
شرچھوم گا جتھس شرمہ داو ے
لِہ چانہ دلہ نش کیاہ شرٲ ے
آدنہ لوچرہ چھوم پچکہ چاٹے

سوکھ ناراض چھم سوکھنے ساٲ ے
رخ چانو دِلیشت سوکھ کونہ ہاٲ ے
کنہ بوزتہ کہ چھس توشان
تھرہ پوش ظلمت چھم کمہ چاو ے
نرہ زی داریت لرہ پان سلٲ ے
اطلاس مخمل رونہ دامان
آیت تھاوے زوتہ جان
بتہ سہ آخر دنیا چھو فان
آیت تھاوے زوتہ جان
کرہ نا بلبل آہ و فغان
آیت تھاوے زوتہ جان
کریت داوس ہنہ درمان
آیت تھاوے زوتہ جان
یادن کرہ ہے کلہ قربان

نادِم مسکین ژ ی پت دراوے
آیت تھاوے زوتہ جان

## وترون کشیری

ہے وس کتو ی گو جانانہ
سوہے آسو نِندرہ بانو ماہ تابانہ
نازنین یار میانو آسو نوانہ
تت شمع صورژ کہ پروانہ
ہے وس انتی جان جانانہ
منترہ من منزلے للہ ون پانے
اندر ی جگہ گوم بریانہ
کس ینس صاحبن زانگوم یانہ
ہے دِس تس گیاہ گوم کرانہ

کونہ بہانہ روزم نا!
کونہ بہانہ روزم نا
از کونہ ینیہ تا وچھس روے
کونہ بہانہ روزم نا!
رونہ زا پیانہ پوشس مہ
کونہ بہانہ روزم نا!
چانہ ہجرانہ میانہ لو
کونہ بہانہ روزِم نا
ہا لہ میدانہ نراون پان

تتہ ماتہنا آسہ کہوڑانہ
بابہ چانہ فیرس ہمت آسانہ
ہیرن لڈمی کہوٚرتہ دامانہ
جگرس کرٕ کھم تیر یارانہ
نن یہم بدنس تم نشانہ
بوٚنٹھی کرنم سنزتہ سامانہ

کونہ بہانہ روزم نا
رابہ چانہ انہ می تونیز ہن
کونہ بہانہ روزم نا
کس ہکہ بادت کس چھوم دوت
کونہ بہانہ روزم نا
ذیوٚنم دنیا فانی زان

# وندوٚن کشیرٕی

معشوقہ مارت ژلوہم بالے
لاشک دودچالو بیوم خوردسالے
وداں شمع زن یانہ کونہ لملے
عاشق یا نیور پان کونہ لملے
اَزلے لون لیس مولہ تلہ والے
یامہ نے ڈکہ نیائے کوتاہ ژالے
سینیاس تراوت گوم گوپالے
ژانجام جنگلن سنگہ مالن
ژنہ دکھی سر بو لدہ سے ڈالے
ژھیہ اکہ ویدارو خوردہ سالے
ادہ رنگ گوم ہیبہ مسوالے
واۓ دوہ کرہ سوٚرنگہ دوالے
دُکھ لد عزیز کوتاہ ژالے

تعشوق چھوم ہیبہ مالے چالو
تعشوق گوم ہیبہ مالے چالو
دزان دادہ چانہ یکھنا سالو
تعشوق چھوم ہیبہ مالے چالو
کس کیاہ کرہ اَدہ مالن کرالو
تعشوق چھوم ہیبہ مالے چالو
سبل ژندہ ییرت تمہ ہاس والو
تعشوق چھوم ہیبہ مالے چالو
کھطہ تھی راتاہ ییہ ناسالو
تعشوق چھوم ہیبہ مالے چالو
دنہ ییہ ساتاہ اکی دشالو
تعشوق چھوم ہیبہ مالے چالو
مُو کھہ لہ دلبرہ دادییم چالو

ڈی یستو دیتہ کس مادہ مٹہ کھالے

تعشوق چھوم ہیبہ مالے چالو!

## وَنہ وُن کشمیری

ینہ وُسرہ ہاتی ییوم سرہ نوی
تیہ کتیو کینہہ گرٛھو حاصل کرہ نوی
وُنہ کس وُزنہ وادہ پھیم ترہ نوی
دلہ گرٛھہ لاالٰہ الااللہ پرٛنوی
زرہ زرہ کرہم دُوئیہ چھیوم دزنوی
کت کتیو ییھو ییما نو چکہ چاوٕ پرنوی
تمہ غمہ رت تہ ماز ہتو نم ہرنوی
زننہ پیٹ کال آخر چھیوم مرنوی
کانہہ نہ زانہہ سنٛد نادٕ چھیوم ترہ نوی
بس زاونس کیاہ چھیوم نس ترنوی

کیاہ کرہ امہ خوتہ مرہ نوی جان
واصلس متکوی زرا وا ارمان
کیاہ کرہ امہ خوتہ مرہ نوی جان
شلہ پان یارس نبلہ ناوان
کیاہ کرہ امہ خوتہ مرہ نوی جان
رت چھیوم موتن وُنہ پکہ وان
کیاہ کرہ امہ خوتہ مرہ نوی جان
کوہ زانہ کنتھ پاٹ نیرم جان
کیاہ کرہ امہ خوتہ مرہ نوی جان
نفس سیتی لڈہ نوی جان

**وَنہ وُن**

قبرِ پانہ محمود گرٛھ صنو زرہ نوی
کیاہ کرہ امہ خوتہ مرہ نوی جان

**کشمیری**

لولہ چاپہ عاشق گیمت خستہ
باغہ سانہ فولمت چھوک پوشہ دستہ
اسہ کیا زہ زاہت لسہ نادٕ دستہ
دوین چان چھومنہ تھاومت خستہ
تاجور بس کیاہ دتو گس تہ
کتہ چاپہ بے مایہ لگیو دستہ
اسہ آیہ وانج لولہ پھشہ نستہ
کم خوبرو ین چاونک مستہ
زلفہ زنجیرہ سیت کہ نک بستہ
زرہ زرہ کوتاہ پٹوی نٕس تہ

مہ رویہ مستہ ہاو دیدار
مشکہ چانہ بہرہ نے آو سمسار
مہ رویہ مستہ ہاو دیدار
راجہ زادہ ماجہ کیاہ تلوی آزار
مہ رویہ مستہ ہاو دیدار
کمہ رایہ تھوو پایہ تراوت کار
مہ رویہ مستہ ہاو دیدار
دلو نک عشقس پٹ اقرار
مہ رویہ مستہ ہاو دیدار
معشوقس کونہ الوان غار

عاشق جانباز معشوقس نہ
ہانہ ہنہ ہر جایہ وِن دمس نہ
ہنہ منزٕ آخرے بوزمس نہ
مسکین باوان یمہ کتھ کتہ

ہمہ رویہ مستہ ہاؤ دیدار
بنہ کیاہ ونہ چھومنہ الوان عار
ہمہ رویہ مستہ ہاؤ دیدار
منزٕ آسو آمُت چھومنزٕ دار

## وَندِوُن

بوزکھے سوزک نامہ کر بتہ
ماہ رویہ مستہ ہاؤ دیدار

## کشمیری

حضرتِ نبیس آسنر ورسی
دمہ دمہ شوقہ سان درودہ پرسی
والضحیٰ روی لتس ماہِ انورسی
خوی کوثر لتس بوئی اذفرسی
اولک نوراوس آو آخرسی
ساقی پانہ ہتہ آسہ ساغرسی
موکلاوہ پاگراوہ حوض کوثرسی
ننھ کس دالس نعلین کرسی
نادمہ سند پاٹ لاگس کھورسی
مارہ گوس کیاہ کرہ روز محشرسی
لارہ تس دامنس تھف بو کرسی
پوہ گوم شراوس کرنس خوار
عاجز نعت خان پیغمبرسی

رحمت سرسی بے شمار
رحمت سرسی بے شمار
واللیل موئی چھوس مشک تار
رحمت سرسی بے شمار
امی آست آموزگار
باقی روز کس گنہگار
رحمت سرسی بے شمار
تن تو بر سی لعل آبدار
رحمت سرسی بے شمار
چارہ کاتہہ چھومنہ جہنس لاچار
دوہ گوم افسوس نفسِ کافرسی
کوہ گوم گنہوک بار لاغرسی
رحمت سرسی بے شمار



نمتا دلسی تس چھو بیار
دیدار ہاوس بے بال و پرسی






مارمندہ چھم جان لولہ بیماری — گکیو بال پار پار ییے
ناگرای ژلومے ناگہ سبزاری — لارس پتہ آر آر ییے
ہیہ ال وچھسے تہنداماری — لگہ یو بال پار پار ییے
زورہ سان غمزہ تیر میر شکاری — سینس تیم دار دار ییے
کیاہ ستاہ چھس میان کیناواری — لگہ یو بال پار پار ییے
تولرے ہند پاٹ فیرن تے وپاری — وُیو رے انومے ژہار ژہار ییے
سالہ تہ تہ لو کرے پیالہ برداری — لگہ یو بال پار پار ییے
سمہ بالہ کوسم گمہ گوم جاری — یارس پتہ لار لار ییے
روزہ ناسا نفاہ روزہ تازاری — لگہ یو بال پار پار ییے
لولہ چانہ رٲنس کرم بیداری — لوژھس کونگ ژار ژار ییے
زونہ نیر وُچھنے میان گلکاری — لگہ یو بال پار پار ییے
حُسنکہ وانہ ییم کر خریداری — بے شک گوسو ہار ہار ییے
پت روز تہنزی نام آواری — لگہ یو بال پار پار ییے
مہجور کوت کال کرہ انتظاری — ییتر کال گوس پرا پرا ییے



بیعار لاگوم تم مدنواری
لگہ یو بال پار پار ییے



تمام شد حصہ دویم وَنہ وُن بزبان کشمیری سنہ ۱۳۶۹ھ

ملنے کا پتہ

غلام محمد نور محمد تاجران کتب مہاراج گنج بازار سرینگر کشمیر

## وَنہٕ وُن در نعت

رُخ چانو رحمت تو کھ نورانی
حق سُبحانی دتونے کیاہ
جان و دِل کرہا کلمہ قربانی
کس مہ پھہوم یس یارسُول اللہ
ذوقہ دریاوہ منزہ کھتنہ زاہ
موکھہا دوکھہ نہ دگش ہم فانی
حق سُبحانی دتونے کیاہ
نبہ ناما تھاہ نہ آسمانی
آزما سوی اللہ چھوک طاہا
گوشن کرہ تو آرباب ہوشن
اخلاق بوزنت افلاک گوشن
سرہم ژلرون سانوی دل
عاشق زرہن نکہ ہنکہ گوشن
از گرہ روشن کلّ عالم
تبہ نشہ سوی پے لبو مینہ نوشن
خوی کوی نا بد آپرم
شوقس نو قسیت کتھہ چھنہ پوشن
از گرہ روشن کلّ عالم
از گرہ منور کلّ عالم نے
مایہ سان داد پرہ ردم تے
جایہ گل زاد گرھ نادس
مُرسل اژ نے سیس تل
وائہ لوز تمسند شانہ چھونہ کم تے
دمہ دمہ نم تو معبودس

## بِسمِ اللہِ الرَّحمٰنِ الرَّحِیمؕ

حق سُبحانی دتونی کیاہ
از ازل تا ابد دنیوک باقی
حق سُبحانی دتونے کیاہ
غربہ تہ شرقن منزہ سُلطانی
آسہ گدائن کرہ مہربانی[۳]
غمہ نشہ آزاد گرھہ ای شاہ
زرہ اکہ طورس سُور گو آنی
حق سُبحانی دتونے کیاہ
ماہ گو سایِل چارہ سانی[۳]

## سایِل

از گرہ روشن کلّ عالم
سرہ منزہ فولیاہ لبچ ہمپوشن
یم تہ لُب یہ لتس سرخم
یارہ دادہ کیتا غنتہ دِل ہوشن
از گرہ روشن کلّ عالم
جو یہ اکہ عاشق دیدم جوشن
ذوقہ سیت پیدہ کو کلّ عالم
تیہ رتش سچھای تھزن تہ گوشن

## علی

دمہ دمہ نم تو معبودس
بلہ نم دادی ژلہ نم غمن تے
اَنبیاء تہ اولیا چھی سرخم تے
لامکان کھارن معراجس
ملکن دذ وا سُو کرم تے

## سایِل[۳]

دون عالمن منز کانھہ چھونہ ثانی
زی منز نبین شاہنشاہ
مول موج دتہ تمنہ چھیم جانی
غرقن عاشق دِل نورانی
حق سُبحانی دتونے کیاہ
نوزہ دیدہ چانو نور ماوانی
دَرہ کتہ مُوسیٰ کلیمُ اللہ[ع]
ژی پردہ بالا چھی خوامانی!
حق سُبحانی دتونے کیاہ
از گرہ روشن کلّ عالم
دوہا خوتند وہہ نگو دبن سانو روشن
از گرہ روشن کلّ عالم
معشوق یہ لس معشوق بوشن
سوئن پوشن کرہ برہم
روی یہ ہا و نم لولاک پوشن
از گرہ روشن کلّ عالم
ذوقہ سیت پانہ درا و صاحب روشن
نیہ نیہ کیہ ون دلشی کم
دمہ دمہ نمہ تو معبودس
دلہ کن رحمن چھوی مرہم نے
فرشتہ کتہ عرشک تھم تے
دمہ دمہ نمہ تو معبودس
مقتدی پینوس بایہ آدم نے
فلکن رووانہ دتھ تھا وہس

فرشتہ کنہ دروازہ عرشِ اعظم تے
یم تتہ سرٚ آسٕس تم یاونس!
حاجت کیاہ چھوی تی منگتم تے
پایہ بٹہ وارہ ماہی چانٕی چھم تی
مغفرت عاصین تم منگونس
یارب عاصی مۍ تٕ چھم تے
دمہ دمہ نمہ تو معبود ٚس
تس بٹہ حرام نارٕ جہنم تے
ووٚل موج میانی فداس
ادٕ کٔل بود کو نہ آیم تے
دمہ دمہ نمہ تو معبود ٚس
ہر دم چھمہ ہا آبِ زمزم تے
خابہ باٹ واتہ نا منز کعبس
بحرِ عرفانک مے چاوم تے
دمہ دمہ نمہ تو معبود ٚس
چیرہ نھف کرمس دٔا لس
پیوش ٚس ٚ دوٚس کمہ شبنم تے

دمہ دمہ نمہ تو معبود ٚس
پیرگار پننک دٕہ محرم تے
دمہ دمہ نمہ تو معبود ٚس
دمہ دمہ نمہ تو معبود ٚس
ہر دم آسوک امتوک غم تے
شب و روز تہنڈی چھیوم وسوس
یا رسول چانوی چھیوم قسم تے
دمہ دمہ نمہ تو معبود ٚس
ژٕ وچان پدٕ لسن تتہ گرہ کم تے
نفسہ ہونہ لاگونس گرِ دالبس
پکہ ہا مکہ پچی ای کینیم تے
دمہ دمہ نمہ تو معبود ٚس
نالہ منتہ بٕٹہ ہا ساری تھم تے
شب و روز تمکوی چھیوم ہاوس
پیر میانو حضرت غوث اعظم تے
چارہ ووزنارہ سنذ سری نابہ تے
دمہ اکہ دیدار ہا وہ علیس!

دوئہ یا پنچھہ منس تس پیالہ بٕہ نم تے
دمہ دمہ نمہ تو معبود ٚس
از زبانِ قدرت پانہ وونس
نیس فکراہ خاص آیم تے
دمہ دمہ نمہ تو معبود ٚس
ینہ منز ندٕ لسن تم وزنہ نم تے
لیس آسہ بایل دردو ٚس
ہمّت عالی تمسنز چھیم تے
دمہ دمہ نمہ تو معبود ٚس
زانوم نہ یا نو سمسا دٕ برم تے
وار چھو منہ لایہ نا بتھا صدرس
بتیاب چھہ ہا بیت حرم تے
دمہ دمہ نمہ تو معبود ٚس
ہمتس چانس کیاہ گرہ کم تے گ
دمہ دمہ نمہ تو معبود ٚس
دمہ دمہ نمہ تو معبود ٚس
ہوکھ چانو طلبن چھوک بلنم تے

ونہ ووݨ کشمیری

دمہ دمہ نمہ تو معبود ٚس

غزل

ووٚلہ چھیوم للہ ژٕ ووٚن ووٚرکہ نارہ
بلہ ہا چانہ دیدارہ بو
گرہ منز گاہ پیو چانہ انوارہ
منتظر روزِ ت چھس ہر سو
زلیخا چھس بو خریدارہ
بلہ ہا چانہ دیدارہ بو
سیرکس نہ کوم جگرس پارہ
بادام چشمو کر بارہ

بلہ ہا چانہ دیدارہ بو
شہر خاموشکہ بحرِ اسرارہ
بلہ ہا چانہ دیدارہ بو
غوشہ تراو لوسرام دٕ انتظارہ
شا یوسف ماہ کنعانو
چیر کیتھ اوتھم میر شکارہ
بلہ ہا چانہ دیدارہ بو
نبیر دل چھس بیمارہ

ژونہ یا پٹھ ہا وتھ تم لولہ رخسارہ
ژٕ ہیتہ نشہ فوطس آیس بو
صورت بند رکہ سودا گارا
بلہ ہا چانہ دیدارہ بو
خوابہ منز کمہ تہس بو گرفتارہ
تیر لایو تھم از قوسِ ابرو
ہا ہنا عاشق امہ خمارہ
بلہ ہا چانہ دیدارہ بو

| | |
|---|---|
| نتہ غیر زانس غم کرڑیئے | ہاوتے ہمپرس وپیاپن |

## وَنہ وُن

| | |
|---|---|
| دِل نیوت عاشقن ہے دِلبریئے | مولہ تلہ وچھمک پریئے ذات |
| دیوانہ حُسنن چیان اس کریئے | مولہ تلہ وچھمک پریئے ذات |
| کت وارہ فجکھے حسنچ تقریئے | بلبلن کلہ چانہ گو عرصات |
| حالہ چھی ڈلمت نالہ کرکریئے | مولہ تلہ وچھمک پریئے ذات |
| قد چھوی سرو ناز خدا لنوریئے | مد چھوی حسنک کیاہ چھہ چاین قدمات |
| حد چھوی لامکان مند بہتریئے | مولہ تلہ وچھمک پریئے ذات |
| بر سر شوبان تاج افسریئے | بُروَر ڈولان شش جہات |
| شاہ بند رازن کری نوکریئے | مولہ تلہ وچھمک پریئے ذات |
| ڈیکہ چھوی مسجد ملکہ منبریئے | آب دنیا وچھت گومت مات |
| ماہ گژھ کاژہ کاژہ راہ کس کریئے | مولہ تلہ وچھمک پریئے ذات |
| ارکمان ابرو خم کرکریئے | سیرہ سان چھم ایوان تیرہ حرکات |
| نیرہ کتھ از جگر تیر زاہریئے | مولہ تلہ وچھمک پریئے ذات |
| چشمن منز چھے جادو گریئے | سحر بنگالس چھنہ سہ مات |
| تتہ ژل ساحری اتھ ہت زہریئے | مولہ تلہ وچھمک پریئے ذات |
| حُسنچہ بیچہ پٹ نقش کم کریئے | الفن دِتومت چھوی علامات |
| میم چھوی دہان لب شکریئے | مولہ تلہ وچھمک پریئے ذات |
| ہونچہ منزہ چاہ ملہ دریئے | ڈنجہ دل روزان چھہ کنہ اکس سات |

گنجہ پٹ شہماد چھو کرت کھڑییٔے
گوشن دُردانہ لعل احمر ییٔے
رُخسار پمپوش فولمت سر ییٔے
چھوی ہٹوک مختہ ہار چوبہ تیر ییٔے
ویلہ گژھہ شاہ مہ یتہ حیلہ کر کریٔے
مژھن چھی مژھ بند کژھن کژھ کریٔے
پچھن دستور ریختہ کیت کریٔے
سینہ چھوم آئینہ چھوم صاف تر ییٔے
ساقین تھاومت یم چھ برابر ییٔے
نافہ چالو نافہ خوتہ مشک اذفر ییٔے
رشکہ سیت ژھایہ رود مشک عنبر ییٔے
یہ چھوی گنج عصمت پاکیزہ ترینے
وچھہ نک طاقت تور کس کریٔے
استین سمیں محکم کریٔے
کھور چھی زن برگ نیلوفر ییٔے
آنگنہ سانہ یک شاہ سندر ییٔے
دِلربا چھک تمے کر تہ دِلبر ییٔے
موی تلہ روی ماہ والنور ییٔے
آسہ کس تہ نصیب حج اکبر ییٔے
موت گوس کامہ ولہ نامہ بر ییٔے

مولہ تلہ وچھمک پریئے ذات
روشن چھی تمی دُر کائنات
مولہ تلہ وچھمک پریئے ذات
زونہ گیہ شرمندہ وِلیشت ذات
مولہ تلہ وچھمک پریئے ذات
ہرن چھی باوٹ زن سفید ذات
مولہ تلہ وچھمک پریئے ذات
حلبلکن شیشن شراب لذات
مولہ تلہ وچھمک پریئے ذات
گل گمت چالو بوزت صفات
مولہ تلہ وچھمک پریئے ذات
لا چھوی الفہ نشہ بے ملاقات
مولہ تلہ وچھمک پریئے ذات
ساق چھوی سیمین دُر نزاکات
مولہ تلہ وچھمک پریئے ذات
اسہ گژھہ منور چھوی درجات
مولہ تلہ وچھمک پریئے ذات
عیدیتہ عاشقن در عرفات
مولہ تلہ وچھمک پریئے ذات
شاہ لبہ کھنہ کرہ ہو بات

دامہ متہ لاگتم شامہ سندریئے
مولہ تلہ وچھمک پریئے ذات

للّٰہ ونجسی می تھاوہ ٹھریئے
باللہ موکھ چانو آب حیات

یمہ وی چھیوۓ تہ تمہ نہ زاہ مریئے
مولہ تلہ وچھمک پریئے ذات

آلو چانی مہ جگرس تریئے
کرانہ ورہ اسی بوزت چانہ شات

لامہ کیاہ لیوکھنم ذات اکریئے
مولہ تلہ وچھمک پریئے ذات

روز ازلکے آسہ دفتریئے
دل میں لکھا ہے تیرے ساتھ

یہی ہے اس کی کاتب گریئے
مولہ تلہ وچھمک پریئے ذات

پراران وانم دارہ دریئے
ساس وہہ چھم گرٹھان اکی اکی سات

دتہ ون درشن پتہ سر سریئے
مولہ تلہ وچھمک پریئے ذات

پیر عبدالعزیز چھوی مہ رہبریئے
سیر تم باونم زوہ تے رات

ہمہ تام ہتونس گٹہ اندریئے
مولہ تلہ وچھمک پریئے ذات

خانیار منز آس چان چاکریئے
یانہ تھاو منت کر التفات

چھوی حسن ڈرائیور چانی مشتریئے
مولہ تلہ وچھمک پریئے ذات

## ونوُن

برمن چھم زو دل مہ کر لیشن
پنن جانانہ ڈیشن کر

مہ چھوم محبت سوی چھوم کر لیشن
پنن جانانہ ڈیشن کر

ژہ ونتے بالہ یارس میانو
مہ کاسم کاژہ زونے گرانو

یو چھس فکرن تہ اندیشن
پنن جانانہ ڈیشن کر

یینے آسی بوتس برتل
تنے سینزم سونس سرتل

سو کر تل لایتم دوشن
پنن جانانہ ڈیشن کر
مے کیاہ کورس کرم تم رم
قرارِ دل منگ رنہ ہیم
بو نو چھس سنگدل پوشن
پنن جانانہ ڈیشن کر
وِلس ژام عشقنوی سن ژوس
شلدو اسن موہرت گوم دور
نوان آرام چھوو باہوشن
پنن جانانہ ڈیشن کر
ہیو دِل اسردہ سانے رونا
بوہاوے سینہ موزرت سوز
بنیا درمان یہ دِلریشن
پنن جانانہ ڈیشن کر
اچھن منز چھے ژہ جادو گاری
پچھن ہنز چھے خریداری
چھ مارمت ختنکی بوشن
پنن جانانہ ڈیشن کر
ینے تراوس بوہ دلدارن
تنے چھس خونِ دِل ہارن
ہکا دِت تمن نیشن
پنن جانانہ ڈیشن کر
حسن ڈریور کران آہی
بوکیہ ژاہ ژالہ تنہائی
ژلس دامانہ باہوشن
پنن جانانہ ڈیشن کر

## وندون

بڈہ نازہ شیرازہ بیٹھ آمتوے
مہرازہ سانوی رتوے آو !
دنیا عقبیٰ چھوی تس کتوے
مہرازہ سانوی رتوے آو
ینہ سانو سردار یدہ گومتوے
تنہ اسہ دُکھ تک ہتوے ناو
باغ توحیدک پوشش فولمتوے
مہرازہ سانوی رتوے آو
آفتابس چھوی روی ہیو متوے
اَدہ چھوی تس منز ہیتوے چاو

نورہ سیٖت عالم چھِن ولمتو یے
ماہ چھوی گومت آرہ کتھو یے
توہ چھس ہلال ناو پیومتو یے
تہندہ سیٖت عالم پیدہ گومتو یے
تہندہ سیٖت پانہٕ ذٕی نُو در امتو یے
مویٔ آسو مشکین رویٔ آسو چھتو یے
بو یہ تہندہ گلنی ناو لبومتو یے
یُنہ چھوِن چشمن سرہ برمتو یے
رشکہ سیٖت گنگس ہرنہٕ ژلمتو یے
یسہ یہ چھوِن لمُنی کشں کدمتو یے
پانہ وچھتہ منصور دارس کھتو یے
یسہ چھوِن موکھہ سی غازہ کرمتو یے
گلاب تہ چھِن منہ چھاوستو یے
یہ چھِن زُلفن شانہ کرمتو یے
سنبل خاکس منہ پیومتو یے
تہ چھوی عالمس غم ژلومتو یے
دین حق تہ پھٹہ پھیلیو متو یے
افقس لولہ سیٖت گومت متو یے

مہرازہ سانوی رتو یے آو
اندری چھس وتھومتو یے تاو
مہرازہ سانوی رتو یے آو
تہندہ سیٖت آدم جنتس ژاو
مہرازہ سانوی رتو یے آو
والضحیٰ واللیل ژہی یاد تھاو
مہرازہ سانوی رتو یے آو
نرگس تہ ژٹ زرزر نو ژاو
مہرازہ سانوی رتو یے آو
تہ مشوقہ عاشقن کیاہ وتھو چھاو
مہرازہ سانوی رتو یے آو
تہ رازہ ہوسرن گومت کاو
مہرازہ سانوی رتو یے آو
عنبر تہ یژھن کیاہ دراو
مہرازہ سانوی رتو یے آو
یہ نہ سانو سردار ماجہ زاو
مہرازہ سانوی رتو یے آو
ہول چھم جگرس کس کرہ گراو

لولہ چھوم پیومت نار ستو ستو یے
مہرازہ سانوی رتو یے آو

# وٕنہ وُن

کوکلی رُو ترا و منز پوشہ وٕنی — مہرازہ آو مہرنیۓ لو
چنگ تے سیتارہ کیاہ وائنیۓ — مہرازہ آو مہرنیۓ لو
شیر ستہ ہیر تے منز چمننۓ — سنبل تھاوتے سنیۓ لو
ہمبرس ینبرزل گرتھ میلنۓ — مہرازہ آو مہرنیۓ لو
بُلبُل ڈیشت باغ پوشنۓ — مسول ورا و ژہارسنیۓ لو
تیسرت مدن تے ہا ہیہ تلنۓ — مہرازہ آو مہرنیۓ لو
خوبی کیتھ شاہ چھے ناننۓ — شوبی محتہ دور نیۓ لو
فرہاد ژھاران چھو شیرنیۓ — مہرازہ آو مہرنیۓ لو
ڈکہ چھون زون زن لگوتا منیۓ — ٹکہ تعویذہ زو تینیۓ لو
چکہ ہند کنہ دس چھوی شوبلنیۓ — مہرازہ آو مہرنیۓ لو
واجہ اتھ چھان یم شینہ خوبہ پرنیۓ — راجہ منز ازچھ رنگنیۓ لو
کاجہ نتیل نافہ سیت ادہ ملنیۓ — مہرازہ آو مہرنیۓ لو
تلہ تے کاترہ چھاو چامنیۓ — ہچلہ می کھار بومنیۓ لو
سنبلت تھاوتے روشہ وامنیۓ — مہرازہ آو مہرنیۓ لو
واسکٹ شوبل پٹ کرٹھنیۓ — بنیان تہ تلہ تیلنیۓ لو
گوڈہ کر شوبان چھی پاینیۓ — مہرازہ آو مہرنیۓ لو
چانہ پوژ کستور لگ پورلنیۓ — چمن ڈالہ نیوہ وینیۓ لو
مالہ لگ کرہ تے اچھ پوشنیۓ — مہرازہ آو مہرنیۓ لو
رویہ سنزہ واںگہ تے سونہ واپنیۓ — پاٹ گرہ گرتھ گندنیۓ لو

وڈُنیاہ پار چھو سپھڈ طاقتنے | مہرازہ آو مہر سیتے لو
زال وانکہ شانن پٹ پٹ کتنے | کھال ہال نال ترادنیئے لو
ڈال چھی ہیہ ہال ناگرانیئے | مہرازہ آو مہر نیئے لو
افضل ہر شایہ چھوی ڈیشنئے | نور چانو ہیرہ تے بونیئے لو
دور زاہ زری نشبہ چھنہ آسنیئے | مہرازہ آو مہر نیئے لو

## وَنہ وُن

دِل چھوم گاران تس دِلدارس | یس دِلدارس دَر دِل جائی
زرہ زرہ تھوونم بیقرارس | یس دِلدارس دَر دِل جائی
نارہ بہ بہتی بے اختیارس | تھونم تس نو کینہہ پروائی
کیاہ کرہ عشقس تہ عشقس نارس | یس دِلدارس دَر دِل جائی
ڈولہ سوز گرنم مہ لو کچارس | دَر دِل تھونم پننی مائی
اندر کنہہ ڈیلو عشقہ بازارس | یس دِلدارس دَر دِل جائی
تہاران والوس گامہ شہارس | رِشن تہ زاہدن رٹھو پائی
لے کیہ بوزمنہ تمس دِلدارس | یس دِلدارس دَر دِل جائی
چارہ کیاہ لگو یو عاشق زارس | یس پنیہ شمع ترِ تلہ کرائی
سوز سوی ملہ نایہ رخسارس | یس دِلدارس دَر دِل جائی
مجنون نجدس پٹھ کوہسارس | لیلے تہ ہانڈن والوی ہائی
بلبلن ڈیشہ نا کیاہ گلزارس | یس دِلدارس دَر دِل جائی
زچھنہ وفائی پتہ سمارس | کینشن دوہن روز نہ آسی

دِل تس گژھ تھو سیت اوٗکارس | یس ولدارس درٗ دِل جائی

## ونہٕ وُن

ول مے دمٕ تُس زٕ یاری | کیاہ یپاری ہیہ نا یار
مایہ تھٕہنزے تجم کیاہ خواری | کیاہ یپاری ہیہ نا یار
روی زیبا گل اناری | موی شوبان مشکِ تاتار
خوی زتو کیاہ بوی عنبر اری | کیاہ یپاری ہیہ نا یار
زار ونسی ہائے ونہاری | عار انتس دِیہ دیدار
جلوہ تہندی زٕلہٕ بیماری | کیاہ یپاری ہیہ نا یار
داد دِلہٕ کی یاوہ بوساری | تھاوہ ناکن ہاوہ رخسار
دِلہٕ ونسی ولہٕ تہٕ زاری | کیاہ یپاری ہیہ نا یار
رات دوہ گوم تس پرار پراری | رسولہ تہندی گوس بیمار
جو اشکنہ چھیم مے جاری | کیاہ یپاری ہیہ نا یار
دن میں رہتی ہے اضطراری | حال دِل کیا کروں اظہار
رات گذری بیچ بیداری | کیاہ یپاری ہیہ نا یار
قد نازچ خوش رفتاری | سرو ولشت پیوہ از کار
روٗد رہت پت کوہساری | کیاہ یپاری ہیہ نا یار
ہر تہٕ چشمن چھس جادوگاری | زلف تہندی کالہ شہمار
لولہ کنڈی چھیم وانبجہ لاری | کیاہ یپاری ہیہ نا یار
طوطہ گیے کل جانہ گفتاری | کرتہ کتھاہ غوسن گلزار

باغ وُدمت لبنہ سبزاری | کیاہ ییپاری ییہ نا یار
نازنینس خوشس انہاری | راورم تس پتہ لوکہ چار
چھوی وفائی درانکاری | کیاہ ییپاری ییہ نا یار

## مینزِ ونہ ون

سُرگُل مینزہ ہند زھانجوم ڈورے | مینز آیہ سُرگاہ پوُرییٔے
مینزِ گُل سُندر و نکہت لورے | مینز آیہ سرگاہ پوریٔے
سُرگہ منزہ مینزہ ہنز آیہ مشہوری | حُور ییرہ ہس ہوریٔے
مایہ سیت بجایہ جایہ آیہ منظوری | مینز آیہ سرگاہ پوریٔے
مینزِ ٹکہ ساز کرڈیکہ لیس پورے | تھکہ نا لس چھہ مسروریٔے
ڈیکہ رستو یکہ ما کھوچہ چھورے | مینز آیہ سُرگاہ پوریٔے
روشہِ روشہِ ظلمت چھی پوشیدہ ورے | شُلہ آیہ گُل ٹور سوریٔے
کراو کر پوشن تراو مغروری | مینز آیہ سرگاہ پوریٔے
ترہ ٹپ لائیم گُل بموری | یاد ونِ دوہ تہ میان سُوریٔے
تاوان دنیا مست مغروری | مینز آیہ سُرگاہ پوریٔے
وستو رچی مست تہ مسروری | مشکدار عشقہ کستوریٔے
مشک نن تراو یخ چھکنہ وشکوری | مینز آیہ سرگاہ پوریٔے
سور حقانی لوز مسروری | روزہ کر کالہِ رنجوریٔے

منزہ تن ناو کونگہ کستوری
مینز آیہ سُرگاہ پوریٔے

# ونٛدوٗن

وِگرنیو وَنہٕ وومنٛز ریٛو بخانس | مہرازہ مجنون خانہ سے
مجنونن بِہتھ بیٹھ دِیوان خانس | گِندان پورہ سامانہ سے
جان جان وَنہٕ وو امس جانانس | مہرازہ مجنون خانہ سے
یار پار لگہ یو غنچہ دہانس | بیہ ہو تیر مژگانہ سے
کُسُم شوٗریہ نے بیٹھ زنخدانس | مہرازہ مجنون خانہ سے
تھدُ روز گرایہ مار اتھ دوٗرانس | لگہ یو نورِ نوٗرانہ سے
گاہ بیو نحبہ چانہ اتھ پرستانس | مہرازہ مجنون خانہ سے
مخمل وِتھرِے منز گلستانس | بالہ پوش جیرے دامانہ سے
کمخواب وِتھرِے منز سایبانس | مہرازہ مجنون خانہ سے
مالہ ہو کرہ یو گُل مرجانس | ننہ ہو عشقہ بیچانہ سے
رسہ رسہ دست کرہ گلِ ریحانس | مہرازہ مجنون خانہ سے
مجنونہ میلتھو یانہ سُبحانس | پھیرت ہر آستانہ سے
زنہ چانہ گاہ بیو پتھ پرستانس | مہرازہ مجنون خانہ سے
یار پار لگہ یو بہ قلمدانس | نامہ لیکھو شاہ پرستانہ سے
پروانہ انوٗمے شاہِ طوٗرانس | مہرازہ مجنون خانہ سے
سوٗنہ سُند زین لاگ اسپِ طوٗرانس | کاہنہ نا واتہ تس جولانہ سے
دہ کروہ اوس لگان اکسی آنس | مہرازہ مجنون خانہ سے
محموٗدہ متاع چھوی بیٹھ دکانس | سودا کرو بیتھ وانہ سے
سوٗد نیری تتہ اکسی آنس | مہرازہ مجنون خانہ سے

# وَنہٕ وُن

عربک شہزادہ آوے لیتیۓ
ژہ تہٕ کرٕ لیتیۓ کو سمن کراو

روشہٕ روشہ آوے ژھیپہٕ ہٕت پیتیۓ
تو شان لولہ ہٕت بُلبُل تہ کاو

روشان کت چھک ژہ تہٕ نیر پیتیۓ
ژہ تہٕ کرٕ لیتیۓ کو سمن کراو

عربک شہزادہ ندامت پیتیۓ
روچہ روس کچہ زینینہٕ آو

لوین رینزل تورہ درایہ پیتیۓ
ژہ تہٕ کرٕ لیتیۓ کو سمن کراو

سونہٕ شند گرٕ گنڈ جامہٕ چھس پیتیۓ
کا مہ دِلیہ شہزادہ آنگن ژاو

مرٕھنٕ چھس مرٕھہ بند نال جامہ چھیتیۓ
ژہ تہٕ کرٕ لیتیۓ کو سمن کراو

لوترہٕ آنگنس وتھرس پھیتیۓ
روشہٕ روشہٕ تھرٕ زے لشکراہ تراو

وارہ وچھتہ آمت سار لوشہ پھیتیۓ
ژہ تہٕ کرٕ لیتیۓ کو سمن کراو

گچھ کوٹھہ چاتے اچھ پوش کھیتیۓ
لچھ بدٕ اچھہ پوش چھاونہٕ آو

وُچھہ ہٕت اچھ دار چھک کتھ کوٹیۓ
ژہ تہٕ کرٕ لیتیۓ کو سمن کراو

مینزرہ چھی رنگمت اتھ کھور ریتیۓ
مشکہ بسیت مینزرہ پوش چھاونہٕ او

رنگمت مینزرہ نم یم کس کیتیۓ
ژہ تہٕ کرٕ لیتیۓ کو سمن کراو

بروبرٕ وا مانس کم گل چھیتیۓ
لیتیۓ سوی اسہ آشنائو ژراو

دِل ہے ہمہ ہن موہرہ پھیتیۓ
ژہ تہٕ کرٕ لیتیۓ کو سمن کراو

تھد روز دوٗران گرایہ مار لیتیۓ
حوٗران وچھنک چون آسہ تاو

قصور چون چھوی حوٗرن پیتیۓ
ژہ تہٕ کرٕ لیتیۓ کو سمن کراو

محمود یار چون منز باگ تیتیۓ
زان کریتہ نوی یان لیشراو

واصل سیدان حاصل تیتیۓ
ژہ تہٕ کرٕ لیتیۓ کو سمن کراو

بسم اللہ الرحمٰن الرحیم

# غزل نمبر (۱) در حمد باری تعالیٰ

ژٕی چھوک یاور ژٕی چھوکھ اَدر ژٕی چھوک پرورد گار
ژٕی چھوک مالک دَر روزِ محشر ژٕی چھوک واحد القہار
گتھو سیا نیو بربر دستر کرمت چھم بدکار
ژٕی چھوی معلوم سارِوی سر بسر ژٕی چھوک بخشنہار
دَر کمین رُوزِت چھُوم نفس کافر نفس کرُس آوار
وِتہ وِتہ ژوکنس کرلس دربدر راوُرنم یہ لوکہ چار
در خوابِ غفلت رُوزس سر بسر زانومنہ برم چھُو سمار
بیدار گوس پیوس تاپ فکرن اندر قافلہ وُچھہ تیار
چندہ چھوُن منہ چھانی کیاہ نیرہ بازار کیاہ کرہ کانہہ نا وبار
اندری آسان ہرت چھوی سوی ہر تہ آرام کران زندہ دار
کینہہ چھُومنہ حاصل تہ کتھو مال دزر کیاہ کرہ چھِیس عیب دار
عیبن میانین یار با پردہ کر ناو جو نوی چھو ستار
تھرہ چھم بدلس چھوم وسواس ڈر کیاہ کرہ تتہ اظہار
ییتہ آسہ عدلس خالق اکبر مالک کُل مختار
الستُ بربکم چھُوم الوان در نظر قالوا بلیٰ اقرار
زالوم تارہ پان لُولم وعدہ کر کھولُم سوبہ مشر مار

غم ترا و غم چھو نہ لے حسن ژٕ ژیو ریدٕ ے چھوک گنہگار
لا تقنطوا آو در قرآن ژہ پَر دَمہ دَمہ روز اُمید وار

## غزل نمبر ۲ وَندوُن

مکہ آو دلبر ڈیکہ پھولہ وونوی — گژھہ للہ وونوی دیدان منز
تھکہ نا دلبر چھوم ننذہ بونوی — گژھہ للہ وونوی دیدان منز
توشہ نا لالہ از سالہ ییہ سونوی — ہوشہ سان کرُس سامانہ سنز
ننذہ بونہ دلبر جانانہ میونوی — گژھہ للہ وونوی دیدان منز
مایہ سان کرہ سے پوشہ وتھرونوی — جایہ جایہ یمن رویہ جانن منز
پایہ بوڈ شاہ سون گاہ ترا و لنوی — گژھہ للہ وونوی دیدان منز
قولہ سازہ کیاہ چھوم نورانہ چونوی — شعلہ ژُلن ارض آسمانن منز
لولہ سیت حور وہتو سہ ونہ وونوی — گژھہ للہ وونوی دیدان منز
شاہ آو آفتابہ زون تابہ وونوی — گاہ پھیو شن جہانن منز
واہ امہ نورہ ژعطہ زنہ ژلو گرلوی — گژھہ للہ وونوی دیدان منز
سرہ کرکیا عنبر چھوم شہرہ وونوی — ذرہ ذرہ جلوہ دیتہ مکانن منز
کرہ سے قربان بو قبیلہ کرونوی — گژھہ للہ وونوی دیدان منز
تاف چھم تابان روی نازہ جونوی — صاف تعریف چھی سپارن منز
قاف صاد نون عین معنہ کم زونوی — گژھہ للہ وونوی دیدان منز
ندن نغا آو اسرُور سہ نوی — تھرہ گیہ بت تہ خانن منز
کرسہ جبرئیل چاکر تو لنوی — گژھہ للہ وونوی دیدان منز

اَرمان ڈٖرائیو یُس گژھہ دَر شونوی
قربان کرہٕ ہس کٔلہ پننوی

دَرماں یُنہ ہس بیمارن منٛز
گژھہٕ لِلہ دِونوی دِیدن منٛز

## ونہٕ وُن

حضرتِ صدیقس عَلَمبر دارس
یم آس سیت سیت تس سردارس

تس یارِ غارس ہما کٔلہ قربان
تس یارِ غارس کٔلہ قربان

غارہٕ منٛز تمنا اوس شہمارس
یژ کال رُوزت اوس انتظارس

واتہٕ کرِ حضرت یُنہٕ دیدار
تس یارِ غارس کٔلہ قربان

سُت واچھہ کرِ مژہ آسن غارس
حالِ دل ینیوی بابہٕ بالہ یارس

یدُ بوزِہ افواہ نیرِہ دنہٕ دان
تس یارِ غارس کٔلہ قربان

تس یارِ غارس ہل قرارس
یمو بند کرِہ ہے وتہٕ تس مارس

کیاہ خبر آسک یہ چھیو پیراران
تس یارِ غارس کٔلہ قربان

یم آس مشتاق یینس یارس
کرہ کیاہ یارِ یا لوکہٕ امارس

جیو آو مارس موز تم پیاران
تس یارِ غارس کٔلہ قربان

گوگنوی اتھ تس صبرس تہٕ تارس
دگہٕ سیت اوش وتھہ بیر یہہ گارس

ٹیپ اِدہٕ لاین بے گمان
تس یارِ غارس کٔلہ قربان

اشکی قطرہ پیٔ نازِ رخسارس
پرسش کرِ یک ات اسرارس

وچھہ تمو یارِ غار اوش تراولان
تس یارِ غارس کٔلہ قربان

سر لبسر باوک یارِ دلدارس
نیرو نوک نیرہ آو جانا وارس

تمو فرموو ک تورہ بیان
تس یارِ غارس کٔلہ قربان

وَت یلہ تراوِک تمس بیچارس
ژُن درائو اژ وچھا اشو ہاران

یارسُوںؑ پرارن چھہ سا بو دیدارس
تس یارِ غارس کلہ قربان

حضرتو حکم کرُ پانہ تس مارس
زِہر کڈھہ بصیرت دِرِ یک آن

تکلیف والوم یارِ دلدارس
تس یارِ غارس کلہ قربان

اژ دِہِن جلدی کر اقرارس
بر سرِ مانن تہند فرمان

دام تم درِتہ تِیہ تَت زہارس
تس یارِ غارس کلہ قربان

یم کر سودا عشقہ بازارس
ژِ دِل کر تم اَدہ نارِ ہیجران

ہول گوس کیاہ ژِنس لولہ بمارس
تس یارِ غارس کلہ قربان

گرِد وہ میانہ کتس دِنہ تس بے غارس
یم شُند دِنہ دِل چھُہ م اَرمان

لُولہ سوزر گورنم یت لولہ کچارس
تس یارِ غارس کلہ قربان

پوژہ کیتہہ گورنم نو بہارس
کِتو گوم یادن سُورم تران

متو بیو کھہ خلوت جای بسرارس
تس یارِ غارس کلہ قربان

درد دِل تمنا چھہ ی اتھن زارس
شاہ سرکارس وندہ ناجان

بنہ نادرمان سینہ افگارس
تس یارِ غارس کلہ قربان

## وَنہ وُن

اَسہ پتھہ ذاتِ پاک چھہ ی مہربانہ
نکاحن پانے آئے سرکار

اسہ تِل غم غصہ آسن نالانہ
نکاحن پانے آئے سرکار

ژِہ دور یارِ حضرتن سیت شوبانے
یتھہ پاٹ شوبان زونہ سیتار

اَسہ ییوٚ گیہ منزٕ نوٗر نوٗرانہ
گوڈٕ نی بسم اللہ اسم رحمانہ
اَدہ لیوٚکھ قلمن نوٗر بیانہ
ازلک قلمن تراو پَروانے
یانوٚ حضرتو کرِ نشانے
فرقہ سان گژھ پرن آیہ قرآنے
اَسہ کرو دم بدم شکر یزدانے
دین سون روشن چھوٚی مسلمانے
یژ پژہ رٹوٚ ہے زورہ زمانہ
معراج کرہ ہے لامکانہ
اغفرلی امتی برزہ ہلمانے
نورچہ مشعلہ آسہ پرزلانے
گورہ گورہ کرہ ہے جانانہ
انبیاء اولیاء آسن پرارانے
ملکن تہ فلکن آسو شازیانے
سیراہ کرہے پرت آسمانے
تھرہ ژرج عرشس گرزنا لانے
محرم گژھنے وانہ بہ دانے
تتہ نس جبرئیلؑ چھوٚی حیرانے
تاب چھو منہ الیان چھوٚرس نالانے

نکاحن پانے آیے سرکار
آیہ قرآن بوزہ کُن دار!
نکاحن پانے آیے سرکار
اَبدچہ میلہ سیت لیکھنہ آو
نکاحن پانے آیے سرکار
ذکرہ سیت دولن اَدہ گژھ بسیار زار
نکاحن پانے آیے سرکار
لیس کرِ سالکو سرِ نثار
نکاحن پانے آیے سرکار
اُمتوک غم ہت آسو غمخوار
نکاحن پانے آیے سرکار
پوٗرہ سامانہ حوٗرہ وَنہ وان
نکاحن پانے آیے سرکار
ذاتہ مہمانہ عقدہ شندیار
نکاحن پانے آیے سرکار
یارس یار گو واصل کار
نکاحن پانے آیے سرکار
پورہ پانٹھ باوِ نس سیر اسرار
نکاحن پانے آیے سرکار
خواب منزہ ہاوتم نوٗرِ رخسار

کیاہ غلام حسنس کامِس امانے
نِکاحن پانے آسے سرکار

## وَنہٕ وُن

نازہ فلمت گلاب باغِ عرفانے
آہ کرِس پانٛن کلمہ قربانے
نُوراہ گوٚ ظہوٗر عربستانے
سُوی نور روشن ارض و آسمانے
سُوی نور آفتاب زون تابانے
سُوی نور مشتاق حورہ وَنہٕ وانے
سُوی نور شوبان ماہِ خوبانے
حورہ چھیس خدمتہ پوٗرہ سامانے
نورس معنہ کیا زانہٕ غیر زانے
ژالہ کیاہ سُورگوس تاب آسنہٕ دانے
سُوی نور مشتاق پانہٕ سبحانے
سُوی نور ہیرہ بُن تِی چھوی عیانے
سُوی نور ظاہر سوی چھوٚ غائبانے
سُوی نور جایہ جایہ دیتھ چھوٚ ٹھکانے
سُوی نور بر پور شعلہٕ مارانے
سُوی نور نوراہ نورِ نورانے

تمہٕ منزہ کیاہ ذرہ دانئے دراو
تمہٕ منزہ کیاہ ذرہ دانئے دراو
سُوی نور نورس برونٹھی آو
تمہٕ منزہ کیاہ ذرہ دانئے دراو
سُوی نور تعریف قرآن آو
تمہٕ منزہ کیاہ ذرہ دانئے دراو
سُوی زون عالمن وتہ چھوی لباو
تمہٕ منزہ کیاہ ذرہ دانئے دراو
طُورس چھیہ اکہِ گنڈہ لِس جلاو
تمہٕ منزہ کیاہ ذرہ دانئے دراو
سُوی نور احدس احمد ناو
تمہٕ منزہ کیاہ ذرہ دانئے دراو
سُوی نور باطن سُوی نُن دراو
تمہٕ منزہ کیاہ ذرہ دانئے دراو
سُوی نور کُفرس سُور کران آو
تمہٕ منزہ کیاہ ذرہ دانئے دراو

سُوی نوُر چھاوان جابہ جانٔے
سُوی نور عاشق گیہ دیوانٔے
سُوی نور کھوُرِن برآسمانٔے
سُوی نور مشتاق پانس چھہ پانٔے
سُوی نور پونیہ رگت مارانٔے
سُوی نور کرِ چھہ دوُر گوپکانٔے
ڈرائیور حُسنٔ کور بیانٔے

سُوی نوُر بازار حُسنس ژاو
تمہ منزہ کیاہ دُرہ دانٔے دراو
سُوی محرم کرہ نٔے آو
تمہ منزہ کیاہ دُرہ دانٔے دراو
سُوی نور عاشقس پرزنہ آو
تمہ منزہ کیاہ دُرہ دانٔے دراو
گُٹ گو نورس پیٹھ مُت دراو

پُر کُن فیکوُن آیہ فرقانٔے
تمہ منزہ کیاہ دُر دانٔے دراو

## ونہ وُن

سُندرو از گرتھ ہیت روز ونوی
نازس سازس کُن تھاو ونوی
یندرازہ ہسرازہ کیاہ نندہ بونوی
ارمان پریو فرمان میونوی
نغمہ یندراز پریو زالنوی
تن ناو من دیتھ گرشہ بوز ونوی
لوز لمہ پریئے یندراز ونوی
لالس کر تمہ لعل وتھرونوی
نازہ سان ساز تموسوتہ الونوی

یندرازس چھہ ونہ وونوی ئے
یندرازس چھہ ونہ وونوی ئے
سُندران دِل چھہ لویہ وونوی ئے
یندرازس چھہ ونہ وونوی ئے
مایہ سان ہتوک سکھرونوی ئے
یندرازس چھہ ونہ وونوی ئے
سالس ازیہ سونوی ئے
یندرازس چھہ ونہ وونوی ئے
رازسوی گرشہ بوز ونوی ئے

چنگہ نے ستارہ کیاہ چھو وزہ وونوی
یندرازس چھو ونہ وونوئیے

ہوحس تہ روحس بل چھوی کونوی
ہوسیت روح گرزہ ولنوئیے

دم دیتھ شیرہ ہیوت بنزہ رونوی
یندرازس چھو ونہ وونوئیے

ہوتہ ہایم ہیوت سرہ کرد لنوی
مرنہ برونٹھہ چھوس مرونوئیے

زندہ روزہ باقی تارہ تہ وونوی
یندرازس چھو ونہ وونوئیے

ہوکے ژانگہ گژھہ خون زالونوی
ہوسیت گنڈھہ پرزو نوئیے

ہمکے دمہ سیت گژھہ شعلونوی
یندرازس چھو ونہ وونوئیے

دم دیت نوشس کر خون پینونوی
غم تراو دم پوشہ وونوئیے

دمہ کوی مطلب ڈنگہ لوزونوی
یندرازس چھو ونہ وونوئیے

کشش کمکہ گنڈانم نار تھندرونوی
منکلہ چھوم للہ وونوئیے

ہوکلہ ویلہ نم یہ چھو ژالونوی
یندرازس چھو ونہ وونوئیے

امر سیر امر حق گژھہ مانونوی
دمہ دمہ گژھہ پالو نوئیے

پیرہ سنزہ وبہ دزہ سر پیونوی
یندرازس چھو ونہ وونوئیے

پیرس قربان کلمہ پیونوی
پیراہ چھوم نندہ بونوئیے

بس غلام حسنس تمنا چھونوی
یندرازس چھو ونہ وونوئیے

## ونوُن

سانہ ازروز توجان جانانو
بوزو دردانو لولہ ونہ وانو

پاین ملہ ہے روح روانو
بوزو دردانو لولہ ونہ وانو

پیرت نرالِس سازہ سامانو
شرن شرن چھہم کران بونہ ولمانو
تازہ تازہ وتہ وی خوش الحانو
ون ہارہ ہت پری زرنہ دیوانو
تنپہ تنپہ کرہ وُنہ نورہ انوارہ
ملک فیروزکہ حُسنہ سُلطانو
قولہ زِن قد چانو سایہ تراوانو
مشکِ دار ظلمت سنبلستانو
نازنینہ کوتاہ چھکھہ شوُبانو
نازوسیت چھکھہ دِل کترانو
خوش بیانو میم دہانو
نورک سورہ پرہ قرآن خانو
گلشن باغن ہند تو شانو
سروِن یامت دِل تنبلانو
پوشنوِل کستورتہ ادچانو
لالہ وچھہ مالہ ہت چھی پرارانو
گل اتبالہ سندہ معشوق جانو
گلابن ہندہِ ملشہ خوانو
نام چانو بمپوش یام نورانو
تھزہ کارہ آبس منتر پرارانو

شیرت آلیس مختہ ہار
بوزو دُردانو لولہ ونہ وانو
دِگنین سیتی خوشبو دار
بوزو دُردانو لولہ ونہ وانو
مشتاق تری چھوی نوبہار
بوزو دُردانو لولہ ونہ وانو
دِلِشت سرخم گیہ قرار
بوزو دُردانو لولہ ونہ وانو
نازن چانن کم خریدار
بوزو دُردانو لولہ ونہ وانو
خوش چھم الوان چانو گفتار
بوزو دُردانو لولہ ونہ وانو
یامت تراوان چھک رفتار
بوزو دُردانو لولہ ونہ وانو
رنگہ بلبلنی چانو امار
بوزو دُردانو لولہ ونہ وانو
ہت ژھایہ عاشق چھی گلزار
بوزو دُردانو لولہ ونہ وانو
تام زرلو وچھنی چانو دیدار
بوزو دُردانو لولہ ونہ وانو

باغِ نشاط کہ روح پروانو — کرکھن بے تاب شالہ مار
اچھہ زلہ اچھہ پوشہ چھہِ زعفرانو — بوزہ دُردانو لولہ وَنہ وانو
وَنتہ مہ چھوکھ کس جلوہ ہاوانو — کس چھکھ ہاوان ماہہ رُخسار
تس چھا میانہ کھوتہ نور برزلانو — بوزتہ دُردانو لولہ وَنہ وانو
منظور چالوی چھی عشقُن تراوانو — شیرین سوزچ وایان تارہ
زالہ خطہ چھیرِی نامہ لیکھانو — بوزتہ دُردانو لولہ وَنہ وانو

## مینزہ وَنہ وُن

وَنہ چی وُبہارہ چھے وَنہ وانی — لولہ مانز لاگے دُردانیے
روشہ روشہ چھا وسے پوشہ میدانی — لولہ مانز لاگے دُردانیے
نیپہ نیپہ چھکھ کران ماہہ تابانی — نوُرانہ چھکے تراوانیے
نورک مشرق چھے پیشانی — لولہ مانز لاگے دُردانیے
زالین گگلنی مانز لاگانی — خوشہ رنگ چھی پرز لانیے
وچھنے آمت عشقہ پیچانی — لولہ مانز لاگے دُردانیے
بیتاب بلبُل گیہ پرانانی — شانہ بیت دوایہ توشانیے
موشر راو وایہ یم سنبلستانی — لولہ مانز لاگے دُردانیے
شوقہ چانہ بلبل انزچھہ ترشانی — لالن نالہ کرانیے
للہ نالہ کونچھکھ نالہ زوانی — لولہ مانز لاگے دُردانیے
نازنین پانس سازہ سامانی — شوبدار چھی شوبانیے
نازن منز چھکھ تازہ کرانی — لولہ مانز لاگے دُردانیے

روزہ دامانس شہرون کرانی
دِل گۅو وے چھُی نوانیے
غیرت اوٗ ہے نئے چھک دیوانی
لولہ مانز لاگے دُردانیے

پانون تھریئے چھکھے غولانی
یارس گرایہ مارانیے
کمنی چمنن سایہ تراوانی
لولہ مانز لاگے دُردانیے

تم کمی چھک یِن روزِ ہلانی
چھاوان پیالہ میخانیے
کتہ گلزارس شعلہ مارانی
لولہ مانز لاگے دُردانیے

شیرین بارشہ کر غنچہ دہانی
زن چھکھے محنتہ چھکانیے
دوٗرن ہندی دُر الرانی
لولہ مانز لاگے دُردانیے

حسنکہ باغچ تازہ دیچانی
کونئے چھک مشک تراوانیے
یوت کیاہ پوش چھی چھکھے رشانی
ھولہ مانز لاگے دُردانیے

اسہ دِتو ہرم ام نیرن چھانی
ژنجہ دِل چھُنہ روزانیے
آرام نیو تھے جان جانانی
لولہ مانز لاگے دُردانیے

اسہ کُن سیوز کونہ چھکھو وچھانی
ایگر کیاہ نامہربانیے
بلوام چشمہ چھکھنہ مژرانی
لولہ مانز لاگے دُردانیے

سوز منظورس کن تھاوانی
کونئے چھکھو عطرہ دُرانیے
یم غزل دِنکہ آس لبرانی
لولہ مانز لاگے دُردانیے

## مینزہ ونہ وُن

شوقہ سان ینبرزلہ لولہ نوانی
بلبلس مانز لاگانیے
چمنن اندر سنبلستانی
بلبلس مانز لاگانیے

مشک دار نو بہار چاو یرانی
حسنکہ باغک گل چھاوانی
یاسمن ٹھرہ کیاہ ارچھ تازانی
گل اقبال اسہ کیاہ چھہ شبابی
روسیہ گل مسولہ کیاہ چھہ لوسانی
ہمیہ ٹھرہ زپتو پیہ نازانی
لولچہ مانزہ ہندرنگہ اوچھانی
مارہ گیہ ڈلشت عشقہ پیچانی
زنہ چھا زنہارہ شولہ مارانی
طاؤس کن ونان خوش الحانی
اچھہ ولہ اچھہ زارہ چھس پرارانی
ایہ نا بہ نا جان جانانی
نیرہ ون ولبر جلوہ ہاوانی
تراوہ زن نورانہ ماہ تابانی
درامژہ زگنے پورہ سامانی
لاگتھ شرزن داررو شہ دامانی
ازلہ لیس لالس مانز سوزانی
پوشہ گندزن چھس اتھہ آسانی
یسی ذاتن کر مہربانی
اچھان عاشقن دل تاوانی

وچھنے آو توت نیے
بلبلس مانز لاگا نیے
گوسمن کن چھہ ونا نیے
بلبلس مانز لاگا نیے
عطرہ سیت مانز ملہ وا نیے
بلبلس مانز لاگا نیے
لالہ زار گیہ مندہ چھا نیے
بلبلس مانز لاگا نیے
دورن گرایہ مارا نیے
بلبلس مانز لاگا نیے
وتہ نی چھس اوچھا نیے
بلبلس مانز لاگا نیے
بیچرہ ون عشقہ استا نیے
بلبلس مانز لاگا نیے
آمژہ سانو وتہ وا نیے
بلبلس مانز لاگا نیے
تس نمن کیاہ چھہ پرزلا نیے
بلبلس مانز لاگا نیے
تمسی مانز شوبا نیے
بلبلس مانز لاگا نیے

آیہ کم نازنین ملک خوبانی
کرِہ موجِ سَنہ سلطانیئے
مانزہ اتھہ مژہ تل چھکھ ڈولانی
بلبلس مانز لاگانیئے
مانزہ رنگ آخر چھونہ پوشانی
زانتو دنیا فانیئے
پتھہ گُن للہ ولن کنتھ روزانی
بلبلس مانز لاگانیئے
زیرِ و بم زیرِ وک آس وایانی
منظورہ کرِ غزل خوانیئے
آسہ ما گلعذار پانہ بوزانی
بلبلس مانز لاگانیئے

## مینزہ رات وَنہ وُن

لولہ چانہ آمت لاران ساری
حاری اَز ہے چھی مینزِ رات
بَرِہ پورہ اَنہ مَی بَرہ مار ماری
حاری اَز ہے چھی مینزِ رات
اَنزِہ رووہ صاحبن کٹرہ کمہ یاری
گنزراں آسس ژہ ہہ تہ ساعت
وَنتن پانہ کرِیئے تیاری
حاری اَز ہے چھی مینزِ رات
اَز تام ییت آئی مینزم یاری
اَز گوس اروی پورہ اثبات
اَز لیگاہ واتہ ول پانہ باپاری
حاری اَز ہے چھی مینزِ رات
مول موج بوئی بنہ وتھانہ ساری
لولس پہ چھی حیران طوعارات
لالس ساریح کران تیاری
حاری اَز ہے چھی مینزِ رات
وَمہ وَمہ صاحبس کرمئی زاری
یہم اَز یژہ لسہ چانو وُرت ساعت
ہالس سوزن زر خریداری
حاری اَز ہے چھی مینزِ رات
اُتھ شرمداری لگنہ ہے پاری
ساری پالت احکامات
فرض تہ سنت تھاوت جاری
حاری اَز ہے چھی مینزِ رات

لالس تھاوس پیالہ بر باری　　سالس لگہ ناتس لذات
رنگہ رنگہ کرہ سے مہمان داری　　حاری انہ ہے چھی منزے رات
باغنس پھجہ کھے چشنج تھاری　　لولہ چانہ بلبلس گوار سات
ہوشہ چھی دلمست نالہ کر کاری　　حاری انہ ہے چھی منزے رات
قد چھوی سرو ناز خدا نواری　　مار چھوی حسنوک چھیکھ پری ذات
تاج چھوی بر سر راج اخیاری　　حاری انہ ہے چھی منزے رات
ڈیکہ چالو بھانہ ون نستہ غنچہ داری　　بیشک الغوک چھوس علامات
ٹھر چھی ونجسر لب شکری　　حاری انہ ہے چھی منزے رات
دندانہ زور چھی لعل اجمیری　　شوبان چھکھ تمے ذر کائنات
حور و نورس سوربہ ییم پاری　　حاری انہ ہے چھی منزے رات
ڈرائیور حسنس کا ستم خواری　　دتہ تس ذرشن چھوی درجات
دلربا چھوکھ گوتہ دل یاری　　حاری انہ ہے چھی منزے رات

## مہرنہ ونون منزم یور

ستھ آسم دلس روب کرہ یاری　　کتھ تچھ منزم یار ییئے
اتھ چھہ تقدیرچی زور آواری　　کتھ تچھ منزم یار ییئے
خولجہ صائبہ روز لوز کن وار واری　　واجس تم چھینہ لار ییئے
راجس شوبہ نستہ موش کاری　　کتھ تچھ منزم یار ییئے
نے گرہن ترابہ دیگہ نے طشت ناری　　تتھ چھہ تم تورہ انکار ییئے
تس چھہ کرمزر بن اتھ منز یاری　　کتھ تچھ منزم یار ییئے

نے گژھن ٹھلہ ویشن سوٹ رنگداری
نیٔ چھہ تم مجمن لابہ ییٔے
نے گژھن دُسہ شال تم چھہ باپاری
کتھ تج منزم یاریئے
کم چھہ تم بد عشق ینہ زان لاری
بدعشق زان چھے ناریئے
تنا چھہ قرموحت نبی تاجداری
کتھ تج منزم یاریٔے
شامس سنزم آشناوہاری
کرہتہ رائے شماریئے
رائی ہیت بجئو وژم اقراری
کتھ تج منزم یاریئے
اقرار دتوس چھہنہ انکاری
کتھ ذرایہ ژن بازاریئے
آیہ منظوری تمہ دُرباری
کتھ تج منزم یاریئے
تن آسم ذزان چھانہ اماری
ظلن اسہ آوہ اپاریئے
ذون آس بلہ ون تمہ درباری
کتھ تج منزم یاریئے
ڈرائیہ جستو کرہوشیاری
سمار زان بازگاریئے
یتہ کس روزن کیا چھہ پایداری
کتھ تج منزم یاریئے

## وقت نکاح خوانی

مومنو تھوپ کر قرآنستہ
یہ چھہ پیوستہ ذون بلہ تزار
قائم روز دین اسلامستہ
یہ چھہ پیوستہ ذون بلہ تزار
گوڈی شوب آیہ ات عزلستہ
یتہ گو پید اسانو سردار
دُور گیہ گٹہ گو شور کفرستہ
یہ چھہ پیوستہ ذون بلہ تزار
روشہ روشہ لوش پھل اتھہ باغستہ
ناگس آب پھیور آذ سبزار
آغس قربان چھم ماوستہ
یہ چھہ پیوستہ ذون بلہ تزار

اسہ زار گرزان فرمانس تہ
سوئی حبیب چھے شاہ عثمانستہ
جایہ جایہ تعریف جانانس تہ
والضحٰی واللیل فرماوستہ
شوق گوس سال کرہ معشوقستہ
جورہ چھس زنہ وان لیرانستہ
فرماو یلہ آو امس قلمستہ
از لیچ یلہ وان لکھ زہ کاغذستہ
گوڈہ ہیو نام پاک سبحانستہ
ذکر کر یا کسی نا پاکستہ
اتہ نس ونتو قاصد صاحبستہ
باز چھنہ ساس مہرہ لکھ کاغذستہ
قربان لگہ ماتس ناوستہ
تہندی فرمان آو مہرستہ
سال کر صاحبن تس نبیس تہ
مشغول روزت تم درودس تہ
شاد گیہ پیدا تس پراکس تہ
بروونہ دراو بات چھنہ تورداوس تہ
سیراہ گئے منبر جنتس تہ
تقرہ ترچ یکدم اتھو عرشس تہ

ہیتھ کن تھاورت آسن زور یار
یہ چھہ پیوستہ زون یلہ زار
پانہ حق باوان درنسی بسیار
یہ چھہ پیوستہ زون یلہ زار
جبرئیل تھاوس علمبردار
یہ چھہ پیوستہ زون یلہ زار
پان پورت روزو حکمس تیار
یہ چھہ پیوستہ زون یلہ زار
اوہ گو قرآن نور کن دار
یہ چھہ پیوستہ زون یلہ زار
راضی چھس امہ منز پانہ جبار
یہ چھہ پیوستہ زون یلہ زار
لیس دوان عالمن ہمند تاجدار
یہ چھہ پیوستہ زون یلہ زار
ملایک پراران زرہ انتظار
یہ چھہ پیوستہ زون یلہ زار
زاد زل یا نبی سپدیو سوار
یہ چھہ پیوستہ زون یلہ زار
زعتہ گو جہنم زرزمین ناز
یہ چھہ پیوستہ زون یلہ زار

پھیرت آئی تم زانہ دالستہ
یاربا مغفرت کرمہ امتس تہ
چھوک حسن ڈرائیور کیاہ ژلخستہ
یُژھ پُژھ چیرہ تھپ کرداما لستہ

پیرہ پاٹ باوُت سیرِ اسرار
یہ چھہ پیوستہ ژولن بلہ زار
پایہ بڈ آتہ ئیس آسہ غمخوار
یہ چھہ پیوستہ ژولن بلہ زار

## مھرِ نہ آب شیرن وزہ

ماپہ چھانہ ونہ وان حورہ تہ پریئے
روپہ تہنہ شوبہ نے نال جامہ دریئے
ژندان زارس کنن کم گریئے
اندن چھہ ئی شوبان مخنتہ جالریئے
ژندان چھوی بزبزہ مشکہ اذفریئے
حوروہ نورس سورہ یم پریئے
صورت ژژھ نے سورت گریئے
حورہ نورس سورہ یم پریئے
ژکسہ چھوی پھلہ ژلن بمہ خنجریئے
ژند چھی مختہ مالہ لب شکریئے
ژردانہ گوشن لعل احمریئے
پوشن منز پھل گلِ جعفریئے
چشمن منز چھی جاوہ گریئے
کینہہ گیہ نحالی اتھ ہت زیریئے

چھاوِہی سُندریئے آب کوثر
چھاوِہی سندریئے آب کوثر
اذہ چھاوُ ہنہ ہنہ مشک اذفر
چھاوِہی سندریئے آب کوثر
صورت ژژہ نی سورت گریئے
چھاوِہی سُندریئے آب کوثر
سیرت چانی چھم عین شکر
چھاوِہی سندریئے آب کوثر
چشمہ چانہ بادام لستہ خنجر
چھاوِہی سندریئے آب کوثر
روشن چھی ہمی باکروفر
چھاوِہی سندریئے آب کوثر
کینہہ گیہ مست تے کینہہ قلندر
چھاوِہی سُندریئے آب کوثر

اتھ کالہ مولیس شانہ کم کریئے
رخسار زن گلاب چھنی گلاب بھریئے
لٹہ الکہ یکھنا گنڈھ اندریئے
منڈہ چھوی نیای میون کرتہ غم خوریئے
مانہ کم تعریف حُسنس کریئے
فان گو پانپور گت کرِ کریئے
اُتھ نورہ بتھسی مُی تھاؤ بٹھریئے
پیتھ روزہ عاشق زندہ مرمریئے
پاس کرِ ساعتاہ یتہ سر سریئے
دِلرُبا چھوک تہ کرتہ زِلبریئے
عنکہ باغچ پوشہ گندریئے
عشقہ چانہ عاشق ورای بازریئے
سِرمِس تہ سازس چھنہ یادریئے
نی غلام حُسنس ولنو یہ رہبریئے

والہ واشہ لو گیتھن جانانا وار
چھاوی سندیئے آب کونثر
زھتہ چانہ جگرس زلہ ہم شر
چھاوی سندیئے آب کونثر
جان چھک شوبان ماہ پیکر
چھاوی سندیئے آب کونثر
ستھ چھیم ہاوک روئی انوار
چھاوی سندیئے آب کونثر
کاستم ارہ سرہ چھوم زرہ زرد
چھاوی سندیئے آب کونثر
مشکہ چانہ عالم گو منور
چھاوی سندیئے آب کونثر
بازینہ تاری بازی گر
چھاوی سندیئے آب کونثر

## مینہ وول۔ آمدنہ بہرازہ

عربستانکہ مہا جبنراوے
انشاء اللہ آسوم وعدے
الحمد للہ آو ارشادے
آیہ آیہ قرآن کریم یادے

زہ چھہ الستائے پریہ وُنہ وان
منشائے مولا بنہ یکسان!
زہ چھہ الستائے پریہ وُنہ وان
مایہ سان کریہ اُستادن زان

سایہ چھوی رحمتک روز دِل شادے
شیرینہ آہم سانہ فرہادے
پیرت شیرت چھی آمادے
اسہ اوس تمنا زیادہ خوتہ زیادے
ڈیشت ساری گیہ آزادے
ڈرائیور حسنو دتہ اتھ وادے
تس چھوی آسان اوسہ اشارے

ژہ چھہ ایستادے پریہ وُنہ وان
شیرین ژھاران جان جانان
ژہ چھہ ایستادے پریہ وُنہ وان
ژہ چھہ ہنہ چالغوی رو یہ نوران
ژہ چھہ ایستادے پریہ وُنہ وان
یس یزہ صاحب قسمت جان
ژہ چھہ ایستادے پریہ وُنہ وان

## مہرازہ سندس مندس پیٹھہ ہہنہ وژہ

ننہ باتہ دِلبرہ خوش اندازے
اسہ اوس تمنا دِل گو تازہ
وسُے ونتے آو کتہ رازی
رُمہ آو شامہ کنہ آو شیرازی
مارہ میتہ بر تلہ سیتارہ سازے
قولہ سارہ بریری لولہ بیاضی
مایہ چاہتہ پریُ خوش اندازے
کنہ لوز وُنہ ون شاہ یندرازی
ورت کم ہلری یت زرد وازی
لیلہ گیہ کننی چان آنہ اندی
کتہ چھہ کہ آسان ہا سر فرازی

شوبہ وُنہ آکھ مہرازُے سون
شوبہ وُنہ آکھا مہرازُے سون
معلوم کرِتہ ژاو گرِہ سانو
شوبہ وُنہ آکھا مہرازُے سانو
مارہ گرنہ جگر چھہ ہمہ وایانو
شوبہ وُنہ آکھا مہرازُے سانو
رایہ چاہنہ دِلبرہ ہوکھہ دُنہ وانو
شوبہ وِن آکھا مہرازُے سانو
یتہ چھوی لیلہ ہند مالِن کرانو
شوبہ وُنہ آکھا مہرازُے سانو
یتہ کن کتھہ یاٹ دِلو تھہ زرشانو

دیدارہ چھانی روح گو تازی | شوبہ وُنہٕ آکھا مہرازٕ ے سانو
تُوٕرٕ بتھہ آہم شاہ اندازی | دُوٕرٕ مہ دیچھومی گاہ پھہ زلانو
حوٗر چھی پیرت سرمہ تہ سازی | شوبہ ونہ آکھا مہرازٕ ے سانو
فنہ کیاہ کرہ تہم ہیو پاک بازی | اندہ کنہ تُوٕرت نیوت دِل میانو
اَم غلام حسنٕ لاگو جانبازی | شوبہ ونہ آکھا مہرازٕ ے سانو

## مہرازہ سُند گرہ اژُن

اُسہ آو دلبر وُس کرہوش تہ | توشِ تہ اوشِ ہے آنگن ژاوٕ
یسمہ غصہ باغس پھولہ نم پوش تہ | توشِ تہ اوشِ ہے آنگن ژاوٕ
ہمنہ ہمنہ آسوم عشقن جوش تہ | عنبہ منزٕ آسوم تمُسند ناوٕ
زانہ کر یتھا ونم زارن گوش تہ | توشِ تہ اوشِ ہے آنگن ژاوٕ
ہمسر ہِ چھوی دلبر حسنک بوش تہ | مَسہ مستورن دِل تنہ لاوٕ
رَسہ رَسہ مُشکی پیالہ کر نوش تہ | توشِ تہ اوشِ ہے آنگن ژاوٕ
گرہ سانہ لالہ کرہ پیالہ ازنوش تہ | لرہ پان ساوس چھیم ارمان
نرہ یال یتھاوس دِر آغوش تہ | توشِ تہ اوشِ ہے آنگن ژاوٕ
نارہ دیو طوطس طوطہ ماروش تہ | وارہ لچھ گُل بادمن کراوٕ
ہو شنہ دِچھیہ پریٔی روزہ رہ پوش تہ | توشِ تہ اوشِ ہے آنگن ژاوٕ
تازہ دِل بلبل بوز بول بوش تہ | گوشِ یتھاوِ ینداز بوزنہ دراوٕ
وگنہ بلہ وگنن آمت بوش تہ | توشِ تہ اوشِ ہے آنگن ژاوٕ
نغمہٕ یندرانہ بوزنہ یتھاوٕ گوش تہ | چنگہ بیہ ستارہ نئے پرزنہ ناوٕ

دٕرے دٕرے بوزت گیس بیہوشس تہ
توشس تہ اوشس ہے آنگن ژاو

ام زیرہ وبہ نے کرس بیہوشس تہ
زیرہ نشہ سیر حق بم چھوا نزران

زم دتوہ باخبر روزہ خاموشس تہ
توشس تہ اوشس ہے آنگن ژاوٕ

سرہ کرہ سرہ منزہ پھل پیدہ ہوشس تہ
سرہ سپی سردار اکبر ناوٕ

سر چھوی کہ ہیر سیرہ سر پوشس تہ
توشس تہ اوشس ہے آنگن ژاوٕ

اے حسن ڈرا یوہ روزہ دل خوشس تہ
ڈیڑہ تل سر گشہ پیرس ژاوٕ

پیرہ سندہ ازنہ دیچھ پھولنی پوشس تہ
توشس تہ اوشس ہے آنگن ژاوٕ

## کورہ ہُند واریو گژھن وزہ

گژھ حوالہ خدا روزہ خوش حالی
تئی ونُس ماجہ تہ مالِس

آیہ آیہ قرآن سایہ تھاوٕ نالی
تئی ونُس ماجہ تہ مالِس

ژہ ہے کور سوزنک سورہ سامانہ
ژندری چانہ چھی نالیے

ونس تام رچھمک رنگہ رنگہ عالی
از گوئی پیدہ سوالیے

یہ آسو پتھرہ نمت ذوالجلالی
تئی ونوس ماجہ تہ مالیے

شوبان سندراہ چھک سُندر مالی
ناپان جان محتہ مالیے

تابان ڈیکہ چانو ماہ مثالی
تئی ونوس ماجہ تہ مالیے

عقلہ چانہ حیران چھی گاٹالی
شکلہ چانہ مہر وکیت والیے

قد چھوی سرو ناز حد چھوی عالی
تئی ونوس ماجہ تہ مالیے

رہ شرہ روشہ چھک شلان ہے پوشہ مالی
گوشہ گوشہ پھیر تہ بالیے

اوشس ہن سیت سیت نالا نالی
تئی ونوس ماجہ تہ مالیے

ستیاس لاران آوہ بنگالی
وُنہ وُنہ پیرسیٔے آیہ پاتالی
ڈڑہ چھی شوبان وڑنتہ چھالی
نمالہ وانکس تل چھی کنن والی
واریو گژہ کھیے سُندر مالی
سیمت گژہ آسن تور کنہہ ڈالی
زان مان دُنیاہ فان گژہ کالی
ڈرایو حسنو کتھ برگ چالی

ژھاران گرہ چانو لائیے
تھیٔ ونوس ماجہ تہ مایئے
تابان خوروئیے سائیے
تھیٔ ونوس ماجہ تہ مایئے
سامانہ کم سنبھائیے
تھیٔ ونوس ماجہ تہ مایئے
یتہ کُئس روزہ ہیہ مائیے
تھیٔ ونوس ماجہ تہ مایئے

## ونہ ون

چانا ماندہ پکھا وُندہ ہے کرانوی
نالہ بورٹہ ہیت سالہ یتہ سانوی
دُوررن چالی ہیہ مہ آنوی
غایہ گوگ کرِت شرپان میانوی
چالہ اکہ آسوس چالہ کرہ وانوی
پیوہ س ون لکرن کیاہ مہ آسولانوی
بقرہ مہ بازِن آسو شعلہ زانوی
ہارت تراوُنس ہتوہ مندہ چھانوی
دنیا بے وفا کینہ کر زانوی
متہ چھوہ یتہ ہو کینتہ روزانوی

بالہ چھوم تمنا چانوئیے
بالہ چھوم تمنا چانوئیے
حورہ نار مورہ للہ وانوئیے
بالہ چھوم تمنا چانوئیے
قافلن ہتوہ مہ دُورانوئیے
بالہ چھوم تمنا چانوئیے
تام آم واوہ لیہ ہو لنوئیے
بالہ چھوم تمنا چانوئیے
آخر فان گژہ وانوئیے
بالہ چھوم تمنا چانوئیے

وُنہ چھوی آؤن ونہ تہ درشانوی
نور چانو عالمس گژھہ کاسہ انوی
شوقہ سان کرہ ہے تازہ وُنہ وانوی
ونہ تہ نی کرہ ہے پوشہ وتھرانوی
قاضی آخر چھہ ندا چانوی
ماضی غصہ گژھہ لالہ مشرانوی

ژُورہ وچھ نور رُخ چانوئے
بالہ چھہم تمنا چانوئے
عنبرہ برہ ہے نونوئے
بالہ چھہم تمنا چانوئے
راضی گژھ ہوسہ روزانوئے
بالہ چھہم تمنا چانوئے

## چارہ کرسانوی ہاؤ دیدار

نُندہ بانہ وندہ ہے قدمن کرانوی
وندہ تم فتنس ونہ تہ درشانوی
لالہ یتہ کرہ ہے پوشہ وتھرانوی
شوقہ سان کرہ ہے تازہ وُنہ وانوی
حالِ دل ونہ ہا گژھ ہو بوزانوی
ناوہ چانہ غصہ غم چھہم ژلہ وانوی
صدرس عشقنس چھہس ایرہ وانوی
محکم میتہ رٹو دامانہ چانوی
ونہ مارہ چھہم عشقہ نار للہ وانوی
سیتہ ہت حضرت یتہ گرہ سانوی
منور گژھ ہا گرہ یار میانوی
نورہ میانہ زون آدہ ہیہ ستہ چھانوی

چارہ کرسانوی ہاؤ دیدار
چارہ کرسانوی ہاؤ دیدار
سالہ یتہ روزی پیالہ برنزار
چارہ کرسانوی ہاؤ دیدار
ژہ ہوا ونہ کس چھک غم خوار
چارہ کرسانوی ہاؤ دیدار
پیرہ میانہ للہ ونہ تہ ازتار
چارہ کرسانوی ہاؤ دیدار
دشمن ہجرک کرنس خوار
چارہ کرسانوی ہاؤ دیدار
ہیرہ بورہ پھیرم تازہ سبزار
چارہ کرسانوی ہاؤ دیدار

ازلی نور چھانو آسو تابہ زانوی
نور چھانو عالمس گژھ کاسہ وانوی
گژھ بو وچھ ہیت چھوک نندہ بانوی
مٹھ ژی قاضی داغدار چھانوی
شیطانن پتہ پتہ چھم لارہ والوی
امدادہ چھلنے دور گژھ وانوی

نوری ناو چھانو تہ چھو اظہار
چھارہ کر سانوی ہاو دیدار
اتھ پتہ کرہ ہے سر نثار
چھارہ کر سانوی ہاو دیدار
پترن تھوئم گنہگ یار
چھارہ کر میانوی ہاو دیدار

## حضرت خواجہ ییہ سا لیئے

خوش اعتقادن از چھہ خوشحالی
مورہ چھلہ کرنے برونٹھ نیرہ بالی
قندنے تے نابدہ برہ سے ژالی
سونرس ینوی زو سوالی
لو اسیت جگرس چھم گمت آلی
حال دل ینوی کرہ سے حالی
ادلی مقبول کر سوانہ الی
تابع تھو لنس کم ابدالی
نعرہ درگاہ نشہ گوتہ کانہ خالی
سوی سیانو مشفق سوی میانو والی
حاسد حسدک نارن زالی
از گژھتھ تمنی لوہ یا والی

حضرت خواجہ ییہ سا لیئے
حضرت خواجہ ییہ سا لیئے
مس پیالہ مالا ما لیئے
حضرت خواجہ ییہ سا لیئے
ہاوہ از روئی یژ کاسیئے
حضرت خواجہ ییہ سا لیئے
خلعت والی نا لیئے
حضرت خواجہ ییہ سا لیئے
ہمت کیاہ چھس عا لیئے
حضرت خواجہ ییہ سا لیئے
فاسد تم چھہ ہر حا لیئے
حضرت خواجہ ییہ سا لیئے

یامَت بوجِہ چھِن دُورہ از کالی ۔۔۔ تامَت برِہ یژ چالیٔے
قاضیس گژھِہتا دُور بے حالی ۔۔۔ حضرت خواجہ پیہ سالیٔے

## ونتو یارس کیاہ میانو پائی

کاوُ گژھِہتو تس بے عارس ۔۔۔ ونتو یارس کیاہ میانو پائی
ٹُکہ سُند کرِتم یت لوکہ چارس ۔۔۔ ونتو یارس کیاہ میانو پائی
سُوروی کرِتم چیندان دارس ۔۔۔ لَلنہ ون تھاوُتم عشقن کرائی
ذرہ ذرہ تھوتم کیاہ سَندارس ۔۔۔ ونتو یارس کیاہ میانو پائی
وندہ آم فتنس لوتہ تور لمارس ۔۔۔ زنجیر دُنیا چھہم دریائی
ہَے ہے کرواتہ نشہ دِلدارس ۔۔۔ ونتو یارس کیاہ میانو پائی
عشقن ڈوڑھ ہیوم یتھہ نوبہارس ۔۔۔ نارہ ریہہ گنڈنم سرتا پائی
ذرہ چھہ نہ انصاف دِل آزارس ۔۔۔ ونتو یارس کیاہ میانو پائی
کَت کِتو آیوس یت سمَارس ۔۔۔ غمہ کی زولانہ وَلہ تئے آئی
تیلہ ژلہ غم یلہ یار میلہ یارس ۔۔۔ ونتو یارس کیاہ میانو پائی
کُم کُم گُل پھلِ اَت کوہسارس ۔۔۔ ہمہ تہ غنچہ دِل چھہم پھُلہ ماوائی
برہ گژھہ اَدہ کیاہ منگہ گلزارس ۔۔۔ ونتو یارس کیاہ میانو پائی
ہادہ ناگہ منزہ موکھہ لاچارس ۔۔۔ ہیہ ناگرہ ہس مَنہ منز جائی
مرہم بنہ ہم سینہ افگارس ۔۔۔ ونتو یارس کیاہ میانو پائی
خودی تہ خوابکس منز بلہ ژارس ۔۔۔ بند چھہس تتھ یتھ دُر گل پائی
پوشان چھہ سنہ زانہہ نفسس امارس ۔۔۔ ونتو یارس کیاہ میانو پائی

غم چھوم دزہ یانتہ منز نارس — ییتہ ہیو اندنے ساری نیائی
کرہ کیاہ شر چھوم دل بیمارس — ونتو یارس کیاہ میانو پائی
قاضیا حال ون شاہ ابرارس — غیرتی آغنہ چھوی رٹھس پائی
اندہ تو تراوی سگ داغدارس — ونتو یارس کیاہ میانو پائی

## پیہ نا پالیس پیہ نا سانو

حال دل ون تس بے پیرہ ایس — پیہ نا پالیس پیہ نا سانو
ہول گوم لولہ کی نادلو لائیس — پیہ نا پالیس پیہ نا سانو
پیراہن ہیہ مال چھس ناگرائیس — دیہ نا درشن وندہ ہس کرانو
رشتہ وزہ سامانہ پیرت آئیس — پیہ نا پالیس پیہ نا سانو
سازتہ سیتارہ شوقہ سان وائیس — تازہ سان کرہ ہس تازہ بنہ وانو
چارت سازس تارہ روز ائیس — پیہ نا پالیس پیہ نا سانو
تس دلبرہ سنزہ مایہ گرہ زرائیس — سرہ پیہم کرہ توی ازلہ لانو
عشقنس نیالیس منز ہنہ آئیس — پیہ نا پالیس پیہ نا سانو
کمہ سینہ تیر نہ چھم تس دائیس — رودمرت نیزہ چھیہ تس سرمیانو
پیرس کسی چھیچہ دپنہ گیائیس — پیہ نا پالیس پیہ نا سانو
زیبا قد چھس عالی پائیس — زیباتال کیاہ چھس شوبہ وانو
سایہ کیاہ ایرک تس بے سائیس — پیہ نا پالیس پیہ نا سانو
لولاک لما بوزان آئیس — پایہ چھوی ذات پاک تس کرو وانو
تعریف منز قرآنہ کس آئیس — پیہ نا پالیس پیہ نا سانو

قاضین وِتی چشمہ وتھراوِ لس — پیہ نا برہ ہس عنبرہ تا نو
تولہ مس پیالہ پرہ عالی بالس — پیہ نا پالس پیہ تا سانو

## وچھ ہت سورہ سامانی بو

ازِ یتہ مالہ سانو شاہ شاہانی — وچھہ ہت سورہ سامانی بو
جان پان ونہ ہے جان جانانے — وچھہ ہت سورہ سامانی بو
پردہ تل ہاوان ماہِ تابانی — دزرہ سیت گوس نیم جانے بو
اتھ شمع روئس لاگہ پرولسے — وچھہ ہت سورہ سامانی بو
اچھ دار لوسس دتہ اوچھانے — گچھہ ڈیرہ دتھرے پانے بو
رچھہ بو کرہ ہے خاصہ مہانے — وچھہ ہت سورہ سامانی بو
تازہ تازہ ونہ وی خوش الحانے — تازہ سان سازو وایانے بو
راز بوز عشقن یاد راز دانے — وچھہ ہت سورہ سامانی بو
تشریف یور کن کرتہ ارزانے — ترتہ کرواتہ تور پانے بو
ندرہ ووگ نارہ ون چھہ ستہ ژالانے — وچھہ ہت سورہ سامانی بو
ینہ ٹھہ بوزم چان افسانے — تنہ چھس یال پرارانے بو
ستہ گوتاب ون رودمتہ وانے — وچھہ ہت سورہ سامانی بو
تولہ سارہ لالہ چھس نالہ دلوانے — لولہ اتش ژالہ تراوانے بو
ہولہ سیت جگرس گوم مہربانے — وچھہ ہت سورہ سامانی بو
سورہ گوم داد چھانہ حورہ شرپانے — حورہ چھس نار اللہ وانے بو
ترووہ پاٹ ہاو تم نورہ نورانے — وچھہ ہت سورہ سامانی بو

زاو کس چانہ خوتہ عالیشانے — ناو ہ چانہ کوت توشانے بو
جبرئیل چانوی خاصہ دربانے — وچھہ ہت سورہ سامانی بو
عرشہ خوتہ والا چانو آستانے — اوصاف کیاہ ونہت زانے بو
مدحت خوان چانو حق سبحانے — وچھہ ہت سورہ سامانی بو
تعریف چانن آئی در قرآنے — یٰس الف لام میم زانے بو
ژی نشہ تمہ کوی راز عیانے — وچھہ ہت سورہ سامانی بو
شوقہ چانہ پیدہ گو عرش و آسمانے — لولاک لما زانے بو
ذوقہ سیت پانہ حق درودہ خوانے — وچھہ ہت سورہ سامانی بو
چشمہ چھی جادو یمہ کمانے — ژالہ کتھہ تیر مژگانے بو
جیم چھوی کاکل میم دہانے — وچھہ ہت سورہ سامانی بو
زلف پیٹھ چھی عنبر نتہ ریحانے — رویہ سیت ہوشہ راوانے بو
رویہ نشہ آفتاب زون مندہ چھانے — وچھہ ہت سورہ سامانی بو
وٹھ چانن یاقوت وندہ دروانے — کتھ وی کرسہ دیوانے بو
خندہ وزہ وندہ پھل شولہ تراوانے — وچھہ ہت سورہ سامانی بو
کیاہ برہ غم از روز پرسانے — تتہ رٹہ چانو دامانے بو
مٹہ چھوی قاضی ژی ہر آسنے — وچھہ ہت سورہ سامانی بو

## ونہ ون

شوقہ سان پریہ کیاہ آیہ ونہ وانیٔے — شولہ ماران نئے سون دلدار
زوجان کرہ ہس کلہ قربانیٔے — شولہ ماران نئے سون دلدار

مشتاق رودس پانہ رحمانیئے
تس جبرئیلس آو فرمانیئے
جبرئیل امینؑ دراو دوراسئے
السلام علیکم سانہ جانانئے
واعلیکم السلام ولنسہ داستانئے
کیاہ چھہو پروردگار فرماوانئے
نیرو حضنہ نبر ماہِ خوبانئے
ذاتِ پاک تُوہ چھہو یاد کرانئے
عرضاہ بوزِ لو عالی شانئے
حضرت نبیؐ شان گیہ وچھانئے
زی جامہ والیس کرنہ رُوانئے
سیراہ کورہے پرت آسمانئے
لامکان آخر وات ذرہ وانئے
سیرس دراے تم بڈہ شوقہ سانئے
کتہ رُود گنیار گو یکانئے
محرم کورہے دانہ بو دانئے
مختصر یم چھہ سان شاہِ شاہانئے
ساقی کوثر محشرستانئے
محمد سعید و در قبر آسنئے
یژھ یژھ حسیرہ پاٹھ رٹو دامنئے

شوق گوس پیدا وچھہن یار
شولہ مارانئے سون دِلدار
ہیبت سو غریانئے پیش سرکار
شولہ مارانئے سون دِلدار
کِتھ پاٹھ آکھ یور کرتہ آشکار
شولہ مارانئے سون دِلدار
بوزِ وہیبت بوآس خاص اخبار
شولہ مارانئے سون دِلدار
ژور جامہ سوزان پروردگار
شولہ مارانئے سون دِلدار
پیر کھ تنہ زہ سپد تیار
شولہ مارانئے سون دِلدار
سورو سی گیہ وچھان ماہِ رخسار
شولہ مارانئے سون دِلدار
واتہ یلہ یارس نزدیک یار
شولہ مارانئے سون دِلدار
آزاد یم کرن اسہ در نار
شولہ مارانئے سون دِلدار
لا تقنطوا آو روزا امیدوار
شولہ مارانئے سون دِلدار

# وَنہٕ وُن

وَنہٕ وان مدٕنس حورہٕ تہٕ پریئے — پھٕل ییتہٕ گُل جعفریئے پوٚشہ
جانانہٕ لاگِتھ جامہٕ آوٕ زریئے — پھٕل ییتہٕ گُل جعفریئے پوٚشہ
اَسہٕ اوس تمنا بوزٕ سندریئے — وَنہٕ ہسن حالِ دِل بتھاوٕ مناگوشہ
پِہیہٕ نا سا نتھاہ لیوزٕ سر سریئے — پھٕل ییتہٕ گُل جعفریئے پوٚشہ
جِسہٕ ہوشہٕ ڈاجِنس بام دیدٕ وریئے — مس پیالہٕ تھاوِم کرٕ نا نوشہ
وُس نارٕ زاجِنم حیلہٕ کر کریئے — پھٕل ییتہٕ گُل جعفریئے پوٚشہ
اَسہٕ ون دِلبرِ خوشس گوہریئے — کُس لُشہٕ رُووم بال رٕ پوشہ
تُس لُشس زندہ گیہٕ مردہ مریئے — پھٕل ییتہٕ گُل جعفریئے پوٚشہ
قد چھوہس سروِ ناز حد اَنوارئیے — مدٕ چھوہس خُتنک کیاہ چھوس پوشہ
حد چھوہس لامکان صد ہتریئے — پھٕل ییتہٕ گُل جعفریئے پوٚشہ
خو نہٕ دِل تھاوُس پیالہٕ بریئے — کُنہٕ ہیتہٕ ییہٕ ناکرٕ ہم نوشہ
نہ وونہٕ ڈیہٕ تھاوِم چونہٕ جبر جریئے — پھٕل ییتہٕ گُل جعفریئے پوٚشہ
بُلبُل فِیر تُو باغ اندریئے — گُل نئی ڈیشِتھ توشہ باتوشہ
حالہٕ دِل پوشہٕ نول نالہٕ کر کریئے — پھٕل ییتہٕ گُل جعفریئے پوٚشہ
یا نبیؐ برتل آس جاکریئے — خاص امیدٕ ہیت برنہٕ وشہ
کیاہ غلام حسنس کاستم بھٹریئے — پھٕل ییتہٕ گُل جعفریئے پوٚشہ

## وَنہٕ وُن

سوزِ بس نوزِ سہ کُن تھاوِ ونوی — سوزِ ینِدراز . بوزِ و نوئے

امہٕ شاہ پری ینِدراز ونوی — نغمہٕ نازو ساز زونوئے

پرٕلو کرٕ ہس حیا کر تونوی — سوزِ ینِدراز . بوزِ و نوئے

عشقکہٕ کرایہ تل ماز پنانوی — راز ادہ گرِژھہ ژھارٕ ونوئے

تندرُن نار گرِژھہ اندرہٕ زالونوی — سوزِ ینِدراز . بوزِ و نوئے

ہو ہو ہو اللہ گرِژھہ پرٕزہٕ وانوی — ہو ہا سرٕہ کرا نوئے

ہو ہچہٕ رٕزہٕ چھوی روُح گرزہٕ وانوی — سوزِ ینِدراز . بوزِ و نوئے

دَم دِت ہوشمار دانہ نبرٕ ونوی — اک اک تراوٕ بُن کنوئے

نمہ منت والبت پتھہ روزِہ کونوی — سوزِ ینِدراز . بوزِ و نوئے

مَنہٕ کے یارہٕ بل پان چھلونوی — صاف تن گرِژھہ روزِو نوئے

تاپ گرِژھہ تابن آئینہ چانوی — سوزِ ینِدراز . بوزِ و نوئے

میخانہ اندری مَی گرِژھہ چانوی — سوئی مَی گرِژھہ گارٕ و نوئے

پئے بوزِ ساقیس مَی گرِژھہ چانوی — سوزِ ینِدراز . بوزِ و نوئے

دَم دِت شیرٕ ہتۍ گرزہٕ نوی — ہو تہ ہا ہتو کھ انزرٕ نوئے

ہو تہ روٗح ملہ وِت یکسان رٕ ونوی — سوزِ ینِدراز . بوزِ و نوئے

اچھہ دارہٕ گچھہ کو بٹھہ کرِو وتھرانوی — سالس لالہ پیہ سانوئے

تریان کرہٕ ہس کلہ پنانوی — سوزِ ینِدراز . بوزِ و نوئے

زندہٕ لاگ زندہ گرِژھہ زندہ مرانوی — زندگی سوی چھہ پوشہ الوئے

حے حیاتی ہند پیالہ گرِژھہ چونوی — سوزِ ینِدراز . بوزِ و نوئے

هستی تہ خودی گژھہِ مشرونوی
نیستی گژھہِ لارونوئے

مستی تراوِتھ پکھہ بروٗنہہ کونوی
سوزِ ییندراز بوزونوئے

صدرک داون ہتو گژھونوی
ناوٕن کتہ ٹھہراونوئے

هاژس کھوٗرہم ہیہ وسرانوی
سوزِ ییندراز. بوزونوئے

اے حسن ڈرائیور طول کیاہ دیونوی
موٗل گژھہ پیر آسانوئے

پیرس قربان کلہ پان میانوی
سوزِ ییندراز. بوزونوئے

## وَنہ وُن

جلوہ دِتہ یکھنا شاہِ خوبانو
ماہِ تابانو لول ہیو آم

زوٗرہ کیاہ ہیوٗ ٹھک نوٗرِ نوٗرانو
ماہ تابانو لول ہیو آم

نو بہار آو فل باغِ بستانو
بمجمرِ فولیاہ خوشبو دار

بمجمرِ مشول ہی تہ ریحانو
ماہِ تابانو لول ہیو آم

دیدار ہاوتو جانِ جانانو
چھاوتو خوش رنگ گل تہ گلزار

ینبرزل پراران سنبلستانو
ماہ تابانو لول ہیو آم

ناوس لگہ ہے قرآن خوانو
ہاوس چانوی چھُم بیار

گورہ گورہ کرہ یو نورہ دُرِ دانو
ماہِ تابانو لول ہیو آم

لالو کرہ یو خوش الحانو
زایلن غزلن لولہ طوٗمار

سیت ہیت پیٔے چھس ونہ وانو
ماہِ تابانو لول ہیو آم

ینہ مس چاو تھس عشقہ میخانو
تنہ چھس گیمژ لو بیمار

دل بیتاب چھنہ ڈنجہہ روزانو
ماہ تابانو لول ہیو آم

وَتہ نی چانن چھس اوچھ انو
نازہ نینن منز زن زیوانو
دُنہ مہ تمنا چھُو نہ نیرانو
زُلفِ پیچان چشم مستانو
بے وفا لاگِت وراک بیگانو
زار پوز کورنہ چھوی عار ایوانو
ناحق کیازہ چھوک مہ روشانو
دعویٰ میانو رٹہ چانو دامانہ
منظور چھُوی پران دَرد دیوانو
ام چان حسن تھاوافانو

آسہ نا ایوان مہ نوار
ماہِ تابانو لول ہو آم
بییہ تیتہِ للہ ہاو دیدار
ماہِ تابانو لول ہو آم
آسوک میانوی بخت بیدار
ماہِ تابانو لول ہو آم
آخر مرہ یو مُیتہ چھوی یارہ
ماہِ تابانو لول ہو آم
روزتو بوزتو میان وِلہ زار
ماہِ تابانو لول ہو آم

## مجلسِ نکاح خوانی

ینبرزلہ وعدہ کرُ وفاداری
نکاح لیکھہ نس گیہ تیاری
اسلام زندہ باد ونتہ ساری
رو تراو تورک زانن ہاری
عرمک خوش ہوا خوشگواری
خوش رنگ فولمت پوشہ زاری
وچھتو سلنی بخت واری
ہر سو سانی ناما واری

سنبلس بخت بیدار ییئے
سنبلس بخت بیدار ییئے
زینک چھتو نور تراوان
سنبلس بخت بیدار ییئے
عجمک گلشن فولہ ناوان
سنبلس بخت بیدار ییئے
زاتن ناو اَسہ کر مسلمان
سنبلس بخت بیدار ییئے

رحمت حقہ سنز اسہ پٹ جاری
فضلک دریا بے شماری
نرگسن ہندی یم گلزاری
چمنن اندر گل رنگ داری
نیرو نیرو خوش رفتاری
ہاوو پننہ نی دُنیا داری
زلکا پیچ مجلس مشک تاتاری
تارک اند اند زونہ ژوپاری
نازہ کس قلس وچھہ نازداری
جزیرہ بقا ژانٔ دُرِ شہواری
خطبہ گس باغس خوشبوداری
ہاوان جلوہ تم پُر انواری
جہدو پیمانس گیہ برابری
بلبلس مسوا کر خریداری
لولہ کن کارن لگہ ہوپاری
عشقک سودا عشقہ بازاری
نازنین پریئے ماہ رخساری
بوزان کم کم پُر خماری
منظورہ چاون خوش گفتاری
باغ نشاطہ بییہ شالہ ماری

نعمت تم اسہ سوز قرآن
سنبلس بخت بیداریئے
سنتچہ عطرہ سیت مشک تراوان
سنبلس بخت بیداریئے
چھاوو یاسمن ہی تہ ریحان
سنبلس بخت بیداریئے
قاضی صدرس پٹ شوبان
سنبلس بخت بیداریئے
عنبرستانچہ میلہ لیکھان
سنبلس بخت بیداریئے
گلاب نعتن ہند شوبان
سنبلس بخت بیداریئے
دون ستارن بل گوجانٔ
سنبلس بخت بیداریئے
معشوق عاشقن گو مہربان
سنبلس بخت بیداریئے
لولک ونہ ونٔ یتہ ونہ وان
سنبلس بخت بیداریئے
آسہ باگلعزار پانہ بوزان
سنبلس بخت بیداریئے

# کورہ ہنز نکاح خوانی بیٹھ ونہٕ وٕن

شادی آیم شادی بوی چھستہٕ
شیرینہ سانٕے فرہاد ستہٕ
گوڈٕ کم بُرنے سیتھ زکہ حستہٕ
پرٛھ کتہ چھی الوان یزمانستہٕ
یزمُن بائی بون کُن وستہٕ
مستور دراؤ از جنتستہٕ
پوشہ مال سان کیاہ منز نورستہٕ
تابہ ون نور ہیوا از عالمستہٕ
شانہ کیاہ شوبان کالہ مولستہٕ
پانہ گو مشتاق گلاب رولستہٕ
نال جامہ تمی روپہ بدنستہٕ
زال وانگن تل زال مستہٕ
سال از کرمت منز مالستہ
لیلہ ہند پیغام تتھ قبیلستہٕ
لیلہ ہند مالیون انتظارستہٕ
اَدہ پیوہ گاہ زن سیتھ محلستہٕ
ییتہ چھس مس ہیت منز پیالستہٕ
انتظام پیاران انتظارستہٕ

از پیوستہ دون یکسان
از پیوستہ دون یکسان
مبارک شولُس از دل وجان
از پیوستہ دوٗن یکسان
خوٗرِ وچھہ کیاہ چھی جان شوبان
از پیوستہ دوٗن یکسان
ماہ زن یزلان گاہ وچھہ جان
از پیوستہ دون یکسان
جانور ڈیشت گو حیران
از پیوستہ دون یکسان
کھالِ مال تراوتھ ہار شوبان
از پیوستہ دون یکسان
گبرہ مول ایہ نا از شوقہ سان
از پیوستہ دون یکسان
یزمن گبرہ مول واتہ شوبہ سان
از پیوستہ دون یکسان
چھیہ نا داماہ سون میزمان
از پیوستہ دوٗن یکسان

گچھ کوٹھ پیر تھ پوشِ وتھرستہٕ
لچھ توٗ یہٕ زمن ماہ تابان

واتہ از کس تھاوٕ پیغامستہٕ
از پیوستہ دون یکسان

وارہ پاٹھہٕ دِتو امس وازستہٕ
رنگہ رنگہٕ بنیا مژہ تھاوہ شوبہ بیان

مژہ مان گیرہ مال ین شامستہٕ
از پیوستہ دون یکسان

ازچھی پلہٕ ون رٹھمین کاغذستہٕ
دوٗ گنیار وور گٹہ زن یک آن

زونہ آفتابس یکہ استہٕ
از پیوستہ دون یکسان

محمد سعید و پور تھاوٕ جستہٕ
پلہ ونہ راضی پانہ یزدان

یاری منگتو تس فی استہٕ
از پیوستہ دون یکسان

## نکاح پرِدیتہ وزہ وننون

شادی از چھم ہارہ نندہ بانے
لیلہٕ مرجانے وار لیو آئی

مبارک از چھم بیتھ لشانے
لیلہ مرجانے وار لیو آئی

نال کیوت انمت شیرینہ سانے
لنڈنک ترٹ بیہٕ زندہ بہار

پھالہ ون یزتھ جان آنہ مانے
لیلہ مرجاتے وار لیو آئی

وار لیو آمت از باشانے
ینبرزلہ بمبرس کرنہ پلہٕ زار

ہیہ مال ناگرائے دِل پلہٕ واتے
لیلہ مرجاتے وار لیو آئی

سیت چھک مجمہ تہ باگر خلتے
عزبک عفرتہ میوہ شاندار

تمنا انہ دراو مستورہ سانے
لیلہ مرجانے وار لیو آئی

تمنا از دراوٕ مستورہ سانے
چھومناہ لیلے لون زوِرہ وار

مجنون وچھتو جمتہ آوٕ للتے
لیلہ مرجانے وار لیو آئی

ژُورہ کیاہ ملہ وُن اَس ننده بانے
پنزہ ووں لالس قدراہ زانے
ملہ وُن اُز چھے حسنچہ رانے
یاری کرلس ییٚن ڈیکہ لانے
پوشہ مال اَس ہیہ آیہ پور شوقہ چانے
استادہ روز تہ تمنا چانے
شاہی گوڈ لگ از گرہ سانے
خوشی رم رم دائے دانے
محمد سعیدو منگ نبیؐ ملنے
درعمر روز تس خوشی پیشانے

ماہ زن تابان منز سمار
لیلہ مرجانے واریو آئی
یوسف زن چھوس جانہ جانان
لیلہ مرجانے واریو آئی
ونہ وان لولک اسہ چھو ارمان
لیلہ مرجانے واریو آئی
آدی پور رم لگ وہ وہ ہار
لیلہ مرجانے واریو آئی
بلبل جوپرہ راچھ پرندگار
لیلہ مرجانے واریو آئی

## گرس منز پرٹھ اژنہ پتہ

گرہ مول پرزمن آوُ تورشانے
شاہی چھم تے چھہ ہس شادیانے
خواجہ صیب پیزمن آو شوبہ سانے
ژندہ تک ماراہ کانٹھ مالہ سانے
کتھی مالن چھونہ شوبانے
ازکیاہ محبس چھی جاہ سانے
پور شہ مالہ سیت کیوت اتو کھ جانے
لول کیاہ پرہ ہس تمناسانے

نکہ حن پانے لول برہ نے
نکہ حن پانے لول برہ نے
سیت چھس برُ بُرمجمہ تہ خان
نکہ حن پانے لول برہ نے
پنڈلم تہ دامن زرتہ ترادان
نکہ حن پانے لول برہ نے
کھر پرہ تہ میوہ کیاہ چھکھیہ لوزان
نکہ حن پانے لول برہ نے

یَز مَنز بھایہ لو پٹرھ نہ ایولسنے
زلیخایہ وچھیتو گورہ کرانے
وگنہ کیاہ چھی از جانن وَنہ وانے
لیلہ چھی نکہ حن سنز کرانے
لیل چھی پورتھ جانن سامانے
واریو گھرہ گژھہ ساتھ واتہ جانے
یوسف زن چھہوس ماہ کنعانے
انتظاری کران چھہ لولہ سانے
از چھی آمت جانن مزہ مانے
مس تھاؤ باگراؤ گژھہ چاونے
وازس ونتو کھال شاہانے
برونہہ کنہ تھاوتو کھ ڈلز سیٹ جانے
تتہ منز تھاوتو کھ گرمی سانے
مخمل تراو تو کھ دستار خوانے
وُدہ نیہ رالیو رُؤد ہوشانے
غلطی ییتہ گژھہ چھو نہ شایانے
ترایشہ کنہ تھاو تو کھ مس پیمانے
عیلہ تراوتھ گژھہ موئی باگرانے
یژھ مت صاحبن اولے پانے
دوگنیار تراوتھ گوکیک سانے

یَزہ مَن کیاہ از چھوہی تورشان
نکہ حن پانے لول برہ نے
لول چوہک لسیار لول باگران
نکہ حن پانے لول برہ تے
سیل کرہ ندر دل تمناہ جان
نکہ حن پانے لول برہ نے
زلیخا مصرس منز پیاران
نکہ حن پانے لول برہ نے
مس کی پیالہ ژی گڈہ برجان
نکہ حن پانے لول برہ نے
میتھ ماز قلیہ تہ بیہ پلاو جان
نکہ حن پانے لول برہ تے
ضیافت ہیوَن سولن یرت سامان
نکہ حن پانے لول برہ تے
پرتھ کوئنہ چیز نس پورتھ وچھیان
نکہ حن پانے لول برہ نے
پیالن ژُز تو تعزیمہ سان
نکہ حن پانے لول برہ نے
سری چھوی ونہ ہون بلہاوان
نکہ حن پانے لول برہ تے

محمد سعید سس تمنا جانئے
خانیارہ ورامت خاص پیوانئے

صحت کامل عطا یہ اُر جان
زِکہ حن پلتے لول بَرِنئے

## نکاح پرنہ برونہہ

وارلیو آمت تراؤ ملالو
پرئے لالو روز ہوشیار

بُرہ بُرُ تھاو تکھ سس کی پیالو
پرئے لالو روز ہوشیار

سیت چھک ژہ کیوت زرباف شالو
لیلہ چھو تراوُن بتہ شوبدار

مجنون بی ادہ نجدہ ون ژھالو
پرئے لالو روز ہوشیار

پونڈہ مال کنتھ مال لبے مثالو
چھاون یہ بنبر زلہ ژندنک مار

ڈیکہ دامن بیہ قینچی مالو
پرئے لالو روز ہوشیار

لندہ تک ڈیرہ اند اند جالو
جبہ جبہ کیاہ چھو تلہ چالدار

شوبہ سان آمت باکمالو
پرئے لالو روزہ ہوشیار

یوسف زن چھوی ماہ مثالو
لیس سیت اُنہ چھی الپہ اقرار

ڈیکس پیٹھ بسم اللہ تس چھوی خالو
پرئے لالو روز ہوشیار

پیاران اسہ دوت ییتہ ژہ کالو
اتہ واتہ شادی ژل وہ گنیار

دلنئی ملہ ون گیہ کالہ کالو
پرئے لالو روز ہوشیار

واریون کرُمت اُنہ چھوی سالو
آمت ہیت چھی شوق لبیار

ژہ پنگاہ آسکھ تتہ ہم نالو
پرئے لالو روز ہوشیار

راتمی پیٹھ منتریانہ ذوالجلالو
پتہ مت تم چھوی پانئے کار

بندہ سئی پیٹھ تس جان خیالو
پرئے لالو روز ہوشیار

محمد سعید یس ترا اَوا شکالو　　یس آسہ راضی نبیؐ مختار
تس کتہ پوری کینہ ہنز جالو　　پہ پرسئے لالو روزہ ہوشیار

## نِکاح پرن وزہ

راضی پیٹھ متنز حقہ سُبحانے　　قاضی محمدؐ پانے بوز
نِکہ حن پیٹھ چھوی ذِکرِ رحمانہ　　قاضی محمدؐ پانے بوزہ
روپہ سُند اَنہ لو گڈہ ملہ وانے　　سوزہ سند قلماہ جانے بوز
کاغذ یس تراوتھ پورہ ثش لے　　قاضی محمدؐ پانے بوز
کاغذ بمہ نہہ کن اَن شوقہ سانے　　قاضی صاحب نورانے بوز
شیرینہ بادام گترھتہ باگرانے　　قاضی محمدؐ پانے بوزہ
ہوشہ سان لیکھ تو مُحرہ تہ تھانے　　دلیکن ہیہ بیانے بوز
میل پیہ کاغذن کتھ چھ روزانے　　قاضی محمدؐ پانے بوز
ہنگہ وار زیور بس بہانے　　منگ تس یاری پانے بوز
ڈیکہ گنڈھ پورن ہیہ اُرجانے　　قاضی محمدؐ پانے بوز
یہ چھ آہ رسماہ بوزان سانے　　خصرن ہیوند چھ غرانے بوز
پیغام ہیت آو نبیؐ نورانے　　قاضی محمدؐ پانے بوز
اسہ چھ ملوت معاف فرقانے　　آیہ آیہ گنڈھ پرانے بوز
اکس اکھ تتھ پیٹھ چھوی روزانے　　قاضی محمدؐ پانے بوز
شوق زِی تس گرتھ اَدہ بوزہ پانے　　دوانِد چھوی سوری ملہ شانے بوز
سون روپیہ آخر چھوی بہانے　　قاضی محمدؐ پانے بوز

منشاۓ آسی حق سُبحانَس ۔ آخرتی چھہ بناتے ۔ بوز
تتھ چھونہ آ جٔفقہ بدلانے ۔ قاضی محمدؐ پانے ۔ بوز

شوق گوس پیدا پانے پانے ۔ سالس نون جانانے ۔ بوز
سیل کرہ نوکن پرتھ اسمانے ۔ قاضی محمدؐ پانے ۔ بوز

جبریلہ امین آو یک آنے ۔ توہ حصن خدا ژہارانے ۔ بوز
گوتیار محمدؐ دلؤیک آنے ۔ قاضی محمدؐ پانے ۔ بوز

لاغر سو براق آو دورانے ۔ یا نبیؐ چھہس پشیانے ۔ بوز
تسی ہلتوس پرواہ نہ دانے ۔ قاضی محمدؐ پانے ۔ بوز

مختصر بوز ذات لامکانے ۔ یارس نزدیک پانے ۔ بوز
وس پیو وند گنیار گو یکسانے ۔ قاضی محمدؐ پانے ۔ بوز

الفس میمس رشتہ چھُہ جانے ۔ دونوی اکھ چھہ پانے ۔ بوز
میمہ منز الف ہُرا اتھ ژہِ ہِتہ مارانے ۔ قاضی محمدؐ پانے ۔ بوز

محمد سعیدس رٹ دامانے ۔ ڈکھ چھہس محشر ستانے ۔ بوز
تتھ موکلاو لیس نبیؐ نورانے ۔ قاضی محمدؐ پانے ۔ بوز

## مٔہرنہ منیزہ رات

وَنہ بوو سندر دارے دارے ۔ اَز چھ اَچھ دارے منزے رات
گگنیو گنڈ تو دُر توہ سارے ۔ از چھ اچھ دارے منزے رات
زیرس ہمہ سی تارہ لیس چارے ۔ سوی بوز سوزک منہ ساسات
تتھ آو ازے کُن کُس دارے ۔ اَز چھ اچھ دارے منزے رات

صدرس وُنہ طبیعت دُرلُس کھارے
صدرسا منز باگ سوتہ کُشن نارے
بَن گدٕہ پھل تزی وس ادہ کھارے
معدماوہ سپدک کھعتہ دول تارے
مرشونس پروتھہ کُن ترو دُور لارے
لسقرتہ ماند ماکرتی چیرہ خرہ کھارے
تمہ پتہ کوند سنز وتھہ سوی گارے
پختہ بن تیتہ لُس تمہ گبٕر گارے
پھیور مہ دلو می عشقہ بیارے
معنہ یم کرہ نُس وارتا انوارے
تمہ نئے مجلسہ پروتھہ کُن کھارے
خامِن نن کیاہ کدٕہ بازارے
لیوت کمال پارِان ووتہ ونہ ہارے
الحمد اللہ وچھو شُوبدارے
کرہ نُس محنت کُنز نس ژہارے
مطلب وٲتِتھ زانتھہ لو ہارے
محمد سعیدس کتہ شستہ دارے
پانپور شمعس پتہ پتہ لارے

ڈنگلن منز سوتھا گترتھ اثبات
اَزچھ اچھ وارے مینزے رات
گرٕٹہ وول پیتھ تماوہ یکسات
اَزچھ اچھ وارے مینزے رات
کرانس سیت کرانہ سوی بات
اَزچھ اچھ وارے مینزے رات
نمن ووہ آستھہ آسان رات
اَزچھ اچھ وارے مینزے رات
تتھہ منز پیرہ مِٔی یم سوالات
اَزچھ اچھ وارے مینزے رات
تاوہ سیت یتھ یم گیمت وات
اَزچھ اچھ وارے مینزے رات
از اوس ماہتاب لکھمت رات
اَزچھ اچھ وارے مینزے رات
نُس پھلہ باغس لوہ میوہ جات
اَزچھ اچھ وارے مینزے رات
نُس سہ عشقنہ تپ وچھوس رات
اَزچھ اچھ وارے مینزے رات

# آب شیرن

یتہ مَن صاحبن کرٕ مہربانی
لیلہ چھ آب شیرانۍ

ژلہ چھہ سندری چھی وتہ زانی
لیلہ چھ آب شیرانۍ

ستہ زنہ یدٕ تس آب تلوانی
ماس چھی مل تُلانۍ

پوشہ چھی صابنہ ڈھیر کرانی
لیلہ چھ آب شیرانۍ

بھانی چھی اتھ سے نعل آتانی
بھانی پوشس چھاوانۍ

موج چھے عیلس مالہ کرانی
لیلہ چھ آب شیرانۍ

مولہ چھی شوقہ سیت پور ژالی
مامہٕ جان ونداونۍ

رشتہ دار ساری خوش پشیانی
لیلہ چھ آب شیرانۍ

کالہ موی خورشید رعنی تابانی
ژیکہ چھوی کیاہ پھلانۍ

وتہ کسمہ کرہ کس تعریف بیانی
لیلہ چھ آب شیرانۍ

کتہ دچھلہ لوز کیاہ چھک الرانی
سنہ گوندٕ شمن چانۍ

تتہ تم رنزی دوزٕ ٹلہ ژالی
لیلہ چھ آب شیرانۍ

بدنس چانس شکہ طرفانی
حدہ روشس صاف شوبانۍ

شان زن تابان مل نہ اکھ دانی
لیلہ چھ آب شیرانۍ

اطلاس زرباف نال شوبانی
اُتھ روپہ بدنس چھانۍ

صاف کیاہ تہ چھانی پتہ تراوانی
لیلہ چھ آب شیرانۍ

لعلہ تواس ہہ آؤ لولہ چھانی
کیاز چھک اسہ منہ چھانۍ

رژ لہٕ پتہ پلٹو چھی چھانی
لیلہ چھ آب شیرانۍ

زاد جو زرہ نے چھہ پوشہ بانی
زیور زرہ تراوانۍ

روشہ دارہ نگمین شرن کرانی | لیلہ چھہ آب شیرانۍ
باڑ خدا کرُنۍ تہ نگہبانی | ہمتہ سان روزانۍ
سُہ کری پانے نظرے ثانی | لیلہ چھہ آب شیرانۍ
یرمن بائے اسہ کنۍ چھمہ وچھانی | بوزِ مہ وندوِل زانۍ
انجام انونۍ پاک یزدانی | لیلہ چھہ آب شیرانۍ
محمد سعیدن لوگ غزل خوانی | دُنہار کیا تہ روشانۍ
دعا تس پرِزہِ نا کرِن دلہ جانی | لیلہ چھہ آب شیرانۍ

## مہر نہ پیہ وول

چانی دوری اُس ہو آیہ بوزِتھ چھو نوی | اُچھ دار بوزِ و ونہ وولونۍ
مجنونن خاشن گھٹ تہ گرتھ ھونوی | اُچھ دار بوزِ و ونہ وولونۍ
اَسہ ژُن چھوی زبان ڈیکہ بیدہ ونوی | روی چھون تابان آفتاب زنٔ
خوی چھون شیرین موی تابہ وُن | اُچھ دار بوزِ و وُنہ وولونۍ
یُس تہ چھکٔ باگن تس شکر گرونوی | واللہ تہ باللہ چھوس نصیبہ جانٔ
قسمت وبالیو منتر متہ موتُو تمی | اچھ دار بوزِ وُنہ وولونۍ
یتھ گرس بوز پیہ پرتو چھ نوی | سوی گرہ کوتاہ آسہ تابان
سارنی باژن آسہ پھلونوی | اچھ دار بوزِ و وُنہ وولونۍ
یرمن بائی بوز وُنہ وونوی | دنہار کیاہ چھی نندہ تراوان
دلمدوز ساتھاہ بوزن سونوی | اچھ دار بوزِ و وُنہ وولونۍ
یرمن شادی اندداتہ وونوی | اسہ سوت اَسہ ژن وُنہ وُن جانان

چانن کوریت کیاہ چھومُہ نوزنمی | اچھ دار بوزہ ونہ دولنوئے
ہارہ ازیتہ دولِ رننہ پھُلہ دولنوی | بوزِتھ دشمن گیہ نیم جانئے
اندر ژل جنگل روزِ کسہ کو نوی | اچھ دار بوزنہ ونہ دولنوسے
محمد سعیدو روز منگہ و نوی | بُلبُل چورہ گژھہ وارہ تھاوُن
یزدان صاحب مالک سو نوی | اچھ دار یوزد ونہ دولنوئے

# مہرلہ پیرِتھ

جنتہ منزہ حورہ درایہ سورہ پرانی | اَچھ دار جان شوبانئے
ہارہ ازیپیہ منزل روزِ توشانی | اچھ دار جان شوبانئے
کالہ موئی تابان زرہ تراوانی | وال کن کیاہ الہ رانئے
پھول دار متس زال شوبانی | اچھ دار جان شوبانئے
بدہ لنس چھی لوان مشکہ طوفانی | رہ یہ تنہ جامہ شوبانئے
ڈیشتہ لیس رشح چھس تازہ سیدانی | اچھ دار جان شوبانئے
ڈیکہ چھی پھلہ زن روی تابانی | ہیکہ کُس تعریف چانئے
پانہ چھک تھرہ مزحقہ سبحانی | اچھ دار جان شوبانئے
یژھ ہمت کارہ پانہ یزدانی | دون چھوی سوئی بلہ والئے
قاضی پانے راضی لاگانی | اچھ دار جان شوبانئے
ادہ لنہ پانے چھوی باگرانی | کُس کس شانہ پھمانئے
اولہ بیٹھہ اندس تام پانہ زانانی | اَچھ دار جان شوبانئے
یزمن پائی از خوش پیشانی | کور چھس از ہمانئے

شامن کونزہ ترتگ گژھہ تراوانی — اچھ دار جان شوبانئے
مول موج کوریَن واتہ ناوانی — آخر گرہ نیرہ انئے
مالس خریدار واتی یک آنی — اچھ وار جان شوبانئے
گرہ چھوی واتن حسنچہ رانی — واریو گاہ تراوانئے
راچھ تہ کرنے حق شہلانی — اُچھ زار جان شوبانئے
مُتہ چھوی قسمت یود دُوہ دانی — واریو چھوی قدرہ وانئے
اندروا اتنا عنے یانہ یزدانی — اچھ زار جان شوبانئے
مجنون شامن ایی مہمانی — لیل چھس دیتہ پیارانئے
شاہ بیٹھ ونہ تس پانہ پیرانی — اچھ دار جان شوبانئے
پیٹھ چھس پیالہ ہتہ مس باگرانی — وتہ دتہ پوشس وتھرانئے
لچھہ ناوس کیوت گچھہ سجانی — اچھ زار جان شوبانئے
وَنہار اسہ آس شوق کیت چانی — تم از پور سپدانئے
باخدا اسہ چھیا پید شادمانی — اَچھ وار جان شوبانئے
محمد سعیدس تمناہ جانی — کوریَن کر مہربانئے
منز خانیارس چھوپی رزانی — اَچھ زار جان شوبانئے

## میتہ وول شام

وگتہ بلہ وگنیو ہیوت دتہ وپنوری — پوشہ مالہ گرہ واتوسنئے
ناوس واتس اوز ملک لونوی — پوشہ مالہ گرہ واتوسنئے
لیلی ول گژھہ خوش عقادہ لونوی — مجنون سالہ ایہ سالونئے

گچھ کوٹھ کرتوس پوشہ وتھرونوی — پوشہ مالہ گرہ واتونئے
اذہ یکس ساتھیس دل رچھرنوی — گدٹہ ہیوک کار چھوی چونوئے
سو چھوہ ون پیزپاٹھ سرتاج — پوشہ مالہ گرہ واتونئے
خدایہ سند فرمان یم امی ہونوی — تس زبان چھےتہ بخشونوئے
وارہ پوز اتھہ پیچھ گژھ یکونوی — پوشہ مالہ گرہ واتونئے
ہر عیب فادر گژھ زانونوی — ہشہ ہیند گژھ پوزہ لونئے
ژری گژھ بھائی جان پور ماتونوی — پوشہ مالہ گرہ واتونئے
یم اکھ وار یو خاص گرہ مونوی — قسمت تس چھو کھ ہدونوئے
ترقی کن قدم سوگو ترادونوی — پوشہ مالہ گرہ واتونئے
چوارہ پوز کمینزہ تہ زیوٹھ یم زانوی — تس یوت بوہ ہیر چھپہ یکونوئے
بہہ گژھ طبیعت نرم تھاوہ نوی — پوشہ مالہ گرہ واتونئے
آخر گور ین گرہ گژھونوی — اذ تام ائی چھو ینہ رونوئے
وایہ پوک محبت گژھ بڑھادونوی — پوشہ مالہ گرہ واتونئے
ہر وزہ دل گژھ شاد تھاوونوی — درسیچو گژھ روزہ ونوئے
عذہ وزہ ذا تس گژھ منگونوی — پوشہ مالہ گرہ واتونئے
اُرجات در کوٹھ گژھ رونزونوی — عاقلو تی ٹھیک ونوئے
ہگہ طالبان چھپنہ یوزونوی — پوشہ مالہ گرہ واتونئے
رحم کریار بلہ بینڈہ چھوس چونوی — ایرہ گوس چھوم آذہ لونئے
اذ کور بالین گژھ بخشونوی — پوشہ مالہ گرہ واتونئے
محمد سعید گژھ پوز ونوی — فرقان گژھ عزہ رونوئے

رسمہ بد پور گژھ ونز رتہ او ونوی    پوشہ مالہ گرہ واتو ہنے

## مہرازہ سندیُن

منسٹر آمت منز جیب کارن    اسہ دلدارن دیت دیدار
پنز پاٹھ بوز سون پاک ستارن    اسہ دلدارن دیت دیدار
یوت کال ووت اسہ لالس پیاران    تمناہ اوس اسہ برہ اژہ یار
اژ پور بوزی پرور دگارن    اسہ دلدارن دیت دیدار
دیوانہ کراس ام انہارن    واللہ دل سون گیہ بے قرار
پورہ پاٹھ روی ہا اسہ گنہگارن    اسہ دلدارن دیت دیدار
ینبرزل یمبرس آسنا پیاران    شلہ پیٹھ واتوس ور انتظار
سنز آسی کران ہنگہ شمارن    اسہ دلدارن دیت دیدار
کر مہربانی از جگر یارن    یکسان زون کتہ دو گنہگار
گرہ سون منور کُر ام یارن    اسہ دلدارن دیت دیدار
ہول اوس کرمت چھان امارن    لول اوس وُچھ ہسوی رویہ انوار
بے تاب بناو ابس ام لولہ نارن    اسہ دلدارن دیت دیدار
دل اسہ برمہ رود سبز دستارن    اتھ چہری راضی نبیؐ مختار
اتھ تم ژولسہ مال غمخوارن    اسہ دلدارن دیت دیدار
حضرتہ نبینؐ تم سرزارن    چشمہ بد کرنے دور یکبار
گلزار کرہ سنے پرہتہ وزہ نارن    اسہ دلدارن دیت دیدار
یا رباہ دعا مونگ ام سعید دارن    بلبل جورہ کرہ راچھ ستار

خوش حال زندہ گی تھویمن یارن | اسہ دِلدارن دِیت دیدار

## مہرازہ یِنہ پیٹہ

باغچ ہاری حسنچہ رانی | گورنز آوُ طوفانی سون
رویہ چھوئی اُمسند لوز نوشانی | گورنز آوُ طوفانی سون
دِلسئی ازچھم پورہ شادمانی | لوُبہ ون دِلبر دوتم سون
منز ہیت آئہ گاہ ترانی | گورنز آوُ طوفانی سون
موٹھ کارن لیچ مان مانی | لالہ بھلن شوبان زوتہ ژلہ گروان
سیلہ مُت آمت یورہ سانی | گورنز آوُ طوفانی سون
ناوس پانے آویک آنی | زونُن لیلہ ہند ماہن کرون
پانے وانن یہ ہے گیہ جانی | گورنز آوُ طوفانی سون
دِرول لیلہ ہوند کیاہ چھونثرانی | بے حد تمنا چھوکنا ہِچون
پوشہ مال لاس آس پیارانی | گورنز آوُ طوفانی سون
ہوش سنبھالتھ پوشہ وتھرانی | شوقن تس اوسوئی اتہ کرسون
فرہاد آمت کوہستانی | گورنز آوُ طوفانی سون
شیرین پیرت نیرہِ سیلانی | ناو بیوس اُز لک نوناہ چون
رنگہ رنگہ نیاو شراتہ باگرانی | گورنز آوُ طوفانی سون
محمد سعیدن لوگ غزل خوانی | بلبل ہیو یرہ گتھ دارہ تھاوسن
خانیارہ آمس چھوہی سومنگانی | گورنز آوُ طوفانی سون

ایضا

بڈ پڈ آفیسر سیت فرہادس    سانہ خانہ ماجے نادس آو
روی کیاہ تابان صاحبزادس    سانہ خانہ ماجے نادس آو
باجدا از چھوم دل منز شادس    پنز پایٹھ مجیوان گرہ سوان ژاو
لیلہ توہ ونتو چل یتہ سادس    سانہ خانہ ماجے نادس آو
فیور از دلو می لولہ اوسادس    تتھ منز وچھمی نس چون ناو
تراوتھ پھیران دل آزادس    سانہ خانہ ماجے نادس آو
یتہ چھی سازی پورہ استادس    طماہ دار کرنے پوشہ لنجہ واو
شادی پور گیہ دل ناشادس    سانہ خانہ ماجے نادس آو
پار پار لگہ ہے اتھ ارادس    ونکتام منزم یور کران آدیاو
ازبیہ آخری واتن دادس    سانہ خانہ ماجے نادس آو
قدم یلہ تراوتھ خانہ آبادس    ینہ چانہ لیلے کوت برچاو
وزہ چھالہ ریچھ زن پور تھاہ یادس    سانہ خانہ ماجے نادس آو
زمہ زمہ منگ تس شاہ بغدادس    دستگیرہ کری یتہ غم تراو
خانیار ڈیڈہ تل تس گرہ نادس    سانہ خانہ ماجے نادس آو
محمد سعید تس دل ناشادس    یاری کرتس ڈیڈہ تل آو
پان تم لیشر وو شاہ بغدادس    سانہ خانہ ماجے نادس آو

## مہرن کڈن وزہ

خواجہ حبیب یتہ من نوشہ آو نادس    شیرین دراہ یہ فرہادس سیت
سیس گیہ سیت نورہ شہزادس    شیرین دراہ یہ فرہادس سیت

مالہ نیوک چارج مدرہ نش تھاؤ تو ۔۔۔ یانہ پُشراو تو ذوالجلالس
ہوش یزہ تھاؤن جانہ جانانس ۔۔۔ برکت نیہ تھن پانس سیات
مجنون کارہ زاو پھکنہ ونیشرانی ۔۔۔ دریایہ کھو گرایہ مارانی سٔے
ولبیہ بیہ آشناؤ یتہ دورانی ۔۔۔ دریایہ کھو گرایہ مارانی سٔے
کارہ والہ لوت کریہ پیڈکارے ۔۔۔ اسہ لوگ ہارے بے وفا پور

## مہارزہ مینزہ رات

حورہ چھی لولہ سیت سورہ پرانی ۔۔۔ اَز چھ شولانی مینزے رات
مجنون وچھتن جانہ جانانی ۔۔۔ از چھ شولانی مینزے رات
پانہ اوس یتہ ہمت حق سبحانی ۔۔۔ دون ولن ہلہ ون بیہ ملاقات
بلبل بیہ گل از چھ توشانی ۔۔۔ اَز چھ شولانی مینزے رات
خانہ مول گراہ کیاہ توشانی ۔۔۔ حمداہ پرتھو ووت رت سات
انتظام کائے ودنہ روزانی ۔۔۔ اَز چھ شولانی مینزے رات
پانے ہیرہ بن پور نشرانی ۔۔۔ سنتریہ والیوکتہ چھوی کران بات
یزمن وچھتو کیاہ توشانی ۔۔۔ اَز چھ شولانی مینزے رات
یزمن بائے وتہنہ ایوانی ۔۔۔ شیر شیر چھی تھوان سامانہ جات
پگہ ہک انتظام تیز تھاوانی ۔۔۔ اَز چھ شولانی مینزے رات
رشتہ دار ماسہ پیچھ آیہ دورانی ۔۔۔ لالس ونہ ولنہ آو رت سات
شوقہ سان بیتھ دوہس آسہ پیارانی ۔۔۔ از چھ شولانی مینزے رات
گوش تھاو یشن مالہ سیدانی ۔۔۔ لالہ سان پرتن رت آیات

خدائس منگتو کر مہر باتی — اَز چھہ شولانی مینز سے رات
یُس اکھ تُس پٹھ پٹرھ تھاوانی — تُس چھنہ برونہہ کنہ کینہہ مُشکلات
با اُمیدس چھوی پور یوزانی — از چھہ شولانی مینز سے رات
محمد سعیدن لوگ غزل خوانی — انجام کام اُتہ یانہ پاک ذات
دُعا گو غانیاں چھوی روزانی — اَز چھہ شولانی مینز سے رات

## مُس کاستہ پرونہہ

فرانسکہ ووستو کرو اُتھ واستو — لالس کاستو ولایتی مُس
نُندہ بون لالس تہ کسب ہاوتو — لالس کاستو ولایتی مُس
کمخواب لونگ زری نالس تراوتو — ہور شہ سان روزنہ تھو وارہ تھو دیان
سونہ سندین کعہ رین تیزی تھاوتو — لالس کاستو ولایتی مُس
باون رویہ سند تہ کور تھاوتو — تُندہ نہ کن کنگہ ول صفائی جان
زہ سیت گلاب عبرک تراوتو — لالس کاستو ولایتی مُس
سامانہ سورےی گڈہ انہاوتو — لالہ سون آول خوش پیشان
موٹگھری مستس تہ مشین لاگتو — لالس کاستو ولایتی مُس
لالس چھوی دچھن ہور فرر استوی — نندہ بون کر زن مجنون خان
تتہ ینہ گراوُ ایی نہ خیال تھاوتو — لالس کاستو ولایتی مُس
کوفوز سیتن امس تن ناوتو — یہ چھ اُسہ خانہ مول یہ الل خان
لسنہ بہ کس ورز ترمس ہاف کٹ تھاوتو — لالس کاستو ولایتی مُس
صاف یاٹھ مستس نیہہ ڈکھ تھاوتو — ہیر ہ قلمہ ہند بناون جان

لیلہِ پنبدہ مالنہ کرز لیس پاستو | لالس کاستو ولایتی مس
دَنہ ون پوز تو لو بیہ خاصتو | محمد سعیدن کر بیان جان
مبارک یزہ منس لچھ تہ بیہ پاستو | لالس کاستو ولایتی مس

## مس کاسن

روسی ووستاہ چھری کو تکہ سائی | لالس مس شیرانئی جان
روپہ پستر قینچی کیاہ گلہ واتئی | لالس مس شیرانئی جان
سونہ سندن کھورین فش کرانئی | بلون پیٹھ چیوری گلہ وان جان
لندنہ کین کشگلہ دِلن بر شیرانئی | لالس مس شیرانئی جان
مجنون وچھتن جانہ جانانئی | آفتابہ گمہ منز زلن تابان
پوٹ زن ستہر مس تاپانئی | لالس مس شیرانئی جان
لالہ چھم ننرہ بون ماہ تابانئی | ہو فرین کن ازہ پور چھپس دِھیان
لیل تہ پیاران پورہ سامانئی | لالس مس شیرانئی جان
باغک بلبل چھوم الل خانئی | گل ازہ ڈھانڈان پورستان
نہ لس منز چھپس حقہ شجانئی | لالس مس شیرانئی جان
دَنہ دوہ تمسندہ رو توہ دِلہ وجانئی | لیلہِ مجنونس ازیکان
راچھہ ون روزنات پاک یزدانہ | لالس مس شیرانئی جان
حضرتہ نبیؐ سون چھک نگہبانئی | نظرہ بد دور انہ کریکھہ یزدان
نارس گلزار ازہ یک آنئی | لالس مس شیرانئی جان
محمد سعیدس تمناہ جانئی | آبادہ آسس بیہ تہ مسلمان

تس یا چھوی کمبرڈ کھ تبیٔ جانانیٔ | لالس مس شیرانیٔ جان

## حمام کرن وزہ

ورا کھ تن ناوتہ جان جانانیٔ | زوست چھی پوشش وتھرانیٔ لوز
بھائی چھی وتہ وتہ دیار باگرانیٔ | زوست چھی پوشش وتھرانیٔ لوز
مول چھوی پوشن مالہ کرانیٔ | یڈبب کیاہ توشانیٔ لوز
مان چھی ہیرہ بن پلہ ترانیٔ | زوست چھی پوشش وتھرانیٔ لوز
ماسہ چھی دل جان شوقہ وہ وانیٔ | پوپھہ چھی خوشش پیشانیٔ لوز
بینہ چھی ہور کُن پترہ رنزہ والیٔ | زوست چھی لوشش وتھرانیٔ لوز
موج چھی ییرہ من توت کرانے | مامنہ بوسہ کرانیٔ لوز
بسترن واللہ پترھ نہ ایولانیٔ | زوست چھی پوشش وتھرانیٔ لوز

## گوبرہ بینہ وول

ازپھوم بینہ دول با اقبالن | زچھ پوشہ مالن ڈیر سپدان
مجنون اندکن جان خیالن | زچھ پوشہ مالن ڈیر سپدان
مہر یتھ تراوتھ ذوالجلالن | تم سندہ قدرتہ کرم سپدان
شادی ہنز بانگ پر حق بلالن | زچھ پوشہ مالن ڈیر سپدان
وان گژھتھ وَن یمن دون لالن | ازچ بلہ ولن ییرہ نکمہ جان
نتہ کیاہ صفت چھوی سالن تہ کالن | زچھ پوشہ مالن ڈیر سپدان
یار چھی لگمت سیت عالم مالن | ہارن تہ پوشن تہ وُہ کران

شامن تراوان یارن نالن
وچھ پوشہ مالن ڈیر سپدان

بلبل دوستن سیت کیاہ چالن
تیاری شاہ مچ جان سپدان

فرہاد چھ تو یمنۂ خیالن
وچھ پوشہ مالن ڈیر سپدان

ہو قرن روبہ سیت ہیراز والن
اچھ منگہ دستار بیہ داغ جان

تتہ اتن زینتہ لیلی عیسلہ مالن
وچھ پوشہ مالن ڈیر سپدان

نوش ازو اتہ لیور آب بھیرہ نالن
تائید ہیت ایہ دار یوس جان

چھنہ ژُہن روزن منز ژلالن
وچھ پوشہ مالن ڈیر سپدان

مول چھس مشتاق یمن شرژھالن
ہنگر گس کھانٹس لبرہ کران

کوم اندہ ولتناوکھ ذوالجلالن
وچھ پوشہ مالن ڈیر سپدان

محمد سعیدا از چھوی چالن
زون ہنزہ لہ ورنہ خوش سپدان

مبارک سہ زہ نو تستد عیالن
وچھ پوشہ مالن ڈیر سپدان

# میٔنزٕ راتہٕ وَنہٕ وُن

گوڈٕ پٔرِتھ بسم اللہ اَزٕ پرسوٗرن — سُرگہ چھِنہٕ حوٗرن مانز لاگان

یا نبیؐ کَر نظر لولہٕ کستوٗرن — سرگہ چھِن حوٗرن مانز لاگان

آبِ زمزمہ سیت مانز ملناوِن — سُندرن لاگت کیاہ شوبان

سُندرن واتھ شعلہ کیاہ مارن — سرگہ چھِن حورن مانز لاگان

لولہ دکانو مینز چھےٚ دواتان — لولہ مہرنیٚ تی چھ لاگان

سوی چھےٚ شوبان دوٗن اتھن حوٗرن — سرگہ چھِن حورن مانز لاگان

پھِچھ ہمت ساری مانز ملناوِن — مشک تتھ عنبرٕ ہند چھِس ایوان

حس تہٕ ہوش نیوٗنم ام وستوٗرن — سرگہ چھِن حورن مانز لاگان

اندٕ اندٕ شوبان ولیہ تہٕ دائے — [illegible] بہ چانہ مائے مانز آڈران

شمعدانہ چھی رٹتھ پیٹھ رنگہ زدوٗرن — سرگہ چھِن حورن مانز لاگان

روپہ پند من مجلس پیٹھ کھور رچھاوان — سونہ سنٛدہٕ چِچہ سیت مانز تراوان

زرٕ تتھ تراوٕنے مشک کافورن — سرگہ چھِن حورن مانز لاگان

حورہ چھِس اندٕ اندٕ سورہ پرٕ ناوِن — والتین وَنہ یتھوٗن بونہ ناوِن

کِن بھاوٕ دارہ پاٹھ بوز لولہ سورن — سرگہ چھِن حورن مانز لاگان

سُرگچ مائز وچھ رنگ کیاہ تراوان — رنگ ژٕلہ عالمس سیت یک آن

بانگ پور تکبیر پیٹھ کنگھوٗرن — سرگہ چھِن حورن مانز لاگان

شب اسرارن مینزے راتن — شب معراجن دِتونم تار

پنگلنہ مسرور چھی زہ پرارن — سرگہ چھِن حوٗرن مانز لاگان

# مینزرٕ وٕنہ وٕن

سُرگچھ حوُرہ چھے تری وٕنہ والی — مُہرنہ مینز لاگانئے
پوشہ مال روشتہ پاٹھ آیہ بوستانی — مہرنہ مینز لاگانئے
لولچہ مینزرہ دِتو رنگ عرفانی — ساری چھی توشانئے
گوشس بھو وارہ پاٹھ حوُرہ وٕنہ والی — مُہرنہ مینز لاگانئے
باغہ مینزرہ نیرت گیہ رُوانی — بسرونٹھ آیہ حورہ وٕنہ وانئے
بلبل زن گلشن نالہ گرانی — مہرنہ مینز لاگانئے
چاوہ نا ساقی موُے عرفانی — سارنئ بوئے ایوانئے
نال چھس ولیت عشقہ پیچانی — مہرنہ مینز لاگانئے
حال ورایہ پوشو مینزرہ رُوانی — حالہ اکہ نور پیشانئے
شب روز کرہو اُسی ثنا خوانی — مہرنہ مینز لاگانئے
سنبل ڈیشت یم پیشانئے — ارنبلن رٹ آسمانئے
زلفچن تارن گرایہ مارانی — مہرنہ مینز لاگانئے
نرگس شوبان مینز گلستانی — سُرگچھ حور زیبانئے
پرگن مینز یاگ چھے شعلانی — مہرنہ مینز لاگانئے
ستارن کٔن ان مینزام والی — یندرن شعلہ مارانئے
گندرن ڈیشت گیہ حیرانی — مہرنہ مینز لاگنئے
وُلنہ آئے کورکلن عشقہ پیچانی — عاشقن دِل اویزانئے
پانہ تیس رسول حقہ سبحانی — مہرنہ مینز لاگانئے
طبیب ہنگلن چھوی پیرانی — مسرورہ چھے شاولمئے

سازِ روزِ موجود جانان قربانی | مُہرنہ مینز لاگانئے

# مس مُژرن

حُورن تہ پرِیَن اَتھ وَنہ ناوِے
شوقہ سیت جان جان دُرگنڈٔ ناوے
فلِلس عطرہ ہند ڈیرہ کرہ ناوے
کالہ موئے شوبدار زرہ تراوہ ناوے
اچھ ناره گچھ کوبھ پوش دتھراوے
لولہ چانہ مسہ کی پیالہ برہ ناوے
سونہ ہارہ مستس پھول کڈہ تاوے
ٹوٹھ چھم روئی چون نور پیراوے
کستور نافہ سیت تن گڈہ ناوے
وستور مٕنچھ کوکلہ وَنہ ناوے
ژندن دارچینہ کنگن اناوے
اندن تتھ تختہ جال چیرہ ناوے
خوب اَتھ موئس تیل ملہ ناوے
تمنا آسوم شوقہ ورِزھہ ناوے
لیلہ ہند پاٹھی شانہ کرہ ناوے
چالہ از سندراہ مالہ کرہ ناوے
آدم قہرس لار کرہ ناوے

رُمہ رُمہ مس مُژراویو
رُمہ رُمہ مس مُژراویو
حُورن اَتھ ملہ ناوہ یو
رُمہ رُمہ مس مُژراویو
لچھ تہ ساس وانکہ پیراویو
رُمہ رُمہ مس مُژراویو
پوشہ زن نرم تھاؤ ناوہ یو
رُمہ رُمہ مس مُژراویو
مستور دایہ تھوِہ ناوہ یو
رُمہ رُمہ مس مُژراویو
ژندن تتھ مشک برہ ناوُ یو
رُمہ رُمہ مس مُژراویو
شوب وارڈیکہ پھولہ ناویو
رُمہ رُمہ مس مُژراویو
اَئِلہ سانہ دِل خوش تھاویو
رُمہ رُمہ مس مُژراویو
دشمن خوار کرہ ناوہ یو

حضرت نبیؐ صاب ڈکھ تھاوہ ناوے    رُمہ رُمہ مس مژراویو
محمد سعید س اتھ لیکھہ ناوے    وُنہ وُن تی یرہ ناوہ یلو !
بُن بن تعریف چان کرہ ناوے    رُمہ رُمہ مس مژراویو

## مینز وَنہ وُن

مندہ چھان کیاہ زِ چھک لگیو ماری    مانز لاگے یو وُن ہاریے
ست زِنہ سونیئے زارہ تہ پاری    مانز لاگے یو وُن ہلدیئے
کافور لیسمن رنگ اوز جاری    اتھہ چان کرو رنگداریئے
تی وچھت پھولہ زِلت گلِ اناری    مانز لاگے یو وُن ہاریئے
رنگ چھون ڈلیشت حیران ساری    وچھ کس سنا تل ٹاریئے
چشم بدہ رچھنہ پروردگاری    مانز لاگے یو وُن ہلدیئے
ڈیکہ چھون پھولہ مُن بمہ تلواری    الفہ آیہ نسبتہ خنجاریئے
کشمیرک گلاب جوہرہ شوب داری    مانز لاگے یو وُن ہاریئے
کالہ موئے شہپان شانہ کرہ کاری    بروِ کس کالہ شہماریئے
وُچھون بجھون نن ٹا کاری    مانز لاگے یو وُن ہلدیئے
دَاند چان یا قوت لب شکری    کتھہ چانہ کیاہ مزہ داریئے
طوطہ کُل گیمرت چانہ گفتاری    مانز لاگے یو وُن ہاریئے
نال جامہ زری طلہ جوہ جاری    کف تہ کالر شلواریئے
صابرن روز کتہ صبرہ قراری    مانز لاگے یو وُن ہاریئے
تس کیو تہ قیمت زور آور نا    لس سیرت گئی خاندرائیئے

واللّٰہ ژٕ ہیوٚہ خاصہ انہاری　　مانز لاگے یو وٕن ہاریئے
مینٛز چھے واتٕمژ از زادہ جاری　　لاگن ژٕ اچھ دار ییئے
اُتھ کھور اس کرو لوٗر رنگداری　　مانز لاگے یو وٕن ہاریئے
روی چون پھولہ وُن گاہ ژہ پاری　　خوٚی چون کیاہ مزہ دابیئے
موئ چھوی وانکن تل چار جاری　　مانز لاگے یو وٕن ہاریئے
کنہ تلہ ہیرت بے شماری　　گنز رازہ کس یک بارییئے
انز راہ کس سنا لولہ گفتاری　　مانز لاگے یو وٕن ہاریئے
محمد سعید لن از امید واری　　یا نبیؐ لوز تس زاریئے
روزان شہر خاص ضلع تھانیاری　　مانز لاگے یو وٕن ہاریئے

## مہرازہ سُند انتظار

لالہ چھوی پر اران کرمہربانی　　نیر تے شاہ زُرد وانیئے
اوٚلے مس ریت امُ کلہ والی　　تھنزی چھل مہربانیئے
تُتم سپر امرت نبیمٕ سالی　　نیر تے شاہ زرد وانیئے
تمانہ موج کوری محنتہ پوری　　دوٚرہ وال چھکے الرانیئے
ہنہ ٹے چھے کاتھ مال ستوتہ شپالی　　نیر تے شاہ زُرد وانیئے
طلہ دار جامہ چھی ژہ نالی　　ژہ کنن جمکہ تہ والیئے
وژہ چھی شوبان وژنہ تہ سالی　　نیر تے شاہ زُرد وانیئے
اتھ سنبل منتس وانکہ یار پاری　　کوکل کم سنبابیئے
زُلف زہ کھرن شیرن چھم نالی　　نیر تے شاہ زُرد وانیئے

درہ جائے تنہا ہتر تے شماری
گاہ چہاک تراوان زرِ پاریئے

اسہ کرزی کرت پیالہ برزاری
نیر تے شاہ ذُرزا انیئے

درایہ کھے واریو لگئے یاری
شب روز کرہ بیدار یئے

وحلس سیدنے اصلیح یاری
نیر تے شاہ ذُردا نیئے

ورتہ چھپک پکان کن زاردار ی
بولہ وُن ولَے وہہار نیئے

بول چھوہا برمت پانہ جیاری
نیر تے شاہ ذُردا سینیئے

مہرنہ کوٹھ چھی برو تمہ ساری
شاہ تمہ جایہ روز انیئے

شاہ گژھہ جایہ خود وان دِ تمہ لقالی
نیر تے شاہ دررلانیئے

زمر زمر زسی کرنس کاری
زم گیہ مختصر ساریئے

دم زانہ گدا آو دم سجالی
نیر تے شاہ ذُردا نیئے

---

## وَنہ وُن

بسم اللہ کرت اسہ سنت پاجی
ختن ہاجی مُبارک

الحمد اللہ سوی اسہ ناجی
ختن ہاجی مُبارک

آنسر ورہ سنزہ وَنہ اسہ لاجی
رنگہ رنگہ نعمت کرزتہ کارہ

مول موج اولاد وندہ تس ناجی
ختن ہاجی مبارک

اَس محتاج تس لس نہ محتاجی
سوی زون زارن اسہ غمخوار

آسہ اسہ مہربان کاسہ محتاجی
ختن ہاجی مبارک

نانہ سن وندہ ہس مول تہ موجی
حکمس تہندس دِلتو اقرار

حق چاوہ میہ عرفانچ پاجی
ختن ہاجی مُبارک

خالقن تہٕ لس خوش مزاجی
اَندٕ وَنٛد تمسی ذوالافراجی
امر حقہٕ سیت تم وُروست لاجی
رحمتک نبین خستیح واجی
نورٕ سیت کاسن کفرچ زاجی
گہہ سیت وِیتہٕ وَتہٕ گرٕ تم گاجی
شیطان لاگ اس وُرعواجی
گنہٕ ہو ہنہٕ اَلن ورامواجی
دَمہٕ دَمہٕ تم کرٕ اُسہٕ آ ہاجی
بَد اعمالو کراسہٕ تاجی
یارسولؐ ژٕہ سٕ اکس اَداجی
ژٕہی اَنشہ پرت مرضس علاجی
لالس خستہٕ کرٕہ حق چھوہی ناجی
سیت ہمت مول موج آدن باجی
سوٗنہٕ روپہ چیٚر چیٚرِ سٕند حاجی
دوستن ہنز من دُشمنن زاجی
نقشبندی چھہٕ ہی دُتراجی
رحمتس تہندس دَمہٕ دَمہٕ راجی

تاج لولاک چھُس دُر انوار
ختن حاجی مُبارک
لا اِلہ اِلا اللہ کرت اِظہار
ختن حاجی مُبارک
مہ آسو تابان شہسوار
ختن حاجی مُبارک
نفس قفس لدِ یکبار
ختن حاجی مُبارک
رنگہ رنگہ پتہ لگو انس آمار
ختن حاجی مُبارک!
گنہن سانن چھُک خریدار
ختن حاجی مبارک!
شبٕ روز دَمہٕ دَمہٕ از آزار
ختن حاجی مبارک
شہ بہہ تت چھُس دُرِ شہوار
ختن حاجی مبارک!
لرِ لس داوَر یاور یار
ختن حاجی مبارک!

## وَنہٕ وُن

شاہ خوبانہ عربستانہ
کرہ تس پانہ کلہ قربانہ
روشن عالم تمہ نورانہ
جوشن عشقک کرہ دیوانہ
لا الٰہ الا اللہ پیر و جانانہ
رہبر سوی اسہ سوی یزدانہ
تاج لولاک تس چھوی تھد شانہ
والشمس والضحیٰ روی تابانہ
دریائے رحمتک دُرِ عرفانہ
عالم صدف تہ سو چھہ دُر دانہ
پور چھس چھس نور لشانہ
تعریف تسند بنص قرآنہ
براق واتو از باغ رضوانہ
تس کھتو پادشاہ عربستانہ
ملکہ تتہ دراو لیہ شاہ شاہانہ
مہ زن تتہ آسو گاہ تراوانہ
معراجس کھتو بر آسمانہ
فلکن سیر تم کر شاہانہ
معمور و چھیتھی دراو ساہانہ
نور چہ جوہ تس دراو نوانہ

آو پرانہ اللہ ہو
آو پرانہ اللہ ہو
تو رشن ساری لیو انوار
آو پرانہ اللہ ہو
سرہ کر محمد سانو سردار
آو پرانہ اللہ ہو
خواجہ سوی عالمک بڈ سالار
آو پرانہ اللہ ہو
صدقس منز گوہر شہوار
آو پرانہ اللہ ہو
نصرٌ من اللہ پُر آثار
آو پرانہ اللہ ہو
ہت آو ملکن ہند سردار
آو پرانہ اللہ ہو
اقصیٰ واتو سوی شہسوار
آو پرانہ اللہ ہو!
ملکوت آسوس خدمتگار
آو پرانہ اللہ ہو!
جنتس منز ژاو شاہ ابرار
آو پرانہ اللہ ہو

سدرہ المنتہیٰ واتو یک آنہ    عرشس کُن دراو حقہ سُندیارہ
تم رٹو آرام آسو لرزانہ    آو پرانہ اللہ ہو
عرشہ نشہ دراو سوتی لامکانہ    منتظر یارس پانہ داوار
واتیم عرکِک ازِ مہمانہ    آو پرانہ اللہ ہو
سیرگاہ تمند وُحدتخانہ    نورو واتو یورِ نہ کینہ ہندتار
قِعت لبوزتم لبو حق سُبحانہ    آو پرانہ اللہ ہو
عاشق و معشوق دِ ریک آنہ    موصول یارس یار یکبارہ
تو سیلہ رستو کرِ یِنہ یکسانہ    آو پرانہ اللہ ہو!
تنو کر اللہ تم بیانہ    ہنو ہنو ساروی دِتھ اقرار
عربس تہ عجمس نیو ر ہرخانہ    آو پرانہ اللہ ہو!
نقشبندی یورہ ایمانہ    سار سامانہ روز شمار
آسہ تتہ شاہس زیرِ دامانہ    آو پرانہ اللہ ہو

## وَنہ وُن

مینز کڈ ڈولہ چینہِ کِس پیالس    اَز چھم لالس مینزہ رات
شادی ہرمی زوالجلالس    اَز چھم لالس مینزہ رات
لولہ چھم شاذی نو گلالس    ہادی رچھنس از آفات
کرانو چھوم سالس از کونہ چالس    از چھم لالس مینزہ رات
باصد سالی یولاو کھالس    ترلیشہ کنہ چاوک آبِ حیات
مولی رچھنم اَمس ہلالس    اَز چھم لالس مینزہ رات

وَنِی چھوم راتھی نبہ بسیت ناٗلس | بِی چھوم تسندوی دربرسات
یِی چھِم تس کُنْ امس بلاٗلس | اَزٕ چھِم لالس مینزرات
ملہ بوٗ لاگس پارچہ ناٗلس | پھولہٕ می وُلکی گُل باغات
وُرلدہ مالن نال تہو ہ لالس | اَزٕ چھِم لالس مینز عدات
نقشہ بندی ازٕ کوٕرنہ چالس | لالس رچھنم حقہ سندہ ذات
پانہ رب واقف تس دس حالس | اَزٕ چھِم لالس مینزٕ عدات

## وَنہ وُن

ینبرزلہ باغس پھوٗجہ برجستہ | یِتہ آہستہ لاگے نال
ینبرزلہ سنبلن کریو دستہ | یِتہ آہستہ لاگے نال
دیوانہ ہمبورس دل گومستہ | فیران اند اند وچھان چال
نالہ سوٗ رٹمان پیالہ لالستہ | یِتہ آہستہ لاگے نال
نرگس باغس چھم برجستہ | پھوٗجپر لجپر بالا مال !
گوٗند مالہ کرہیو مالہ پارستہ | یِتہ آہستہ لاگے نال
ینبرزلہ پیالن بر نم مستہ | کر گلدستہ ام کلہ وال
ہمبورس ڈلیشت دِل گو خستہ | یِتہ آہستہ لاگے نال
پاتھ پور گت کران پت شمعستہ | نارس روزان نالی نال
پروانہ مرنک پرو انستہ | یِتہ آہستہ لاگے نال
ہاہو یارن چھوٗراولستہ | مستانہ کرنس مہ جال
چھانس ناران ناگک مستہ | یِتہ آہستہ لاگے نال

لعل تہ جواہرات تاجستہ | جرٕ جرٕ لاگس سونہ کنہ وال
بزٕ بزٕ تھاوی تس راجستہ | یتہ آہستہ لاگے نال
نظراہ تراؤ تم محتاجستہ | دِل قیوم ہلہ سیدت خوش گوپال
پکہ کتو تھپ دِمہ مہتاجستہ | یتہ آہستہ لاگے نال
سر سانو کھتو بر معراجستہ | زر پیویہ کاترن نارن زال
تتھ شان و شوکت دِو تم کستہ | یتہ آہستہ لاگے نال
تاج لولاک کیاہ شوبان تستہ | کونیس یمہ تہ چھوی پامال
ملکہ نازل تت شانستہ | یتہ آہستہ لاگے نال
کلہ وندہ چیالس افواجستہ | مدہ یم معبد باطل وال
عابد باطل گے نارستہ | یتہ آہستہ لاگے نال
باجہ لو تراوِ تس خواجستہ | راجہ پیہ یمہ شبہ سانوی سال
پاین روی تہ سینہ و تہرستہ | یتہ آہستہ لاگے نال
سر وندہ یمہ تس سر دارستہ | کر سوی ڈلیشن تم اُس پال
جامن تھپ دِمہ دامانستہ | یتہ آہستہ لاگے نال
نقشبندی ژی دست بستہ | چھوی دل خستہ سوی سوال
دیدارہ سیتن کرتن رستہ | یتہ آہستہ لاگے نال

## وَنہ وُن

عرہ ندایہ وندہ وان نورکس لالس | کھالن سالس شاہ ابرار
پھولیاہ لجہ گل اقبالس | کھالن سالس شاہ ابرار

کلہ پان اس وندہ تس خوشخصالس
دعوت ازچھس لبشہ لایزالس
رحمت حقہ سنز چھس لدت پالس
کوہ وانہ تھندس تت ونگہ والس
ساری گیمت تت کمالس
سالس لالس مہ جمالس
نورک پارچہ خوش مثالس
دُر وانہ مرجان ہیرہ جُنالس
جمشید وار اتت قیل تہ تالس
واتھ کتہ سنہ تت اجلالس
جبرئیل و اسرائیل ومیکائیلس
عرشہ پیٹھ فیرت آو منز کالس
نفس امارن لاگوس زالس
اَرہ سرہ کاآم بے پیرہ بالس
کرہ کیاہ برہ گوس منز بیت حالس
مرہ تل پالس لوت کنزالس
گرہ چھوم لوگمت گنہ چھیم لالس
نہ دتہ ماہیم سنز نس تہ بالس
سنز کتہ کرتہ چھوم منز زوالس
تہتھ آسان زنن منز حالس

یس چھی دوان عالمس ہند سردار
کھالون سالس شاہ ابرار
چھاوس پاوس سار اسرار
کھالن سالس شاہ ابرار
یوسف عاشق زلیخا وار
کھالن سالس شاہ ابرار
لاگت نالس دُرِ شہوار
کھالن سالس شاہ ابرار
نشہ چھی شوبان جورہ بردار
کھالن سالس شاہ ابرار
سیت کمت کیت ہیت شہسوار
کھالن سالس شاہ ابرار
برہ گوس کرہ ازہ میانو غمخوار
کھالن سالس شاہ ابرار
درہ چھس سرہ سی پٹھ چھم بار
کھالن سالس شاہ ابرار
اَنہ گٹہ ونہ کرہ چھوم کُنہ یار
کھالن سالس شاہ ابرار
پھٹہ مانٹ چھم گٹہ لبیار
کھالن سالس شاہ ابرار

شوبیا آتشن شر پامالس | ہر وزنہ سُریُس آسہ ذرکار
مرہم کرتس سینہ غربالس | کھالن سالس شاہِ ابرار
ہنہ آس ہنہ بہ منز غربالس | وَنہ کُس بنہ کُس تاوندار
تشریف اَن ون حال متعالس | کھالن سالس شاہِ اَبرار
سرونده تس اصحابن تہ آلس | غریک تہ عجمک تحفہ بسیار
سیت ہت نیرس استقبالس | کھالن سالس شاہِ اَبرار
زیبا قدتس ماہ تمثالس | شوبہ ون چھہ ہس خوب رفتار
لوب ژلہِ میانس سینہ پرکالس | کھالن سالس شاہ ابرار
کیاہ چھیوم پرواکونہ بوچالس | واتم سالس حقہ شند یار
کالس تلمت دِل بو کھالس | کھالن سالس شاہِ ابرار
یلہ تیتھو پادشاہ واتم سالس | تلہ کرہ دلہ جان ولہ اظہار
حال ونہ رحمت مالامالس | کھالن سالس شاہِ اَبرار
یا نبیؐ وچھتو میانس فالس | ازلکہ دزہ چھہ کیاہ لکھہ مت کار
بازلگ فضل کریمس لالس | کھالن سالس شاہِ ابرار
نقشبندس خوش اُفعالس | پشتیبان احمد مختار
فرخ فالس واتس خالس | کھالن سالس شاہِ ابرار

## وَنہ وُن

تسندس ناوس وارہ دِتہ ولونئ | لا الٰہ الا اللہ کُن شند ناوُ
الا اللہ ازل تا ابد منزوئ | لا الٰہ الا اللہ کُن شند ناوُ

یلہ آسو تمُند ذات کُن زنوئی
کُنُ سیت فیکون سپد بنو بنوئی
اَوّلی نورِ احمدؐ آسو بنوئی
بنو بنو سارسی ناو تھاونوئی
آدم دنیاہس گوڈہ آو بنوئی
الفک معنے اللہ کنوئی
نوحؑ یلہ ذاتن پیدہ کرنوئی
اَمی برکتہ تتہ دراو بنوئی
بڈ جہدی اللہ لوز بنو بنوئی
یارہ دادِہ نارس یان دالنوئی
نارس گلزار پھول بنو بنوئے
یارن نارہ منزہ وارہ کھالنوئی
حضرت موسیٰؑ پیدہ کرنوئے
دَعدہ یلہ آسس در آب گالنوئی
حضرت عیسیٰؑ یلہ آنوئے
منز اولوالاعظمن پانژم زنوئے
ختم المرسلین منتھک بنوئے
فضلِ حق بر سرتس ژھُنُنوئے
ذات پاکن دلپو گژہ کھالنوئے
یا رسولؐ از حقؔ آسے کنوئی

زاتُن کُنرس کُس ہیہ ناوٗ
لا اِلٰہ الا اللہ کُن سُندناو
سارِوی تمہ لشرِ اَژہ تُن دراو
لا اِلٰہ الا اللہ کُن سُندناو
لاڈِن تہِ نس الفی ناو
لا اِلٰہ الا اللہ کُن سُندناو
پھیرہ گو سارسی روٗنہ ذرناو
لا اِلٰہ الا اللہ کُن سُندناو
ابراہیمسؑ پیش کیاہ آو
لا اِلٰہ الا اللہ کُن سُندناو
عظمت تمکوی نن یلہ دراو
لا اِلٰہ الا اللہ کُن سُندناو
با فرعون جنگ کرنے دراو
لا اِلٰہ الا اللہ کُن سُندناو
بے پدر مریمس لشہ سوتی تراو
لا اِلٰہ الا اللہ کُن سُندناو
تاج لولاک شوبہ وِنوِی آو
لا اِلٰہ الا اللہ کُن سُندناو
جبرئیل اشہب پیرت آو
لا اِلٰہ الا اللہ کُن سُندناو

کنہس کُن تمہٕ تشریف انوٚئی
معراجہ پیٹھ کھتوٕ عرشس کنوٚئی
خلعت جنتٕچ منٛز آنتھٕ مٔے
ملک ہیت سیت عرش اعلیٰ کنوٚئی
لامکان رفرفس پیٹھ کھالنوٚئی
اَو اَدنیٰ بل دون گو کنوٚئی
اُمتس تھاوُن ہمتک عُنوٚئے
دین گو روشن کفرس الٔنوٚئے
زٕوُر و مدار بوٚد راوکیا ننوٚئی
نصرت کرت آی شاہس کنوٚئی
امیدوار زاوارس کنوٚئے
رحمت کاستس گنڈہ شوبہٕ ونوٚئی

تتہٕ پیٹھ مسجدا قصیٰ آو
لا الٰہ الا اللہ کُن سُندٕ ناو
تتہٕ پیٹھ بیہ سٕوی بالا دراو
لا الٰہ الا اللہ کُن سُندٕ ناو
قاب توسین کُن رنوٚئی آو
لا الٰہ الا اللہ کُن سُندٕ ناو
رحمتکہ دریاوہ کوتاہ دراو
لا الٰہ الا اللہ کُن سُندٕ ناو
اہل اسلامو کورت بُرچاو
لا الٰہ الا اللہ کُن سُندٕ ناو
نقشبندیس رحمت تراو
لا الٰہ الا اللہ کُن سُندٕ ناو

## ورنٕ وُن

نور چھ حور دِنو تو لالس
زٕچھتہ واتو گژھ منز لشہ متعالس
جبرئیل و اسرافیل و میکالس
سر لو وندہ ناتٔت اجلالس
نورک زانیانہ مہ جمالس
نورک کفرک گرہ کم کالس

ازٕ کھتوٕ سالس شاہِ لولاکؐ
ازٕ کھتوٕ سالس شاہِ لولاکؐ
مکہ پیٹھ اقصیٰ سیت یلہٕ دراو
ازٕ کھتوٕ سالس شاہِ لولاکؐ
پورک ناوس خلعت پاک
ازٕ کھتوٕ سالس شاہِ لولاکؐ

نعلس مول نبشہ ذوالجلالس
قاب قوسین پیٹھ منز آو کالس
تھکتا تھندس ثیلس تہ فالس
باو لگولالس وینہ کس مالس
تاب کوہ اتھ ثت ژنگد والس
آب اسہ ساری مالس تہ آلس
لوبان ول چھوم شوبان لالس
کہ ہ رتل مرتس رتو چھوی نالس
صلوات پرتس پرتس پیالس
چھوہ نہ زیبان زیہ جلوہ پامالس
کیاہ کرہ لغنن لوگنس زالس
کس ونہ کس مہ واتم حالس
غموی کھیوہ ہس چھمبہ گوس بالس
سنبلاوم نتہ چاک زمہ نالس
مال وجان ونہ والہ تس خوشحالس
آلس لال ونہ صاحب قالس
پامن لوگنس کرہ واتہ حالس
عامن منز شہرہ گمامی نالس
رازہ ونہ رحمت مالامالس
نازہ مانازنین چھوم کرنہ خیالس

کھارن سالس نرافلاک
کھارن سالس شاہ لولاک
واتہ کس لامکان وا توچالاک
از کھتوس الس شاہ لولاک
خواب سوی عالس منز چھوہ بباک
از کھتوسالس شاہ لولاک
برسر تاج برا رسلناک
از کھتوسالس شاہ لولاک
خوان زونہ یمہ نور الادراک
از کھتوسالس شاہ لولاک
راہ چھوم کھتومت چھوہس غمناک
از کھتوسالس شاہ لولاک
رمبہ وون کھارم چھوہس درباک
از کھتوسالس شاہ لولاک
آک وبادلاد چھوم گنھک بار
از کھتوسالس شاہ لولاک
جامن وامن تام دمہ چاک
از کھتوسالس شاہ لولاک
سازسوزم از عالم پاک
از کھتوسالس شاہ لولاک

| | |
|---|---|
| نقشبندیس بے پروائس | وائس حالس تولہ از خاک |
| سُلہٕ ژیر خیر بیمہٕ میس بلائس | از کعتوسالس شاہ لولاکؐ |

## وَنہٕ وُن

| | |
|---|---|
| معراج کُرسان پیغمبر ہُئی | صلوات ژریئے پرتوسے |
| ماہ اَسہٕ دیدار ترٲوہ انورئے | صلوات ژریئے پُرتوسے |
| حورہ چھس ونہ وان نورہ پُر برہُئی | وَتہٕ وَتہٕ دریئے کرتوسے |
| خواتس عالمک تاج برسرہُئی | صلوات ژریئے پرتوسے |
| ملکس شاہس تاج افسرہُئی | استقبال توٚہ کرہ توسے |
| عرچہ عجیمہ بیہ بربرے | صلوات ژریئے پُرتوسے |
| زونہ خورتہ تابان روی انورہُئی | تعریف تس ندر توسے |
| والضحیٰ روی تہ خوبی کوثرہُئی | صلوات ژریئے پرتوسے |
| شانہ ٹٕد پانہ کُرہ رب اکبرئے | خون دل چشمو ہرتوسے |
| واللیل مولیس مشک عنبرہُئی | صلوات ژریئے پرتوسے |
| پانہ چھوملہ تہ یارہ اخترئے | شانہ ڈ زیر پامرتوسے |
| سارن یٹ تس تہوتہ برترہُئی | صلوات ژریئے پُرتوسے |
| فرش کہٕ عرشکس لائس زرئے | پیالن عرفان برتوسے |
| سالہ نیو حالہ اکہٕ لالہ داورہُئی | صلوات ژریئے پرتوسے |
| دُردانہ مرجان لعل وگوہرہُئی | نعلین پاین جہر توسے |
| گوشن کرتوس پیشہٕ اَنبرئے | صلوات ژریئے پُرتوسے |

شانہ کرکرنی کرتوس دریے
حضرت بل تورہ ترتوسے

حالہ اکہ نالہ تراوتوس بردرنی
صلوات ژرییے پرتوسے

نقشبندی خواجہ لریئے
سیت ہیت ونہ ون کرتھ سے

شوقہ انہ شاہ پرستانچہ پریئی
صلوات ژرییے پرتوسے

## نعت شریف

اکہ لٹہ ہاوتم گرٹہ منز ہ گاش
پاک باش لایک دیدار باش

آشہ چانہ تریرم شنوے پاش
پاک باش لایک دیدار باش

اولہ پیدہ گو آسرو ز
نگاہ اوس عین ذات پیغمبر

سیرس وانتہ موکرفاش
پاک باش لایک دیدار باش

رب ارنی موساؑ دیوو دلیس
لن ترانی جواب تورہ دیولس

زژہ اکہ طورس سید پاش پاش
پاک باش لایک دیدار باش

حضرت نوحؑ گو عالم آب
بچہ بہ تو شب ظرہ زن وچھن خواب

ناوہ سان حضرت نوحؑ سید بردوش
پاک باش لایک دیدار باش

حضرت خلیل الرحمانؑ لدکھ نارس
حضرت سارہ پیراں دیدارس

گل پھلیس نارس دل گوس ناش
پاک باش لایک دیدار باش

نو مہ آسمانے وچھنک عیسیٰؑ
دپو ہس چھوی ایران لوی دنیاہ

سترن در ایس تورہ منزہ زرو کھیو ترش
پاک باش لایک دیدار باش

حضرت سوہن کمنت معراجس
خدا در صلوات تورہ دیولس

دیوکھ جبرئیل پھین برن گنڈ اوش
پاک باش لایک دیدار باش

شمس فقیرو چھک تہٕ مشہور — آنتہ کوڑہ ہند یاٹھ وٕعدہ کرپور
یوسف سال ہنہ درائے آکاش — یا کیاشس لایک دیدار باشس

## نعت شریف

مُرشد پاکو زندہ یوسر — اَسس کرِو دیدار آنسرورٕ
اولیوم یار چون صدیق اکبرؓ — پرتھم وَنوٗنئے کافرن اندر
پترہ سیت موکلاوِہ دَرِ محشر — اَسس کرِو دیدار آنسرورٕ
دویم یار چون حضرتِ عمرؓ — عدلاہ کرُلئے تم کیاہ زبر
زرہ دِتن فرزندس زانن بہتر — اسس کرو دیدار آنسرورٕ
تریم یار چون حضرت عثمانؓ — آیہ آیہ سنبرن آیۂ قرآن
سوی شین جفر لسٕ ثالیاہ ترِبر — اسس کرو دیدار آنسرورٕ
ژورم یار چون شیرِ جبار — وڈھ چھس عمامہ ہتہ ذوالفقار
ہرُ دم چھس وَزان نعرۂ حیدر — اسس کرو دیدار آنسرورٕ
اولے آسی زہ امام زبور — تھہندس رویس گوتاہ نور
وعدہ اوس کربلاگو برابر — اسس کرو دیدار آنسرورٕ
دوہ ہا اکہ وچھیو ہوی تہ ماتم — گٹ گڑھِ آسمان اَمتس غم
ہاران خونِ باران گوہر — اسس کرو دیدار آنسرورٕ
دنیا دارن دنیا داری — یتہ چھک امیری تہ خواری
غریبن غریبی چھے بر سر — اسس کرو دیدار آنسرورٕ
اکھ لچھ ژوہ ساس پیغمبر — پیرہ میانہ عشقس معنے پر
دل شمس فقیرن قعرِ محقر — اسس کرو دیدار آنسرورٕ

# معراج نامہ از محمود گامی

صلی اللہ علیک یا رسول اللہ
وسلم علیک یا حبیب اللہ

حمد تس یم پیدہ کر انبیاء
تمن منز ژورن رسول خدا

دمہ دمہ تس پٹھ سوز ستھاہ
صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

تس پتہ تہندن تزون یارن
مہاجرن پٹھ بیہ انصارن

یم اسہ پگاہ تتہ تارن
حمدہ پتہ نعتہ پتہ معراج پوز

ینس منز پیدہ گژھی سوز
روز و شب تس پٹھ درود واہ سوز ″

ستاوہم اوس ماہ رجبن شب
آسو در خواب ناز شاہ عرب

بڈہ آسو پران زمین کیو نب ″
تمہ شبہ فرموو جبارن

ملکو معشوق پور کھارن
واقف کرہ ہن اسرارن ″

جنتس گو تام روح الامین
ان تم براق آسو نازنین

رحمتوک بالپوش نورک زین ″
امم ہا ینہ سندہ آسو سرورؐ

جبرئیل یوتہ ہیتھ تج چادر
یا رسولؐ یادن بندہ ہی سر ″

حجرہ نشہ نبرکن نیرہ تم
ملکن فلکن سیت فیر تم

ذات پاک کاہی اُتنگ عم ″
ہست ساس ملایک پیرونتھ آمت

نورک خوان چھک پیراہمت
ژہ ترہ بیہ چانن یارن کیت ″

فرآوہ سیت براقن ودٕ زار زار
عرشس کن کر پٹھ سپنہ سوار

تتہ تس کر تم وعدہ قرار
صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

براقن بوزت کوت بر چاو
یانہ ادہ شانہ وارت آو

تیوت یکو تیز ٹکہ پوشتنہ وٲوٕ ،،
برونٹھہ گو بُراق جبرئیلؑ پت
وات یلہ حضرتؐ مسجد اقصےٰ
سرورٕ سانٕو تتہ گو پیشوا ،،
فلکن پیٹ ہلہ کھتو سرورؐ
اوہ والتو دوٕمیس آسمانس
تبیئو دِتو تموٕ میوٹ پانس ،،
کرہس سلام یا مصطفےٰ
تریمس یامت کھاژک کھور
ملکو یٔژ تل درودک شور ،،
موسیٰؑ و عیسیٰؑ بیہ مریمؑ
قبول کر سانٕوی زرٕ ندو سلام
نورہ سیت آفتابہ گو روشن ،،
عاشقی کرنس پمپوشن
نظراہ کر تمو طرفس کُن
ملک پراران آسن بُن بن ،،
یا رسول اٗسہ چانو لول تہ لوب
شیمس فلکس کھٔت دوشومی
اوہ رتم سدرۃ المنتہیٰ گے ،،
پکھہ ہا یلہ برونہہ وزہ نم یٔہ

براقس پیٹ یلہ کھتو حضرتؐ
ہٲرتھو مسجد اقصےٰ وت ،،
نبیو کرہ ہس تتہ اقتدا
ڈلیو ٹھہک آدم پیغمبر
نورک یلہ شاک آسو دربر ،،
اشتیاق ٹیہر آسو دربانس
تتہ آسو یحییٰؑ بیہ عیسیٰؑ
لو ییٔ صلوات بے انتہا ،،
فلکو کرہس انداز ورور
تتہ آسو یوسفؑ بیہ زاووٕ
سرزار ڈلشت کرک سرخم ،،
ژورمس فلکس واتو توشن
بندہ گی کران آسن سوی معبودٕ
پانژمس یامت بر موتژرن
ملائک پراران آسن بُن بُن ،،
اسماعیلؑ، اسحاقؑ بیہ یعقوبؑ
سارنۍ نبین چانی شوٗب
تتہ پٹھہ ستمس کُن نیوک پیلے
جبرئیلؑ دیپنس اے سرورؐ
میانہ غوتہ ڈلنیک یتہ بہتر

میکائیل تہ بروٹھ تس آو
تھک یلہ پتہ فی حدہ لٹہ دراو
بروٹھ آم تامت اسرافیل
تمن پتہ بروٹھ آو رفرفہ تس
تم اتہ واتناو لٹہ عرشس
گرو نعلین چانو یا مصطفےٰ
شوقہ سیت وچھو ہمو پتو غیرت
نعلینہ سان تتہ تم پاک تام
زہ رکاژ حضرت کرہ ناوک
شراب آسو دتیا دور تراوک
بروٹھ آی ستت ساس پردہ از نور
دلوتس یا رسول آک کیاہ ہت
اُمتس کرتہ مہ مغفرت
رگہ شم دور آسو مابین
دلوسان نبین التحیات
بوزی صلوات والتحیات
سوزی رحمت تہ برکت ژی
عرض کران یا الٰہ العالمین
اُمتی چھیم ضعیف بہ یہ مسکین
اشھد ان لا الٰہ الا اللہ

پرن میانن پٹھ کھور تھاو
یک پانہ تھک یلہ میکائیل
وچھہ ہمو قدرت رب الجلیل
یا رسول نورہ کس تختس کھس
کڈہ ہن نعلین آک تام ہدا
چھوم پٹھ عرشس تاج زیبا
عرشہ لٹہ گیہ یلہ بروٹھ غیرت
رحمت معشوقانہ آسس پیرت
زودہ تہ مانچھ بر پیالہ چاوک
مقرب ساری تتہ آسس دور
منظور رگولس آسو مستور
دلوتس یا آلہ غم اُمت
دور تتہ آسو قاب وقوسین
ساروی سپن تس عین العین
بے نیاز چھوک از ہمہ پاک ذات
تورہ دراو از زبان قدرتی
السلام علیک ایھا النبیؐ
وعلیٰ عباد اللہ الصالحین
بوزت ملایک رودس گواہ
واشھد ان محمد عبداللہ

اُمرٕ آو اُمژکٕٹ رٕنیتھو
سروٗرٕ یوزٕت کوت خوش گو ″
عالمو تہ عارِفو کرٕ اِظہار
دلپونس، آدمس سجدہ داوٗت
تِتھو ہو اسہٕ کٕتو کیاہ تھاوٗت ″
جنّت ژٕ ی کٕتو پیراوٕم
یا آلہٕ ژہ خلیل تھاوت یار
تِتھو کیاہ دِتوتھم یا جبّار ″
نورہ سیت ژٕہتہ گو نارِ سوزان
تامنت حکم آو از دٕرگاہ
پانژاہ وقت نمازہ روزٕہ شش ماہ
ناتوان اُمتی کرٕ ہیکہ نٕم
دلپونس یا شفیع المذنبینؐ
سیت نیون جبرئیل روح الامینؑ ″
غلمان تہ حورٕہ آیہ برونٹھہ بیحد
غلمان تہ حورٕہ آسہ یک طرف
دیدار ڈیشتِ گیہ مشرف ″
زونہٕ آفتابہ خوتہ تیژ تابان
نورہ سیت حورٕہ آسہ تن ناوان ″

یِی زٕ پوژہ تٕہ مٕے بیہ مُلکو
پانہٕ وانی تمو باوٕ اِسرار
روز و شب تس پٹھ سوزٕ لبیار
آولہٕ جنّت تس ہاوٗت
دلپونس آنہ مس سجدہ داوُم
چالی اُمژ کٕتو تھاوُم ″
تارہ مشر چکمہ تھس نارہ گلزار
دلپٕنس نورِ چالو آسو تابان
والی نہ نارہ زرہ بٕر اِمتحان ″
اُمتس کیانک اے سیّدا
عرض کٕرٕ نبیؐ سال آن دم
پانژ ماج پانژ رت ادہ گی کم
اُمتس جایہ وچھ خُلدِ بریں
جنتس اندر ژاو اَحمدؐ!
شمشاد قد آسس خورشید خد
روبہٕ بند بازو سونہ شُند کف
ڈیوٹھ تمو جنت حورہ و غلمان
خاصہ کیاہ آسہ یان پیراوان
دُورہ پھلی گوشن اُلہ راوان

کنہ بوزہ کیاہ آسہ وینہ ناوان ″
خاصہ خاصہ نعمتہٕ آسہ بہتر
معشوقہ چھیتم اُمیتچ جاے
تس کڈرلیس آسہ جانی ماے ″
دشمنن ہنز جاے ادہ اد چھک
وازہ خس نشہ ملیہ وا تو حضرتؐ
حکم آو مالکس ادہ کرن کت ″
یا رسول عاصین نشہ راہ دک
ووچھو تمو دوزخچ ہند طبقات ″
مالکن دلو لسے شفیع اُمتم
ووزکوت نبین سان اوشات
اُمتی چان یم گنہگار
ووزکیاہ نبین سان زار زار ″
آسہ نم ماپت منز بیمتی
تامت سپنوس حکم از حق
اُمتک غم چھوی ژہی برحق ″
ژتہ مہہ سرورٔ کتو ناگو
ووتھہ تو یہ عرشہ کنہ خوشش سپن
ژورمس فلکس ہتو ووزرن ″
اُمتس کیاہ انت ای سیدا

گاسہ کنہ زعفران مشک اذفر
ڈلیشت خوشش کوت گو سرورؐ
مچیتہ تہ صدریچ سرتا بہ پاے
دپوہس جبرئیل سیت ہت پک
جان پٹرھ کتھہ پاٹھہ کرمژھک ″
مالک ڈلیشت ہتو تمو پت
السلام کران آو مالک
یتہ تو ژتھہ برونٹھہ تشریف نکھ ″
مالکہ یت منز آسن کم کم
باو تم ولول ژلہ ہم غم ″
گریہ رستو اوہ کنہہ زانک نہ بات
والک یت منز زالک نار
ونان کیاہ ستامیان اُمتی
زیدارہ میانہ نشہ دور گمتی ″
بخشمی اُمتس اسے مشفق
چھتہ تم غم کوت سانی کھیم
لولہ سان تس پٹ یژھ برتو ″
جبرئیلؑ تس پٹ تعریف اُن
وا تو ملیہ نزدیک حضرت موسیٰؑ
پانژاہ وقت نماز روزہ ششماہ ″

گُب گومُت اَمتس چھیک نہ تحمُّل — اَتہ پیٹھ نیٖبن سان اتھہ تُل
اک ریت پانژ وقت آیہ بالکُل ״ — فرض چھی پانژ وقت بیہ رمضان
فرض وال نکھہ تہ چھِک مسلمان — موہنو ماننِ چھِہ حق فرمان
تتہ پیٹھہ جبرئیل سیت آو تس — واتناو تم بیت المقدس
پیرہ ون انبیاء ہاوان تس ״ — بیت المقدس کرکھ نفلاہ
انبیاء آسہن خوش کیتیاہ — جبرئیلؑ ڈیوتس نبی اللہ ״
تہدوتھ براقس کن نیوک پلے — تتہ پیٹھہ منزلس سیہن ملے
گرہ کن واتناون غائب گئے ״ — گرہ یلہ واتوی آنحضرتؐ
کونزہ تہ ہانکلہ آس حرکت — مُصلس گرمیہ ہنز برکت ״
معراج حضرتؐ پیٹھ پانژ زان — جسمہ سان گیتہ سوئی برآسمان
نبیؐ سند معجزہ پیٹھ پانژ زان — تماچانوی چھِہ محمودس
دماہ روزت پان ہاوتس — تس چھوک یتہ کیونتہ ژی لبا

## نعت شریف

پرسانی نیٖبن بِسم اللہ — دیدار ہاو یا رسول اللہؐ
اُمہ ہانیہ سند و آسو حضرتؐ — کنہ ہن شاندہ تھ یا فرمت
نا بس سوزتس مرسلاہ — دیدار ہاو یا رسول اللہؐ
دعا یلہ منگہ نے کرزہ آبن — اتھہ یوتہ چھلتو ڈالہ چھہ تابعین
ژکہ دی تراوتہ سجدہ کرا — دیدار ہاو یا رسول اللہؐ
شتن اقلیمن منز چھِہ لبستی — شیٖن نا کنہہ تے گس اُمتی

آسمان بے ستون تھم کو نہ چھا
دیدار ہاؤ یا رسول اللہؐ

پلہ ہوانہ ہے پننہ تروہ کیار
حوالہ کرہے پننہ کارُ دیار

جنتس کو نتزہ بر دار تم چھا
دیدار ہاؤ یا رسول اللہؐ

پیغمبر ملوک منز کعبہ
پیدہ گو زون تہ آفتابے

آفتابہ عالمس چھہ دیوان گاہ
دیدار ہاؤ یا رسول اللہؐ

ہنسی پنہ نس کر ہا نکل
بولہ سان لار تو حضرت بل

سرترہ ترائو ڈیڈہ تل بڈ چھ بارگاہ
دیدار ہاؤ یا رسول اللہؐ

نزدیک آست ہتو تھم دور
بولہ وُن تھاو تھم دِلک کستور

محمودگامیس یہی مدعا چھا
دیدار ہاؤ یا رسُول اللہؐ

---

## نعت شریف

---

مہ کاستم شر بو چھوس لاغر نظر کر یا رسول اللہؐ
تہز ریا نوی چھہ سارن سر کرم کر یا رسول اللہؐ

بو چھا نے آشہ آس لاران اچھو کین خون دل ہاران
ژہ چھوی معن شر تم بر نظر کر یا رسول اللہؐ

مہ کر تو کل ژہ سیت یکنس مہ کر اُمید چھیم تہکنس
نزراہ تو مہ ژی راہبر نظر کر یا رسول اللہؐ

گمژت پو نیپر فدا ژی یت توہی شمعس کران سوی
گمژت چھوس عشقنوی جمبر نظر کر یا رسُول اللہؐ

دائم کرِ ینس فرقان فداگو تس بنیو سُلطان
بُند التس نش چھُو نا خاطر نظر کر یا رسول اللہؐ

بلاشک چھُوک تہ میانو لشتبان دِلاتس وچھ لایغیبان
سلاح سامانہ وچھ پُر زور نظر کر یا رسول اللہؐ

حرام چانوی مہ گو دیدار آرام تراوِت مہ گو ہلہ ثار
پہ رنتھ رام رام بو چھس کافر نظر کر یا رسول اللہؐ

کھڈِت عبد الکریمس پے چھ بوزان تم چھ یم محوی
رٹِت زنجیر فرزان نفر کرم کر یا رسول اللہؐ

## نعت شریف

دمہ دمہ پرہ ہا درودہ چانی — یا رسولؐ مہربانی کر
غمہ وزرہ آستم روی ہا وانی — یا رسولؐ مہربانی کر
معشوقہ دِلو نے حق سبحانی — لاشک سارنی چھوک راہبر
عاشق گامت لولن چانی — یا رسولؐ مہربانی کر
پورہ سامانہ چھی حورہ زنہ والی — دیرہ چانہ گلمت جن و بشر
نیرہ اسہ تمنا ہا و پیشانی — یا رسولؐ مہربانی کر
یمہ چانہ پرتو پیو آسمانی — زِنہ چانہ عالم گو منور
نورہ مشعلہ چھی دورہ پرزانی — یا رسولؐ مہربانی کر
روی چانو آئینہ زن تابانی — غموی چانو جنتک حوض کوثر
موی چانو وَللیل ہا و فرقانی — یا رسولؐ مہربانی کر

ژہ نہ کانہہ ہمتا ژہ نہ کانہہ ثانی
دونوون عالمن چھی سُلطانی
دینک حکم چھی ژور یار چانی
حیانک ناو تھاو شاہِ عثمانی
دشمن دین گال شاہِ مردانی
کینہ چھینہ کرم ترتہ پہلوانی
تہندوی محبت چھوم دِل وچانی
ژولوون یارن لگہ قربانی
یکہ ہا وُتہ چانہ دمہ ہا وانی
ڈکہ دمہ ہیرہ سیدت کرہ دربانی
ونتہ کتہ وون یاربای گی میانی
بُوزِت چھہ زرتہ وچھت آنی
پیرہ موکھ گارِک کرتہ پارزانی
من کان ہذاہ چھو در قرآنی
لیکن گودہ گژہ سپنی فانی
پیرہ رستو وُتہ ڈلہ گژھہ شیطانی
دِلہ منزہ جای کرلوتن چانی

ژئی چھوک نبین سارن سر
یا رسول مہربانی کر
حضرت صدیق شاہ عمر رض
یا رسول مہربانی کر
مول تم کڈتنک ورِ خیبر
یا رُسول مہربانی کر
نارہ سندہ تارِ دِن دَرِ محشر
یا رسول مہربانی کر
کمہ چانو ڈلشت ژلہ ہم شر
یا رسول مہربانی کر
یانہ وان تل کن چھونہ باور
یا رسول مہربانی کر
بوزِ مت چھوم حدیث آنسرور
یا رسول مہربانی کر
یتھہ پاٹھہ معلوم ریہ رہبر
یا رُسول مہربانی کر
منہ ماسوس عِشقن زر

گندہ کس علیو تراو ناوانی
یا رُسول مہربانی کر

# معراج نامہ از شمس فقیر

کروی معراج سان نبین ظهور تمسکوی چھہ دون عالمن

حضرت جبرئیل خبر ہت آو السلام علیکم غم و غصہ تراو

وتھیو سیل کریو ہز آسمانن ظهور تمسکوی چھہ دون عالمن

براقس پیٹھ یلہ کھور کٔت پائے الا الله کرت منبر حرم ژای

کس ویان تا ورراق کیا چھس کھن ظهور تمسکوی چھہ دون عالمن

کرکھ بسم الله مسجد اقصے اتراى مرسلن انبیاہن پیشواہ آئے

اکھ لچھ ژور وُہ ساس پیغمبرن ظهور تمسکوی چھہ دون عالمن

برزخس پیٹھ لاجک یلہ ہیر تمہ ساتہ براقس سپد رنگ شیر

شانہ تتہ دارس دستگیرن ظهور تمسکوی چھہ دون عالمن

اولہ آسمانہ وچھک عیسےٰ خلوت ہت آس جای تنہا

یا نبیؐ کوٹ کال و اتوم پرارن ظهور تمسکوی چھہ دون عالمن

دویمہ آسمانے تراوکھ نظر ساروی وچھ ہے رویہ حیاتوار

عابد تہ زاہد سیت عالمن ظهور تمسکوی چھہ دون عالمن

تریمہ آسمانے وچھک ترہ ناگ دون آسو آب تہ اکس نا واغ

تم ترہ یانہ وان آب باگرن ظهور تمسکوی چھہ دون عالمن

ژورمہ آسمانے کرکھہ پروانہ تتہ وچھک موسیٰ پران نماز

دیوہک تن درکھ پانژن وقتن ظهور تمسکوی چھہ دون عالمن

پانژمہ آسمانے وچھ ہے وبال نرہ آسہ نہ بالن اندرہ تم خیال

ٹھانڈ ترلت ہاو تکھ جبریلن
شیٚیمہ آسمانے وچھک دریاو
پانہٕ آس پکان کانہہ نہ وایِن
ستمہ آسمانے وچھک ست باغ
ہتو ہتو حورن لذت شیرن
آٹھمہ آسمانے وچھک ملکاہ
زہانہ کینی او سی نور تراوان
نومہ آسمانہ وچھک درخت طوبیٰ
تتھ تل جائے چھی تروان ملایکن
تمہ تور دیو ملکو اتھ دزن پر
جبرئیلن تہ عزرائیلن
آلو گوس پانی کھسیو عرشس
گرد نعلینہ تلہ چھڑہ ترا و عرشن
صدرۃ المنتہیٰ کیاہ زبر مقام
نورہ مشعلہ ہیت حورہ ونہ ون
خدا زر محمدؐ کت ذپن صلوات
کس سنا کس اوس سجدہ دیون
شیٹھ ترہ ہتھ کتھ تموکرہ ظاہر
دوستس کیاہ سناولن دوستن
ازلک گوہر بال یلہ گرہ آئے

ظہور تمکوی چھہو دون عالمن
تتھ منزر آس پکان نوحؑ سنز ناو
ظہور تمکوی چھہو دون عالمن
شتن باغن اندر ست ناگ
ظہور تمکوی چھہو دون عالمن
کنو کینی پھل کھیوان بے انتہا
ظہور تمکوی چھہو دون عالمن
نکھہ قاب قوسین او ادو نے
ظہور تمکوی چھہو دون عالمن
اسرافیل میکائیل تی سراسر
ظہور تمکوی چھہو دون عالمن
نولہ عرشس ونہ ہوے نعلینس
ظہور تمکوی چھہو دون عالمن
نہ چھہو تہ صبح نہ چھہو تہ شام
ظہور تمکوی چھہو دون عالمن
کیاہ گو ذات تہ کیاہ گو صفات
ظہور تمکوی چھہو دون عالمن
شیٹھ ترہ ہتھ کتھ تموکرہ باطن
ظہور تمکوی چھہو دون عالمن
نو لچھ نو ساس نو ڈالہ آئے

معراج گژھ ہے یک ساعتن　　ظہور تمسکوی چھہ دون عالمن
ہانکلہ گورہ گورہ آسوی گژھان　　موسلس موی وال آسمی وتھان
مشکہ معطر سین کریاہ ہیرٕ بن　　ظہور تمسکوی چھہ دون عالمن
صبح پھل سیر تمہ باد یارن　　اصحابن سارنی کیبارن
سینہ بہ سینہ ہاوُ ہے نشہ عوثین　　ظہور تمسکوی چھہ دون عالمن
یا نبیؐ عشقہ بر سینہ میانوی　　دمہ دمہ گژھہ ہم معرفت چانوی

معراج نامہ ون شمس فقیرن
ظہور تمسکوی چھہ دون عالمن

## معراج نامہ از وہاب کھار

کرہ یو رونہ روبالے وائے　　تاجدار سون معراجس دراو
نورہ بیمٕہ حضرت سون پیدہ گو　　چاک گو قلمس شاخ درجو
کلمہ لا الہ اوٕ لے آو　　تاجدار سون معراجس دراو
امتہ ہانی ستہ آسوی شاد　　ہردم پران اوس الا اللہ
ورد ذکر آسی تم فکرہ منز تھاو　　تاجدار سون معراجس دراو
حضرت جبرئیل خبر ہیتھ آس　　السلام علیکم تارہ اخلاص
تھیکو ہر پانس کرو پیراو　　تاجدار سون معراجس دراو
نیتہ تمنہ براق آس وارہ　　حضرتن ہیتہ اوس تمن تمناہ
اکھ اکس خوتہ آس تم برانہ چاو　　تاجدار سون معراجس دراو
براقن منز براق اوس لاغر　　حضرتن تراو تس کن نظر

چاک گو سوتی براق شاشہ دارتہ آو
از فراق سوتی براق آسو ریوان
پانہٕ وعدہ دِم دٕرِ گوش تتہٕ
حضرتن دیوتے تس براقس
اَے براق غم ترٲو دِم سنبلاو
دِم گوس تٲثرہ شُند پیدا
سینہ کِن پادر سہہ زن آو
حضرت جبرئیل رُود علمدار
میکائیلن کرِتے زین تیار
حضرت عزرائیل رُود چوبدار
چشمہ چھس رفرفہ یمبرزلہ چھاو
مسجد اقصیٰ ژٲو یک دم
باجماعت پرہ نے محمدؐ ژٲو
ستاوہم ماہ رجبن آو
تتھ شبس پیو شب قدری ناو
حضرت نبین پرٕ بسم اللہ
دویمہ آسمانے کرکھ ٹھہراو
تریمہ آسمانے بیٹھ وچھک ہیر
دست خود نگین تس مشتہ آو
ژورمہ آسمانے ترٲو کھ نظر

تاجدار سون معراجس دراو
پیوٕ تس تس محشرن میدان
تاجدار سون معراجس دراو
قیامژ دوہ ہمت سیت پانس
تاجدار سون معراجس دراو
چھس پدٕر مختو اچھہ النقاء
تاجدار سون معراجس دراو
اسرافیل رود پانہٕ برِ رکاب
تاجدار سون معراجس دراو
ہس تھر براقس سپد اظہار
تاجدار سون معراجس دراو
ملک ہیتھ اوس پران کلماتم غم
تاجدار سون معراجس دراو
یمہ شبہ حضرتؐ سیلس دراو
تاجدار سون معراجس دراو
دات تم آسمانے اولہٕ
تاجدار سون معراجس دراو
پانس آسی دیان اسہ گوژریہ
تاجدار سون معراجس دراو
سارِ وی وچھہ ہے رُوپہ جانور

سونہ کانیہہ آس تمن خصلت کاوٗ
تاجدار سون معراجس دراوٗ

پانژمہ آسمانہ وچھک مس ملرن
آخر زمانہ کین تی چاوٗن

عارفن تہ عاشقن تی باگراوٗ
تاجدار سون معراجس دراوٗ

شیمہ آسمانہ وچھک شیشہ کوہاہ
سوی واس گنڈتھ اژ درگاہ

جانواراہ لیست ورصحراوٗ
تاجدار سون معراجس دراوٗ

ستمہ آسمانہ وچھک خطبہ ہیراہ
سیاہ تخت پوش جایی گمراہ

لانہایت کیاہ وچھک کوت برکھ جاوٗ
تاجدار سون معراجس دراوٗ

آٹھمہ آسمانے کھتو تاجدار
تتہ بیٹھ رفرفس سپدیے سوار

پتھ کرکھ جبریل سیت بتھ واوٗ
تاجدار سون معراجس دراوٗ

نومہ آسمانہ وچھک فرش مخمل
آس انبیاء سمت بیہ مرسل

تمن برونٹھ حضرت سون لامکان تراوٗ
تاجدار سون معراجس دراوٗ

عرشہ پیٹھ پردہ تلہ آلو گو
السلام علیکم یوٗ اچھ زیوٗ

وعلیکم سلام کیاہ چون ناوٗ
تاجدار سون معراجس دراوٗ

کتہ گیہ اتھ پیٹھ خوانچہ آوٗ
سوی خوانچہ پیش محمدؐ ژاوٗ

کھیوکھ چیوکھ معرفت باگرنہ آوٗ
تاجدار سون معراجس دراوٗ

حضرتن سان زیو یا اللہ
بابکار امت کرنم کیاہ

بڈ امید چھک ژی یارن یاوٗ
تاجدار سون معراجس دراوٗ

دمہ دمہ آسوکھ غم امت
دپوکھ سوی چھوہ بڈ رحمت

پانژ دکھ نمازہ ہند بر پاتھ آوٗ
تاجدار سون معراجس دراوٗ

دپو ذات پاکن جبریلس
ہاوٗ نار ہیتم معشوقس

تمہ وتہ حضرت بسالو در گریہ آو — تاجدار سون معراجس رلو
مالک بند خین یامت بلوز — ذات پاکن پنٔن معشوق سوز
پانٔی برونٹھ پک لنظراہ تراو — تاجدار سون معراجس ووہلو
گنت کرے کعبس بوز میان زار — سیت ہیتو ژھور یار ماو دیدار

ثریٔ کُن دہاب کھار یا امید او
تاجدار سون معراجس فراو

## نعت شریف

ای معشوق نازنینؔ — گہ تو برمن باز بہین
خالہ زُلفو کرہم شام — سرتا پائے ولنہ آم
یوت کیاہ چھک دل سنگین — گہ تو برمن باز بہین
سرمہ چشمن چھوی خُمار — ہرنہ کرتھک یتھہ بیمار
در جنگل رؤد بے سکین — گہ تو برمن باز بہین
زنہ رخ چھی ماہ تابان — گشہ منزہ کیاہ گماہ ایوان
آفتابہ خورتہ چھی حسین — گہ تو برمن باز بہین
وند مختہ وٹھ زرہ فل — کنحقو سیت گے طوطہ گل
خندہ کرنس آفرین — گہ تو برمن باز بہین
سچ کہو گل تو کیا — اس واسطے میں نے کہا
کوئی میرا ہے امین — گہ تو برمن باز بہین
پانزہ رنگمت اتھ کھور — شمس فقیر یاد کر
خوتہ میانے جعبس رنگین — گہ تو برمن باز بہین

# نعت شریف

پتہ لارے بٹہ سرداروِ — بالہ یارو لول ہو آم
سر بہ وندے نبیؐ تاجدارو — بالہ یارو لول ہو آم
ییہ آدم گو اظہارو — ژورہ چیزے آڈرتہ آو
تتہ شیطان گو گرفتارو — بالہ یارو لول ہو آم
ژلوکھ روحس اژہتہ اندرہ — متہ کر توم چھُس یہ کھوژان
وعدہ دتونس کڈت دوبارہ — بالہ یارو لول ہو آم
تمام روحس لگوی قرارو! — فکرہ سیتی ذکر اللہ
پرن ہو ہو کرن کھتہ تارہ — بالہ یارو لول ہو آم
سارنی نبیٔ اتھ رسول مختارو — تس شوبان سیت ژوریار
سارہ اُمتک چھوی غم خوارو — بالہ یارو لول ہو آم
حضرت علیؓ شیر جبارو — مارِن کفار بے شُمار
ووٹہ چھس کلاہ ہلہ ووٹہ ذوالفقارو — بالہ یارو لول ہو آم
حضرت عمرؓ کیاہ عدل دارو — عدل کرُنے بے شُمار
امر ذاتس رُود تس دارو — بالہ یارو لول ہو آم
ست چھی زمین نو آسمانو — نون فلکن نو چھہ ڈیڈوان
متہ شمشو کرتہ اظہارو — بالہ یارو لول ہو آم

سر بہ وندے نبیؐ تاجدارو
بالہ یارو لول ہو آم

# نعت شریف

سر پادن کرے قربانے — اَز روز تو سانہ مزملنے

چھوک ژٕ شانہ بڈ ہا تھدہ ساتنے — اَز روز تو سانہ مزمانے

خون پنہ نوی مسلہ یو پادن — کُن تھاو تیو پمن لولہ نادن

ہرنہ چشمن گرشتہ وچھانے — از روز تو سانہ مزملنے

سالہ کھالونک پانہ پاک ذاتن — کرت سیلاہ ہا بیک ساتن

ڈالہ سوزنی آیہ فرقانے — اَز روز تو سانہ مزمانے

شانہ بڈ کیاہ چھک شونیہ در لوئے — چھک ژٕ نین ہندہ خجہ تعدے

مہر نبوت چھوی ژٕ پننلانے — از روز تو سانہ مزمانے

چھوم تعشوق سنہ گوم سینس — کھہٕ مہ پیمستر دل آئینس

چانہ دیدارہ ژلمہ ارمانے — از روز تو سانہ مزمانے

چھس یو عاشق عشقس فدا یوو — یتھ شمعس یتھ چھوی پانپور

غم عشقن چھومنہ شہلانے — از روز تو سانہ مزملنے

دِتہ دیدار بلہ یو بیمار — چانہ وُتہ پت کرہ سرنثار

چھوم مہ دور دل سوی ارمانے — از روز تو سانہ مزمانے

چھس یو تو شان ایہ سالہ معشوق — آسو ذاتس چانی تعشوق

چھوی سو عاشق دیدہ عیانے — آز روز تو سانہ مز مانے

چھس یو منتظر ہا و تو دیدار — چانہ ڈیڈہ تل آمت امیدوار

وُلو احدن تازہ بیانے — از روز تو سانہ مزمانے

## رٔوف

وزم تن لیلہ ناری | امارے چانہ مدلو
یہم نہ پالن مارے | امارے چانہ مدلو
بوزۂ اسوس کرنہ آسے | توے چھیوم معرفتہ موئے
مہ چھم تمہ چی دلس لے | سہارے چانہ مدلو
بو گوس در شہر ظلمات | میہ چیو تتہ آب حیات
مہ سیت دتو زندگی سات | قرارے چانہ مدلو
یہ سپدس عین حیات | مہ لنشہ گیہ پیدہ ذریات
مہ گو لی پورہ اثبات | بہارے چانہ مدلو
مہ ژھو ندم لنتہ پانس | کرم گردش جہانس
وچھوم میلت سو پرانس | اشارے چانہ مدلو
مہ وچھہ اکھ لچھہ ژو ژوہ ساس | تمی سیت کرمہ اتھ واس
تمے اتہ اس خاصان خاص | بہہت آس سانہ مدلو
مہ ونو تم لا یزالن | ینس گرتھس ماچھہ ژھین
سخندان معنہ بوزن | شہ ماز انہ پیرانہ مدلو
گرزان عبد الکریمس | چھم شکل لنشہ پانس
پری تم آیہ پانس | قرآنے چانہ مدلو

## رٔوف

جگرس مہ کرتھم پارہ معشوقو | زاجتھس بو عشقہ نارہ معشوقو

نورانہ ہاوتم ژل تنہ بلاو تھم
یورہ یتہ بلو ژھٔپت وارہ معشوقو

شین زن گاجمتھس چون لاجمتھس
وا جہتھس منز ریب کرہ معشوقو

عاشقو کئی تھاؤیت عشقہ سوزس
گئے تمی ژل بیدار معشوقو

واون ارہ کر عشقہ دریادس
ناؤ میان تار تن تارہ معشوقو

انزران آیس عشقہ لس نیایس
گنزران ننہ چے تارہ معشوقو

ننہ کھتہ ونہ ام شیخ منصورن
کنہ کنہ کرکھ سنگسار معشوقو

زاہد چھو زو لٔرت زاہدک نارن
واحد سو چھہ بیکار معشوقو

مند چھس زاہدس لٔنشہ بلیہ واتس
چندہ چھین آسہ لاچارہ معشوقو

چھیڑہ لوس سیتی تس عبد الکریمس
ژیدہ تل چھو چانہ دربار معشوقو

## رؤف

بلبل ور گل وچھتہ کیاہ چھوی نالانتۍ
ژل میون مشتاق گوژھی پتھ دیوانتۍ
زلفن کران خال ژیو نیٹھم چھوی شانتۍ
گل ہس چھیتہ تی وارہ سیدم عیانتہ
ہاوسہ چانے چھس مسول زو تانتۍ
راوس لو لاجہتھس ناؤ کیا چھی بیگانتۍ
دکھنا درشن ژورہ رنے ہاؤ جانانتۍ
یکھنا سابھتاہ بال چھم چون ارمانتہ
ارمان تھاوان چھوی نہ گتھان کنہ جانتہ

سرپان ونڈے لولہ قدمن میہ زمانہٕ

عبدالکریمس پیر رہبر مہربانہٕ

لوٚب تم پیغام زپن واتہ میخانہٕ

## رٔوف از غلام محمد مشتاق خانیاری

بطرز: "وسی وسی کھارہ کوری بالہ گیندہ"

وسی وسی بالہ یارس رف کرو — دلقرارس لوکہ چارس رف کرو

سنگرہ ہیوت گاہ تراوُن از تہ پلہ — یاوٕنس نوٕ سی امارس رف کرو

شیشن چیر محنتہ چمنس پیرت گگلس — صبح دم کس اَت نظارس رف کرو

پوشہ نولہ لوٚشہ سان ہیوت گیون — شالہ مارس لالہ زارس رف کرو

برٚ دلن پمپوشنی منز ژاو از — بالہ یارس نازہ تارس رف کرو

اچھ ولکس سازہ سوز پس وارہ س — تورہ تت آبشارس رف کرو

نل گنڈ ہن لشا طس رنگین گُل — مایہ تھنزہ نو بہارس رف کرو

چاو برمت آفتابن زون ہیت — لولہ بر کس پیٚر تہ تارس رف کرو

فاقہ راجن زرگنڈ مت لولہ سان — از یہ یاری واتہ یارس رف کرو

زراو مشتاق ہیو جان جانان تن — شوقہ سان منز خانیارس رف کرو

## رٔوف از مسرور کاشمیری

یارہ گوم سیلس ڈل ولولالو۔ ڈل ولولالو — تہ ماندان ہانسیل شولو لالو۔ بل عیلالو

زنگہ نامہ یار بیوٹھ متہ تراکو اری نہ شکو تہ — بولہ زرہ تہ پیہ ون ہاری۔ بیہ ون ہاری

پوشنول کستور چھل ولو لالو ،، دستور ونہ کوی پرین ہشند سوز
دل وجان تت کن وارہ روز — باہوشس ونہ چھاسل ولو لالو
سونہ لانگہ یارس لگومت چھو مارس — کس ونہ وسئے نامہ دِزِ میان وِس
ہیای چھس پٹ سرپل ولو لالو ،، کمہ خواب اطلس تتہ میراوس
ہفتہ بارہ بوٹین تل وتھراوس — روپہ نِنہ طلس مخمل ولو لالو
نِشاط شالمار ہر گونہ سبزار — بن بن قالین پچھمی وتھان فوار
اچھہ دارِ منز تیل پل ولو لالو ،، کامہ دِیوہر وانہ چھامہ رنگناوے
سکے یارہ پتہ تن چھلہ ناوے ،، دَب وانہ کاسوتل چھل ولو لالو
پنگلہ طبیب چھوی انتظارس — مسرور ڈیڈہ تل تی ناگس
دیدار دِیہ حضرت پل دِلو لالو ،، ژہانڈوان مانسیل ولو لالو ،،

## روف از عارض کاشمیری

بال آلیس چھانہ الفتہ لولو — لیل نزرالیس لالس پتہ لو لو
مِتہ لگیو کتہ چھانہ وتہ لولو — لالہ رویس گردن وادت چھس
میالو یاوَل چھانہ قسمتہ لولو ،، سونہ ساونہ سمار گیلان چھوم
روپہ پدنس تیہ نارہ تیلان چھوم ،، رتہ لوکہ چار والنجہ کتہ پولو
میانہ دِلبرہ کمیو تعویذہ کرتے — کمیو پترنہ سوزِ میانہ کن ژرہ بھنے
نامہ لیکھیو چکرہ کے رتہ لولو ،، رنگہ رنگہ پہ چھس وارہ وان رنہ ناوان
مس کھیاس مدہ نس منہ ناوان ،، کھتہ لقماہ دامہ چیتہ لولو
شوقہ چھانہ تتی من چھس بیراوان — نیر مے ساسندری گندرس منہ ناوان

کوچہ للہ وت میتہ محبت لولو | آب زمزم ساقی آمت ہت ״
حوض کوثر عارض زرامت چیت | نور ہر پور معرفتہ لو لو ״

## روف از شمس فقیر

مکہ مدینس برچھ وچھئے | نیری لتیئے روف کران
دورہ ہران نورہ پھتیئے | نیری لتیئے روف کران
اسہ ون چھکے اسہ میتیئے | کس کیتہ مس کھاس بران
چاؤ داناہ قرا حتیئے | نیری لتیئے روف کران
ونیس اس آئے لو ہتیئے | قولہ سارس وین دیوان
عشقہ نارسے وَدِ میتیئے | نیری لتیئے روف کران
عشقہ سندرے چھندہ راو میتیئے | کیت عاشق پر اران
وچھیتہ کیت مارہ گامیتیئے | نیری لتیئے روف کران
دند قندہ فل کیاچھ رتیئے | اسہ ون غنچہ دہان
لال ولب کیاہ رحمتیئے | نیری لتیئے روف کران
زلف سنبل الہ میتیئے | پھلمت سنبلستان
مارہ ہیچان کارہ ہیتیئے | نیری لتیئے روف کران
شمس فقیرن پروانہ دتیئے | اسہ کارہ آس فرمان

مال وعیال پان تراوُم تیتیئے
نیری لتیئے روف کران

## غزل

یت خاصہ پانس کیاہ سنا جانانہ کرت گوم

ہتھ پ ژت نیونم دل، ویرانہ کرت گوم

مہ مایہ تہنز ی رایہ پورم رونہ دامانہ

سہ ہے ضایہ سوروی ہئے وس سامانہ کرت گوم

کریوٹ گوم کورنم لوٹ میانس دین ایمانس

سنزو تہ تراوت عشقہ ژور حیرانہ کرت گوم

ذرہ ذرہ تھاونم ذرہ کیاہ کرہ چھس لو سیاہ سر

مرہ مرہ چھوم کمہ تارہ نرہ بریانہ کرت گوم

آوارہ کرنس مارہ مت وس کیاہ سنہ گوس

امہ نارہ جگر پارہ کمہ انمانہ کرت گوم

جو دہے کورنم جوز گارن، زوہ یہ للہ ون پیوم

بچھہت بو تراوس کالہ مارن شانہ کرت گوم

مژزن بولس پتہ کرانہ دراسں یتر گیس رسوا

تزرہ کرایہ تراوت عشقی زولانہ کرت گوم

براران روزنس رات راتس واتہ کر دلدار

برہ برہ مہ تھاوس لولہ مس پیمانہ کرت گوم

آذن باجس یاد پاوس وعدہ وفائی

بو ناد لائس کیاز وس بیگانہ کرت گوم

بیتہ لولہ ماغس آس فلمت گل تہ بیہ گلزار

پیوٚ واوہَر دِن ہاوہ کُس وٖیرانہ کرِت گوم
میخانہ اندری ساقین می پانہ ہے چادِس
مُس چیت راوُم ہوش جس مستانہ کرِت گوم
ڈرائیورَ حسنا کرِ حسنا بیہ عار بے عارس
رُخسار ہاوِت غنایہ یُس شرپاوٗ کرِت گوم

## غزل

ژہ گژھتے جستہ وُس دِلدار اَنتن
دِلُک راحت دِلُک قرار اَنتن
سُہ اُسہ دُن خوش پوٗن جانانہ مینز لوُی
چھُہ شیرین لبُ شکر گفتار اَنتن
وُنجبہ ہمہ ماہلال عید چھیم تس
خنجرَ تس چشمہ پُر خمار اَنتن
وُچھان یُس کُن سو پُر خمار چشمو
بُچھان تس زُلفِ سیہ مار اَنتن
ہتے وُس گژھتہ میانس خستہ باغس
مہ پھولہ ہن گُل بیہ گُل زار اَنتن
بوزاجنس لولہ نارن تم ہا مدُ نن
بو قدمن سر کرس نثار اَنتن
بو پامن لاجنس دِ مرِ چاکِ جامن

سوُنگامن گزھت رودٲغیار اَنتن

بوٗ لارس دِلبرس بُرتل ہا پرارس

بوٗ مارس پان چھس میان بار اَنتن

وفائی ترأو تھی کرنم جفائی

ای چھم سیٹھاہ دُشوار اَنتن

ڈلوم وِس وعدہ کرِ کرِ عہد و قولہ

ژلوم تھاوِت للہٕ وُن نار اَنتن

برماہ دِت بالہ دِل ہت ژٕول ژُورے

تماہ چھُم کرِ رِیم دیدار اَنتن

چھِھ ما آرام دِل ڈرائیوِرہ حسنس

چھِھ بلبل مُت شوٗ گُلزار اَنتن

---

# غزل

---

شامہ سُندری دامہ لوگتھس جامہ چھی اوزالیئے

برونٹھ نالس بختہ جالہ وُڈرہ ڈزنتہ چھالیئے

کتہ آیک کتو گژھان چھک وَن مہ تھورے سالیئے

تنیہ للاوان عاشقن ہند دِل کران اُو بالیئے

یا ژہ درامژ از جنت حُور نتہ پری پاتالیئے

کس یہ بخت دِ تمت خدایَن لیس ژہ آمژ ڈالیئے

روِشہ روِشہ ہوشس مہ نیم تھم لوز لیوشہ مالیئے

جوشہ عشقہ سورمہ سپدم گوش تھاوٕ ہیہ مالیے
مثل مجنون مرت بوکرتھس کت گژھان چھہک لالیے

ویرہ چانےنیرہ ہرسو ہیرہ نا بالہ بالیے
دٕرہ قفس بند چھہک ژہ گیمشہ غند کمری کو کالیے

نیری پھیرو وربیابان وٕن دموہ جنگالیے
روزنی ساعتاہ اُستہ استہ حال بوکرہ ہے چالیے

خستہ دِل دیوانہ کوہ تھم اُسہ ولن رنیالیے
داد لکہ ولن تھاوٕتھم پچی جاد ہانکل نالیے

کنہ والِ الہ راوان آیہ کھے بنگالیے
برم چھہ دنیا بالقائی دم غنیمت بالیے

سرہ ژہ کر اللہ چھہ سپدان برہ یاون کالیے
چھوی حسن ذرا ئیور برس تل آمتوی سوالیے

ذوقہ چانے شوقہ سان تم لوگنے غزالیے

---

## غزل

---

رسولؐ خدالیس لگس یار باری
سو عالی ہمت غم خوار اُمت
کرن پیدہ محبوب چھہ ملن عالمن شوب
صاحب تاجس، شاہ معراجس
یتھہ بربر آنتن آو شانہ دوران

مہ زوون عالمن منز تھنزی چھہ یاری
تس کیاہ چھہ شفقت وندس تاہ لٹھ سلاری
زمرسل تمن خوب دِژن تاجداری
کران جبرئیل تس علمبرداری
داٶ چھینہ ٹھران دراٶہت سواری

سپن تازہ خوشتر شاہ آسو لاغر
کمرکٕ سیر آسمان ؤاتِ تم لامکان
مسجد اقصےٰ پراران انبیاء
شُیہِ چانہ دنیا کور تم پیدا
شور تُلٕ ملکو زُردُس کُن تھو
عرشس یکدم تھرہ ژرج از قدم
احدس معنے ژار احد اظہار
یُد چھوک گنہگار غم ترأوٕ دِل مہ ہار
ڈر ہیوُر حسن لارٕ ڈیڈرہ تل اُمیدوار

کرس یا اُمت نظر رسُولِ مختارٔ
حورہ دراہیہ ورنہ وان نورس ژٕ یاری
از نورالہُدیٰ مہ اتن پیاری
لولاک لما فرموو جباری
یارس یار گو ونان اسراری
گرٕ نعلین چھم تاج افراری
محمدؐ آشکار درائہ بازاری
اُمتک غم خوار مبُہت چھُو ساری
نہ زر بارِ سرکار رحمت چھِ جاری

## غزل

بُرقہ مژرِت روی مہ ہاو تم وارہ شُندِ ما لیٔ
پُور دمُت ہیرہ بن چھُوی نور ژہ ذوالجلا لیٔ
ڈیکہ چانوی کیاہ چھُو پھولہ دِل چھس کلا پیچ چالیٔ
گمہ شبنم ماہرانی نیہ چھہ مختک پیالیٔ
بُمہ خنجر تیغ ابرو یا تر ہیُم ہلا لیٔ
نستہ غنچہ لب چھہ شکرہ میم دہن چھیئے بالیٔ
سُرمہ چشمن سُرمہ شوبان کیاہ ژہ چھُوی سر بالیٔ
نظرہ سیت دیوانہ کرتھس گو مہ زنار نلیٔ
وُٹھ پلاشک برگ اللہ وند چھہ یژ مولا لیٔ

خندہ عاشق بنِد چھ گیمت خندہ چانو ژنہ نا لئے
رُخ چانو خورشیدِ رخشان نتہ مہ میشا لئے
دُوریِ وچھ مےٚ حورہ وٚنہ وان لۆرِ تھچ مشعالِ لئے
مومیٚ بلاشک ابرِ نیسان ترٲوِ مُت چھ ہی یالئے
کالہِ بمبور زالہٕ لوگتھن حالہ یینبرزالئے
کس عطا کرِ مُت خُداین یم چھ رویہ نارِ زالئے
یم ژہ پارمت روُپہ دستو وانکہ ستی پاتالئے
یوٗنہ چھ گنڈ گٹ رونہ وانکن یٹ چھ رویہ بسنز جالئے
زالِ وانکن تلِ چھو شوبان بال ژہ گنہ والئے

# غزل

ہےٚ وٚس دٕرٕ دِل چھوم اَرمانہ
جانِ جانانہ ڈیشن نا
دِل وجان کرہ ہس کالہ قربانہ
جانِ جانانہ ڈیشن نا
شوق علیہ پیدہ گوتس رَبس پانہ
ڈال تم منبرنے جبرئیلس
آلو تارہ تس گے غائبانہ
جانِ جانانہ ڈیشن نا
جبرئیل امینؑ خلوت خانہ
مشغول آسوی دَرعبادت
آلو بوزت گو سو حیرانہ
جانِ جانانہ ڈیشن نا
تم عرض کرِنس حق سُبحانہ
سوروٕی سعاوم چھوی پانس
کیاہ گژھی آسن کرِتہ بیانہ
جانِ جانانہ ڈیشن نا
تمہ پتہ ملکن آوٕ فرمانہ
ژھینٹاکہ جبرئیل گژھ تہ لوک

نبہِ ساں گریہ تم کرُیہ تمہ آنہ
منظور تھاوُنس زار و عجزانہ
کرُ جبرٔیلن شکر یزدانہ
تتہ دراوٗ گو سدوٗی راہ روانہ
ملائکِ باغس آسس دربانہ
بروٗنٹھہ تس لاران آیہ دربانہ
کتواژک باغس چھک ژہ بیگانہ
تم توٗرہ دپوٗنک بے گمانہ
ڈالہِ چھم تس بنہ لعل مرجانہ
دپوس دربانہ یہ چھہ بہانہ
گژھہ سدوٗی پانس راہ روانہ
مالکِ مُلکن سوز فرمانہ
بے سوز مبت ڈالہ چھوم پانہ
ژانہ یلہ جبرٔیل باغِ رضوانہ
فکرہ آس تم کران ذکرِ رحمانہ
پوشاہ اکھ وُچھون عالیشانہ
باغ آسہ روشن تمہ نورانہ
پوشس آسی بنہ بنہ خانہ
تہ وُچھت جبرٔیل گو حیرانہ
ژوٗر پوشس آسس نکھ شوبانہ

جانِ جانانہ ڈیشن نا
دوٗر گیہ گنہ تتہ نورنُن دراوٗ
جانِ جانانہ ڈیشن نا
بروٗنٹھہ تم ڈیوٹھ اکھ باغِ رضوان
جانِ جانانہ ڈیشن نا
کت پکان چھک سدوٗی کیاہ چھران ناوٗ
جانِ جانانہ ڈیشن نا
بوزی چھوس جبرٔیل تراوٗ تم جائی
جانِ جانانہ ڈیشن نا
ژہی ہی جبرٔیل کیتیاہ آئی
جانِ جانانہ ڈیشن نا
تراولون اسی جبرٔیل ناوٗ
جانِ جانانہ ڈیشن نا
باغس منز وُچھن پوشن نوران
جانِ جانانہ ڈیشن نا
پوشن منز آسو شعلہ ماران
جانِ جانانہ ڈیشن نا
خانن منز آسو نام اللہ
جانِ جانانہ ڈیشن نا
غور کر ژور یارِ رمنی ناوٗ

یانہ آسو حضرتؑ ماہ تابانہ | جانِ جانانہ ڈلیشن نا
ڈُر سُور حسنو وچھو عیانہ | ہیرِ لونہ یانہ ذت چھوم لساؤ
عالم روشن آمہ نُورانہ | جانِ جانانہ ڈُلیشن نا

## ونہ وُن

حورہ دراپہ جنتہ منزہ سورہ پرانے | لالہ سون کیاہ چھو شوبانی جان
نورہ نورانہ کرہ دیوانے | لالہ سون کیاہ چھو شوبانی جان
ملکو تہ فلکو کرہ بیانے | دُرودہ حضرتؐ کیاہ لولہ سان
شادی گیہ زمین تہ آسمانے | لالہ سون کیاہ چھو شوبانی جان
حضرتِ جبرئیلؑ آو لارانے | از آب کوثر گو چھاوان
جنتک جامہ تمہ گیہ لاگانے | لالہ سون کیاہ چھو شوبانی جان
حضرت حلیمہ دراپہ لارانے | جوہر خوش آس چھاوان
کھڑنہ منز آسکھ پور للہ ولنے | لالہ سون کیاہ چھو شوبانی جان
تمہ ساعتہ گیہ سارے حیرانے | تمہ ساعتہ حضرت آس منگان
بخشتم امتس حق سبحانے | لالہ سون کیاہ چھو شوبانی جان
تتہ سنز آواز آیہ آسمانے | پوشن منز قل پوشن جان
یمہ پوشہ عالم گو نورانے | لالہ سون کیاہ چھو شوبانی جان
لاران آیہ تم تورات جانے | حضرتِ سند صفت آس بیان
کفرک روزہ کتہ کنہہ نشانے | لالہ سون کیاہ چھو شوبانی جان
آسک ابرک سایہ بانے | سیتِ آسن ووتہ پکان

| | |
|---|---|
| نظرِ سیت کافرن رٹن بتخانئے | لالہ سون کیاہ چھہو شوبانی جان |
| تعریف حضرتِ حق سبحانئے | دُر قرآن مجید پانہ کران |
| پیر پانہ معشوقہ مُن جانئے | لالہ سون کیاہ چھہو شوبانی جان |
| محمد سعید سس اکھ ارمانئے | تارِ دُرِ محشر چھہوی تہند کران |
| دارہ چھُت آسس ہیت بارہ عصانئے | لالہ سون کیاہ چھہو شوبانی جان |

# غزل

کران چھس بو انتظارہ، کتیو یارہ پرارہ یو
متی زان دیت وارہ، کتیو یارہ پرارہ یو

زلیخا چھس ناچارہ، مصرس منز مسافر
کتیو چھوک ملندارہ، کتیو یارہ پرارہ یو

بلبلہ رستہ ہے گلزارہ، ژہ کت باغ پھُلیہم
کتھے بوز ونے زارہ، کتیو یارہ پرارہ یو

صبرتہ رتہ خوش دیدارہ، دُور چالو غنائی
ننداریہ ہتہ گرتہ ہیدارہ، کتیو یارہ پرارہ یو

کماندارہ شہسوارہ، کمانہ سیت مارہ کس لو
وندس کرتہ مہ پارہ پارہ، کتیو یارہ پرارہ یو

شمشیرہ چانہ بو سر دارہ، خم چھیری بُرہ کمالو
سرافرازہ ہے سردارہ، کتیو یارہ پرارہ یو

بوچھت ژہ لوہیم ہے شہمارہ، وچھیت چھینہ ہیکانی

اُمارہ چانہ بوپار، مارہ کتہیو یارہ پرارہ یو

گرٕسے پرنگ چیندن وارہ، وزنے ہاتہ وجگر لو

وُندس کرتھ مہ یارہ یارہ، کتہیو یارہ پرارہ یو

یارتہ میانہ ہا مُنتہ ہارہ، شرابو تہ گواہ غزالو

سوران آہم مہ لوکہ چارہ، کتہیو یارہ پرارہ یو

ودان چھس دُنوارہ، بدن نارہ زالُت مہ

آدن باجہ ہا لوکہ چارہ، کتہیو یارہ پرارہ یو

بتھ یور ہا ستمگارہ، وتھ ژہ ہو کیو درشناہ

ستیہ چشمہ جاذہ گارہ، کتہیو یارہ پرارہ یو

ہنہ رہ خاصہ پلس پارہ، وُورہ چانہ گلابو

ہیہ میانہ گُل آمارہ، کتہیو یارہ پرارہ یو

ژہ چھک گتہ لو کتو لارہ، خبر کینہہ تہ لبم نو

تس نہ ہو زہ چھس آوارہ، کتہیو یارہ پرارہ یو

ہے سمارہ برم بازگارہ، ژہ کیاہ خاصہ سودا چھوی

بو چھس چانو خریدارہ، کتہیو یارہ پرارہ یو

ہنگہ میانہ ہے مختہ ہارہ، گنڈکھ سونہ پاہا چھوہم ژی

لیہ یکہتہ لیہ نے ہارہ، کتہیو یارہ پرارہ یو

ورنہ کتھ چھوم نہ کس پیر ژہ گارہ، چھس نا چانہ زلیخا

ژہ نے یکھتہ گئیس مارہ، کتہیو یارہ پرارہ یو

کیتیاہ زالت عشقتہ نارہ، مہ ہیو نارہ کانہہ تہ نو

ستھو چھھی وناں زاہ کسنہ یا دہ پرارہا یو

## غزل

چھی یہ برہ مس پیالو | وتھو لالو بندر سے
وتھو لالو برہ یو پیالو | وتھو لالو نندر سے
وازہ انتھی کرہ یا سالو | تارہ مارے تھکار مانہ
رازہ ہنزیانہ ولو تھم نالو | وتھو لالو نندر سے
کوُر زین چھے مرُس زوالو | کوُر زِ تے ہزار یام
سہ آست سپدان تسالو | وتھو لالو نندر سے
بالس ناو چھم سید البہارہ | ماجہ ناو چھوم بدرہ انسا
سید کوُر چھس پوُرہ کمالو | وتھو لالو نندر سے
نیہ یاونس پھولے لجمو | تیہ عشقن کر یوٹ پیوم
حبہ خاتونہ ولن ہشالو | وتھو لالو نندر سے

## روف

بوورا لیس ژی پتے کرانے | ولو یورا معشوقہ میانے
ژی چھہی سوال از سانے | ولو یور معشوقہ میانے
گئیس لو ژی پتے بدنام | نہ چھوم قرار نہ چھوم آرام
لیکھت آسوا ز لنے لانے | ولو یوُر معشوقہ میانے
کرم کیاہ راوُرم لوکچار | دازہ چانہ ژولُم لولہ نار

وُچھہت کرمتہ گوس انے — ولو یور معشوقہ میانے
مہ جگرس لگے پرکالے — بو ورالیس تژی پتے وُبالی
بلم زِل نظرے چانے — ولو یُوربہ معشوقہ میانے
بو لیلیٰ پھیرس وَننے — کمہ سونہ تس کرُم کننے
یہ عشقہ ووز نہاہہ تہ ماپرانے — ولو یور معشوقہ میانے
گیُس بدنام منز عالمن — تژہ گومہم سیت سیت خامُن
نامِن کمدامی کٔسو معانے — ولو یُور معشوقہ میانے
زلیخا چھس وُدان زار زار — یُس ہا یُنہ سوی تلہ زانے
یُس ہا یُنہ سوی تلہ زانے — ولو یور معشوقہ میانے
روپہ ناز پلہ وُتھ تراوت — عاشقن بدل کتراوت
زخمن خون گوم بانے — ولو یور معشوقہ میانے
پھوٗلن پلہ باغک گلزار — چھہ بلبل انان روشہ رفتار
قدر پوشن سوی زانے — ولو یور معشوقہ میانے
وُنان عبدالاحد یارس — تژہ للہ کن بھاو دادس
بو لاران ڈیڈہ تل چانے — ولو یُور معشوقہ میانے

## غزل

و اللہ مہ وُدان گاش ستیو میانہ متیو ہو
وُنِ تھکس وُنِ زیارت بو کتیو میانہ متیو ہو
وو بہ اکہ ژھمک حورہ منز نوُرہ تراوان گاہ

آلو کریامی نوُرہ پھتیو میانہ متیو ہو

یمہ چشمہ چانے عشوہ بۆرت گییہ مہ کرِت کار

سرشار وچھک نندرہ ہتیو میانہ متیو ہو

خم ژام تدس چھم مہ گیلان پرَ تہ پشانی

آمارہ چانے رنگ مہ چھتیوو میانہ متیو ہو

گر تشنہ لبس آب دِت گژھہ تشنگی ٹھہراو

واللہ مہ اندرم نار تیتو میانہ متیو ہو

یُر یکھ ژہ مہ نشس لوُ نے حال زارہ وچھت تام

تامِت محی الدین دادہ لیتیو میانہ متیو ہو۔

## غزل

یکھنا سانوی وَندہ لو کرانوی

یکھہ نتہ لوکھ ہو ہنم گیلونوی

یتہ سہ کرہ ہے نرِشس وتھرانوی

کھیکھنا نعمت چھیک ادہ سانوی

لالہ یتہ حال لو ہے وندہ زانوی

بالہ مہ آسوم ازلی لانوئے

یادن مَلہ یو خون پنانوی

آ رنگہ یارو ہمہ وو گندونوی

پشہ پشہ تھہ نم نارلُلہ وونوی

میتہ گو محبت چانوئے

میتہ گو محبت چانوئے

بنتو مہمان میانوئے

میتہ گو محبت چانوئے

زال گوم عشقن نالئے

میتہ گو محبت چانوئے

وعدہ کرسہ ژہ لو ر میانوئے

میتہ گو محبت چانوئے

اشکوی کرتھا وتھرانوئے

لۄشہ نارہ زاجتھس عار چھوی نہ میانوے
متہ گو محبت چانوئے

پیالہ بہ بَرہ یو سالہ یتہ سالنوی
کرہ یو پوشہ وکھترانوئے

کھیون بو دمہ یو مازہ بیانوی
متہ گو محبت چانوئے

دلبرہ کاستم دلہ سئی گرانوی
محرم تزی چھوک میانوئے

اشہ کہنہ ہمہ ہا خوان ہارانوی
متہ گو محبت چانوئے

معشوقہ میتہ آسو تعشوق چانوی
مولہ مولہ ہت مولہ وانوئے

ہول مہ کاستم لول چھوم چانوی
متہ گو محبت چانوئے

گگہ والنو ژہانڈان یار بیانوی
تس تہ مہ آسو اژلہ لالنوئے

دیدار چانہ سیت بچانہ باغ میانوی
متہ گو محبت چانوئے

## غزل

مدہ نو یہ سامانہ یتہ چانہ بایت
شروہ دار ذامانہ یتہ چانہ بایت

گیمہ زُہ بدنس لولہ ینجرک پاٹھہ
کرت سینہ بریانہ یتہ چانہ بایت

لگے یار یاری ژہ وچھہ وارہ مہ کُن
مہ یتھو حُسن تابان یتہ چانہ بایت

وچھس منزبو منز لانہ گرے اُچھہ پوشو
یہ چھوم آئینہ زانیانہ یتہ چانہ بایت

اچھن ہند مُنزل وندی دُون پاوُن

یمہ چشمہ گریان یتہ چانہ باپت

عذابس اندر لولکس اضطرابس

غرابس یہ طوفان یتہ چانہ باپت

پیومت چھہس یارن رفیقن نشہ دور

گمت دل پریشان یتہ چانہ باپت

مرت روزہ خوشباش چالنس برس تل

گرت جان قربان یتہ چانہ باپت

## غزل

گمانہ کیاہ بریارنی
ہرشام وسحر ژھارنی
مسول بوآسس مسرور
تنہ ہے مہ ہیتونم دوہ دور
زلف وتہ شہمار زن
لگ نالہ عاشق کا کلن
ابرو کمانن، لانیم کشہ
دورس مہ سینہ پردیشہ
بیمار چھس از لولہ زر
ارمان تھونم دل جگر
وده ناوتے بیٹ زار زارہ
نشاط چیا کنہ شالمار

دلدارنی، دلدارنی
بازارنی، بازارنی
سن دت مہ ژول سوئیا عشقہ زور
لوکہ چارنی، لوکہ چارنی
کمہ چالہ تراوت بیٹھ بمن
خمدارنی، خمدارنی
ٹھکانہ چھہس غیرن نشہ
الفارنی، الفارنی
کیاہ سنہ ہیہ نامے خبر
آمارنی، آمارنی!
روشم کوئے فرتہ چھوسنہ عار
سبزارنی، سبزارنی

سیتایہ تراوت گومہ رام | میچم گٹہ سپنوم مرشام
بے حس گیٔس وتونم مہ جام | ہُشیارنی ہُشیارنی
وزنم برت عشقن تبر | مشتاق بے حس پیوٚ پیتھر
وزشہرہ گامے سوی خبر | اخبارنی' اخبارنیٔ

## غزل

باغ خُنج پوشہ مالی | نوٗرہ چھلی ہاوی روٗیُ
جامہ پیرت چھک مولالی | نوٗرہ چھلی ہاوی روٗیُ
روی چالوی کیاہ چھہ تابان | ماہتاب ژری کُن نمان
کالہ اُبرچ وٗزہ مالی | نوٗرہ چھلی ہاوی روٗیُ
عاشقن ہُند خون ہاران | تیغ ابرٗو یا کمان
یا چھہ محراب نتہ ہلالی | نوٗرہ چھلی ہاوی روٗیُ
زُلف تو زنجیر بمہ پا بستہ | کرٗہس خستہ دِل
چھی زہ شہمار نونہالی | نوٗرہ چھلی ہاوی روٗیُ
دُورِ زن چھاتی مہ کرٗنم | دوہ بدل ور شام غم
رام کرٗتھس ہیہ مالی | نوٗرہ چھلی ہاوی روٗیُ
قدِ شمشاد لا او بالی | شوبہ وُن ہیہ مالیٔ
چشم آہو چھی بنگالی | نوٗرہ چھلی ہاوی روٗیُ
عاشقن منزراک دماہ روز | سوز مشتاقن ژہ لوز
یاس لاالله بیتہ سالی | نوٗرہ چھلی ہاوی روٗیُ

## غزل

فِدالیس پت مہ گومُت جان سو سنگدل یار ہے راوُم
مہ تہنزے مایہ ولونم وِل سُو پُرخمار ہے راوُم
کھُنت سینس سُنِت گیمژ مہ صورت یارہ سنز دردِل
بُزِت آم واد لدِ پانس چھوکن بلنغار ہے راوُم
مُلت خاک رویہ سی پانس بو در ایس بالہ یارس پت
ژ ہنڈم کوہ تے بیابان مے سُو دلآرام ہے راوُم
وُدان لوسس بدن زولنم مدنوارس برم کم کن
بو کوتاہ ژالہ ہجرک نار سو آدن یار ہے راوُم
بو بربسترِ دیوان چھم شربتاہ دردِ جگر چھُوم مہ
بلیاسنہ میانہ جگرک دوہ قرارِ جان ہے راوُم
نہ چھم آرام نے چھوم سوکھ مہ لوینم عشقہ تبرے چھوکھہ
بو پراران ہاوہ اژمی موکھ سو پُرانوار ہے راوُم
زُلف تس یارہ سند شہمار بیکدم گیم ولیتھیُ نال
گمُت مشتاق سِتّاہ پامال مہ تس تے ہوش ہے راوُم

## غزل حبّہ خاتون

چھنہ مالنہ ون گذار | کہو بوراوزسے وار یوہ نہ
یلہ یہ موسنزم یارہ | وردون اُنہ نم بازرتہ
ژہوٹ مہ گژہم تدس ساڑ | کہو بوروزسے وار یوہ نہ

ڈولہ میلنے لج سوار | تراوِت ینہ موا اَند مزار
اَند ژہ لگنے تت بچار | یلہ ینہ موزی گڈار
پامہ تہنزے گرژھہ مہ سوُر | تتہ آسنم اتھ تہ نال
ہشہ ویوم نوش بچار | کیاہ ژہ انوتھم مالنہ تہ
زام دتوم بر نہ تار | کہو بو روزسے واریوہ تہ
حبہ خاتون زار و نالہ | یار خدایو بوز مہ تہ
تتہ رچھسزم دوزخہ نار | کہو بو روزسے واریوہ تہ

## غزل محی الدین

عارہ رستہ یارہ میانہ دِل میون چھہ ونہ وتہ
کتہ چھہک لاگت نیاہی
سنگدل لیس پھٹہ گو کہسوہی کو تو مُتہ
کتہ چھہک لاگت ماہی
موکرا لکار باجہ خراجس راجس پینوی شان
اجت یارژ بی جھوی کیاہ لیکھک میانہ پتہ
کتہ چھہک لاگت ماہی
پتہ گلہ ٹور فلہ وُن کیاہ جان از شوبہ اسہ یکسان
تلہ کیاہ کرنہ یک یلہ میون موئی چھتہ
کتہ چھہک لاگت ماہی
رنگہ پوُر رنگ میلیت چھوُرہ سوش وون سخن تھاوگوش

تاوہ لوشس سوراےٚ آدٕمیون مارہٕ مٮ۪تہٕ
کیتہٕ پھوک لاگٕت مائی

## غزل حبہٕ خاتون

مہ ہا کرٕژی کیت لوشہٕ سوانو
چھاو میان دانیے پوش

لوچھےٚ زمین ژٕ اسمانو
ژٕ ی سیرس ہا سُر پوشس

بو چھسیا نعمت ژٕ ی مزیانو
چھاوٕ میان دانیے پوش

بو چھسیا رہیل ژٕ ی قرآنو
پیرنگ تہ تھاوٕم ہوشس

پیادہ کوٕنہ گژھ کنا ہا قرآن خوانو
چھاوٕ میان دانیے پوش

لیلے سمٕھو ژونگ زالنوئے
باسٕئے روٗدمنہ ہوشس

یوٗ چھسیا کانسہ ژال ژٕی یکیانو
چھاوٕ میان دانیے پوش

رنگہ رنگہ یانہ یلہٕ تھراوم کرالو
ہٕن ہٕن کرنک نقاشس

کتھہ ندرائے ہل کل کیتھہ جانانو
چھاوٕ میان دانیے پوش

ژارٕت اُنہٕ مے ہمیہ میانو
جانانہٕ مہ مو روشس

سورج دِت حبہٕ خاتون عونان یانو
چھاوٕ میان دانیے پوش

## غزل حبہٕ خاتون

ژٕہ کمیو سونہٕ میانہٕ ہمدم دِت نیو نکھو
ژٕہ کیاہ گیہ یو میان دی

ژکھ تراو دی طالہ وندہ چھوٗمی نا ایوان
ژہ کیاہ گیہ یو میان دئی

نصف راتن بروتھ تراو میو
ساتھاہ یکھتا ژئی

پھیرہ پھیرہ کنھتہ پھیرہ چھک پاوان
ژہ کیاہ گیہ یو میان دئی

مدن وارو بدن زالو تھم
مہ ہا گژھو آدن ژئی

بادام چشمو خون چھس ہاران
ژہ کیاہ گیہ یو میان دئی

ژھاران لوسس کوہن تہ بالن
سوران آم بالہ ون

زنہ مژہ نعش چھک ڈولہ ناوان
ژہ کیاہ گیہ یو میان دئی

شراون شین زن بوگلان آیس
باغن پھوجس لوہی

چالوی باغ تئی ژئی ولو چھاوان
ژہ کیاہ گیہ یو میان دئی

نزولہ چھمنا ایوان مولہ چھک والان
غم چھم والنم سوئی

زانہہ چھوک نہ دٗو مرت سینہ شہلاوان

ژہ کیاہ گییہ یو میانہ دئی

تن چھس ناواں جامہ چھس پیران

ہاوان چھیا چان ورئی

پینہ نس پالنس گرایہ چھوک ماران

ژہ کیاہ گییہ یو میانہ دئی

اشو چھس تراوان یوژ الہ ژالے

مہ ہا بالہ گژھ علم ژئی

ژہ کرو ورتہ میانہ آک مشراوان

ژہ کیاہ گییہ یو میان دئی

چھے حبہ خاتونہ ارمان کمیوان

کرٗ مے نہ زانہہ بندگی

## غزل از مشتاق خانیاری

یتہ بجای کرہ ہے دٗربدان
معشوقہ چھوک ناجانہ من

کرتم کرم ازیتہ بمن
معشوقہ چھوک ناجان من

ہانژ لہ ہتو تھلم دُور دُور
لشہ نارہ ژگہ بس گومہ شور

چھوم نار ہجرک دٗربدن
معشوقہ چھوک ناجان من

زد ہہ سی مہ آہ تے زاری
نہ آس مہ چھیم بے قراری

ظاہر مہ گو یوانہ بیش
معشوقہ چھوک ناجانہ من

یمہ گوم ژٕی سیت الفت | پالبستہ چھس درٕ زلفت
چھوک تھونہ میانے تم رنگن | معشوقہ چھوک ناجانٕ من
خونٕ جگر ژاگمس برم | راتس مہ سوی دٕنٕرون تھوم
مشتاق گوہم ژٕی کمن | معشوقہ چھوک ناجانٕ من
ذرٕ ژام ذرہ کیاہ لولہ نار | دِلدارہ چھوک ناجانٕ من
پھولہ راوتم ہوکہہ مت چمن | معشوقہ چھوک ناجانٕ من
دِلدارہ تھوگوشس نادنی | قربانٕ سرم چھہ ہی پادنی
بڈ داچہ چانے چھس روان | معشوقہ چھوک ناجانٕ من
اے نازنین نازک بدن | لوسم مہ ودہ وتہ چھس ژٕ چھن
کتھ روی چھوی اتھ پیٹھ دشمن | معشوقہ چھوک ناجانٕ من
دوروی مہ سینہ تیرہ نئی | سرلوشس چھوک ناسیرنی
مژہ تیر چھم جگرس ستن | معشوقہ چھوک ناجانانٕ من
کم یارہ برمرک ولہ ژہ بہہ | ہنہ ہنہ وژہ مژ چھم مہ یرہ
مژہ راو از شیرین دہن | معشوقہ چھوک ناجانانٕ من
مشتاق عاشق ژٕی گیمت | مس چیت چھو لولک سوی لمیت
دامانہ دستگیرس ژٹن | معشوقہ چھوک ناجانانٕ من

## غزل

یارہ یکھنا تھو تھم مہ غمائے | چلدہ کر میون دل آزارے
اندر جگرس کر تھم مہ پائے | چارہ کر میون دل آزارے

شرٕ گگا جیتھس وٕ جیتھس مائے
کرایہ تجتھس کرہ تھس فلائے

چانہِ ہجرک گرب گوم بارے
چارہ کر میون دِل آزارے

کرانہ دِرہ اَسِس گھرہ بار تراوم
بالہ تٔزی یت لو کر چارہ راوُم

نیب وُتم تتہِ بو پرازے
چارہ کر میون دِل آزارے

جان یر لب پراران واتوم
خون جگر مہ ژانگن زالوم

روئی ہاوتم نتہ پان مارے
چارہ کر میون دِل آزارے

لالہ وندہ یو مٔنہ زی پادَن
شام وٕ سحر چھم چانی لادن

ہرنہ چشمن کیاہ چھی خمارے
چارہ کر میون دِل آزارے

مایہِ چانہ فلوا گیس
تھامہِ گیس آسمانہ پیس

زانہ چھہ نیا الوان عارے
چارہ کر میون دِل آزارے

راز دلک پور بوزوت
راز دارو لولہِ للہ ناوتھ

گامہِ شہر کوہ بال گارے
چارہ کر میون دِل آزارے

روشہِ یکھنا فولہ باغ میونوی
داغ للہ ون بالہ چھوم چونوی

خستہ دِل لوچھس لاچارے
چارہ کر میون دِل آزارے

وٕسیٔ دِلبر مٔنہ وتھ اُنتن
کرہ نثار تس قدمن

خانیارے مشتاق پرارے
چارہ کر میون دِل آزارے

## منقبت جناب حضرت دستگیر عالم رضؓ

میانہ پیرو زی سوا کس ہا پیر
سیر غنی سر لوشس آسُم چھو کس اسیر

قطب العالم غوث الاعظم دستگیر
دستگیر غریبان پہوک تہ پیر

مشکلن آسان کرتم گوسی گیر
میانہ پیرو ژی سواکس بادہ سیر
از یکی سگہائے دربار تو ام
پھم بشاشت از دلس کیاہ پھم مہ غم
میانہ پیرو ژی سواکس بادہ سیر
تاجدار اولیا چھ توی چھہ ناؤ
ایرہ گو مُرت چھس لو بٹھ لاگوم مہ ناؤ
میانہ پیرو ژی سواکس بادہ سیر
از مقبول پیشوائے اولیا
سرو ندے راسی نور چشم مصطفیٰ
میانہ پیرو ژی سواکس بادہ سیر
رات دوہ چھس پیرہ چانی تژہ بران
حال پنہ توی پیش خدمت ژی کران
میانہ پیرہ ژی سواکس بادہ سیر
پیرہ گنہو چھس لو کرمت زیرہ بار
اکھ نظر چھم رحم چانی بکار
میانہ پیرہ ژی سواکس بادہ سیر
پیرہ سانیو چانہ کر لاچارنی
نظرہ رحمت از کریو بیمارنی
میانہ پیرو ژی سواکس بادہ سیر

تاجدارہ چھوک ولی روشن ضمیر
سیرنی سر لوپہ شش آسوم چھُوس اسیر
بر ور ندرگاہ والا سرمہ خم
پیرہ کرتم دستگیری دمبدم
سیرنی سر لوپہ شش آسوم چھُوس اسیر
جلوہ پنہ توی از مہ مسکینس تہ ہاؤ
ژی مہ ہیم ہل کینہ نش لو دوم نہ بھاو
سیرہ نی سر لوپہ شش آسوم چھوس اسیر
پیرہ چھوک ژی مقتدائے اصفیا
مرحبائے یادگار مرتضیٰ
سیرہ نی سر لوپہ شش آسوم چھوس اسیر
شیئاً للّٰہ یا غوث الاعظم چھس پران
بر زبان چھوس نام پاک چھو توی دران
سیرہ نی سر لوپہ شش آسوم چھوس اسیر
شام وسحر نفس شومن کرُتہ خوار
عاصین چھوک شافع روز شمار
سیرہ نی سر لوپہ شش آسوم چھوس اسیر
گوش تھو توآلون نادارنی
سگہ پیر لو از زہر متن گلزارنی
سیرہ نی سر لوپہ شش آسوم چھوس اسیر

ڈیڈہ چانے سر لوپنہ توٗمی آلہ وٗرے
لارہ ہا بغداد بے زرکوت یمے

میانہ پیروٗ ژی سوا کس باوہ سیر
چانہ نظرے ژوٗر ابدال گو بنت
لیس آسی پرمو سوکیاہ زانی ونت

میانہ پیروٗ ژی سوا کس باوہ سیر
مرحبا چھوہی گنج اسرار خدا
چھہس بوٗ گرداب بلا از مبتلا

میانہ پیروٗ ژی سوا کس باوہ سیر
ڈیڈہ پیٹھہ چھی خاص و عام لوٗزا از صلا
رحمہ لتس اسہ متہ کر توٗ زانہہ جُدا

بوسہ نعلینس کری یاوٗن پییٔے
چانہ درشنہ خانیا پچ وتھ ہیمیٔے

سیروٗ نی سرپوش آسوم چھوس اسیر
آمی تھٔولن اندرٕ گے روح سنت
دین و ایمان کھیون باپارس کنت

سیروٗ نی سرپوش آسوم چھیس اسیر
پیرا چھوہ توٗ خاص درگاہ الٰہ
گیر دستم از برائے مصطفےٰ

سیروٗ نی سرپوش آسوم چھوس اسیر
کررٕوا حاجت برائے مصطفےٰ
چھوٗی منگان خیرات مشتاق چھس گدا

میانہ پیروٗ ژی سوا کس باوہ سیر
سیروٗ نی سرپوش آسوم چھوس اسیر

## غزل

تھو قدم ساتھاہ ٹھہر کر لوٗزوٗن افسانہ میون
نو بہارس متوجہ گوٚ بت بُلبل دیوانہ میون

زندگی ہُند سازہ دایم لوٗزہ نادم یرتہ اکھاہ
شولہ ناوان وُزہ ملو گگہ رانیا بارانہ میون

میان آہ و نالہ گنزراں ژُھی ینن نازو ادا

زاہنہ خبرہیہ ماتہ وچھہ ماسینۂ ہریان میون
پیدہ گژھہ ماستیاہ اَدہ سوزچی غمگین دِلن

گوژہ سیٹھاہ سرٔی تہ دِلجوٕی کرن جانانہ میون
چھوم نوِس دوٚرس اندر لوٚمس تہ نوٚپیمانہ چھُم

صاف ونوٚمے ساقیاہ! وُلہ چھاوٕن میخانہ میون
چھوم نہ کتھارُن دِل نہ ہارن گانگلن مٲین اندر

زانہہ یتھن وہن گماعن منز پھیا زامانہ میون
یُس اکھا سوداکرہ گو زندگی ہند سیت ژری

کیاہ تیرتمنز پرژ کہ ولن یس ولی زولانہ میون
پرژن پرانان گہ زمانا تو نوٚیرِ ماوان آو

کھمبرین کھراشن کوٚہن منزگاہ دیوان پروانہ میون
چھوم سنزوگینیار سمارک برابراز کرُن

نولہ اندازن اندر مشتاق چھا بیگانہ میون

---

## غزل

---

نال گوم وارِیوک زال مالِنیو
روز کھنا بوز کھنا حال مالِنیو

مہ غمو ولو ہم نال مالِنیو
روز کھنا بوز کھنا حال مالِنیو

گھرِ بینہ آسس حکماہ کران
یت میٔل پیٔہ ہم تِی واتان

خاندرن کرس پامال مالِنیو
قندہ نابہ کیاہ رچھنہ آلیس

شہ معامی گھر بینہ کیاہ زہ رٲیس
سہ آیت مگر شال مالِنیو

ژھائن تہ گرائن اسم وچھان
الفہ تد سمی مہ گو زوال مالینو
واریو واڑس پھُٹ مہ کمر
آسس یہ بدا عمال مالینو
ہُشہ ہہرن گرم نندرہ کامن
سارو می گندم فٹ یال مالینو
زاٰم پلہ بہرہ نن دتسن تاآر
پاھن لگو نہ یژ کال مالینو
سورے گوم پانس امہ جالے
یاو یخ منظم سوی چال مالینو
شاہانہ پانس گوم کالہ زنگ
جگرس مہ گو پرکال مالینو
ہُشس چھم تراوان کامہ پیٹھ کام
کسہ کرنس مہ زوال مالینو
نٹہ نٹ چھہم اُکن نٹ پٹس
خاندار پیٹھ چھُم کتال مالینو
چھونہ سنان میانس یت جالس
نائی بوٹ پانس چال مالینو
آخر کوررہ چھی می گھرہ نیرن
خانہ ماجہ نہ یژ کال مالینو

پُز پانٹھ کورا یہ بڑ چھا گرشھان
روز کھنا بوز کھنا حال مالینو
مالینوک مہ مظلوم سوی چاپر
روز کھنا بوز کھنا حال مالینو
کتھ واتہ شہرن تہ بیگامن
روز کھنا بوز کھنا حال مالینو
کتھ کرہ یخ کتہ آیم درآر
روز کھنا بوز کھنا حال مالینو
لوکٹی زن گیس بڑ مشالے
روز کھنا بوز کھنا حال مالینو
اندری پانو پانس تو ننگ
روز کھنا بوز کھنا حال مالینو
رشس لگو عیبس راچھہ چھیم زام
روز کھنا بوز کھنا حال مالینو
پیالہ پھٹہ زندہ ونوتت پیالس
روز کھنا بوز کھنا حال مالینو
واریہ کور واڑج عذابس
روز کھنا بوز کھنا حال مالینو
ہر کانسہ واریو چھی عاتن
روز کھنا بوز کھنا حال مالینو

زِنیا زانِن مالیوں ژٔری
تُوۄرِکھ ژٔری تھوٗ خیال مالینیو
محمد سعید نہ ٹھُنتھ تھو پوٗر
یتھ ژٔتہٕ یِیہ چھوک زوال پوٗر

وارلِیو عقبیٖ زانِن ژٔری
روز کھنا بوز کھنا حال مالینیو
لِیےٚ عملس بوز آخر گیوہ
روز کھنا بوز کھنا حال مالینیو

## غزل

ولو از روز ساٹے مد نوارے گوسانے
مہ کرنا چھانہ چالنے مدہ لو ننرہ بانے
ژہ زن چھے چشمہ بیمار' ننزرہ ہرٔ پرٔ خُمار
مہ بلہ ہم لولہ آزار مدہ نو نظرہ چالنے
چھہ مژرہ تیرن یہ تیزی کرانِ چھکھ خونریزی
یہ چھانِ ہش غمزہ بازی مدہ تو کاہنہ یہ زانے
مہ دردِل بے قرار' عاژہ مس گوکھ بادہ خواری
لیکھت چھم گریہ زاری مدہ نو ڈیکہ لانے
رُخن ہندیہ تراو جار چھہ تراوان زلفِ زنار
نمان چھی کالہ شہمار مدہ نو غوصہ چالنے
وچھت یوان قد شمشاد ہرتہ ہیوس سرو آزاد
یہ گژھہ ہا پور آزاد مدہ نو شاہ پہ چالنے
گژہت رود سر خدن مہ گو پیٹر کال ودن
مہ گو ضایہ یہ بدن مدہ نو ماپہ چالنے

چھو غمزہ سیت ماران چھ لایان تیر مژگان
چھ عاشق سینہ وارن مدہ تورا یہ چانے

پیٚنے رووک گژھہت گام تتہ راوم مے آرام
رنشاورن چھوکھ دلارام مدہ نو یارہ میانے

## غزل

مارہ مندہ یار و مای چان چھم تے
رو ی ہاوتم تے بلہ بیمار

پراران لوسم چشم بادام تے
روی ہاوتم تے بلہ بیمار

کہ تام سونہ میانہ دتو نے یرم تے
تتیہ تاوہ زا چھکھ بلے عارو

خدایہ گیم مایہ چانہ زلفِ خم تے
روی ہاوتم تے بلہ بیمار

وچھان وتنی کارہ زام خم تے
پراران راوم خاطرہ لوکہ چار

آرہ کاڑہ کرتہس یارہ برہم تے
روی ہاوتم تے بلہ بیمار

بسہ ناد تھاو تھم دلیہ دمبدم تے
لسہ کتہ لاگت چھم اغیار

ہول گوم والنجہ بریایہ چھم تے
روی ہاوتم تے بلہ بیمار

ویرہ چانہ پیرم سامانہ سنز تے
پردہ ژٹہ نیبرے سرِ بازار

کھوژہ کت ولیہ یدپاپہ لایم تے
روی ہاوتم تے بلہ بیمار !

لوانہ کین چھو کینی کرہ مرہم تے
تولہ سارہ ساتھاہ کرِ بلہ ژار

پیشکش تھاوے سنزے نم تے
روی ہاوتم تے بلہ بیمار

یم تیر مژگانن ینہ لایتھم تے
تمہ پیویم للہ ون ورزگ نار

بے تاب عاوسں لالن چھم تے
روی ہاوتم تے بلہ بیمار

## ترانۂ رسولؔ میر

مہ ہا گو چانو محبت زیادہ موکر وعدہ خلافی

گلاب رویہ قد شمشاد موکر وعدہ خلافی

سر حلقہ عاشق فرہاد شیرین باز ژہ آئی

دَر راہِ راست گے افتادہ موکر وعدہ خلافی

پُرن مہ تراو ونزاو جسنج موکھ در گاہی

عشقن کر عقل برباد موکر وعدہ خلافی

کس بوونے روداد بنس نور گواہی

پانس وچھ پنن بنیاد موکر وعدہ خلافی

شرعس یم کرمت خلاف مُرتد مو چھو تباہی

مرت زندہ گے استاد موکر وعدہ خلافی

رسولؔ میر روزہ دلشاد نفع چھوی ژہ صفائی

وفادار گے آباد موکر وعدہ خلافی

## غزل

کلہ والہ ژہ دیو پیالہ ژٕو میانو بلے لو

دِل میانو چھوی حوالہ یتھناسہ ڈُلے لو

یتھو مست شراب کس کلہ والس پانس

نوش کر ژہ یمالس ہوش یتھناسہ ڈُلے لو

فرہاد کوہ کھنان کوہس چھہ آب انان

تامت گییس کنہ وان شیرین مویے لو

فرہاد بھٗور پانس کریک گیہ پرستانس

پیٹھ پیہ کوہستانس خون وتھو ساکو لے لو

خسرو شراب چیت شیر دیہ خنجر ہیت

شیرین ارمان کھت دزہ نارہ لے لو

خلقس ہند مہاراج ملکن چھہو سیوان باج

آدمس گنڈان سر تاج شمشیر ہلے لو

وہاب کھارہ نہ یارہ سازس گنجم تارہ

مولہ ووت بو بازارہ لالہ ووت لولے لو

---

## غزل ننده پنڈت

ننہ وانہ ونیم کیازہ روٹھک چھہ کنہ الوانی

ناگرا لو ضایہ کرتھ میانو لوکٹ پان

ہیہ مال یاون ژور چھہ کِ ژہی نژور ہوانی

ہیہ تھر لو اسس اڈہ فوجی وون بو فوجس پور

لوکہ چار سور لیوم وُن لو ہندس تانہ جوانی

کھو آدنکے سازہ لوگٹ یارہ مسٹی مائے

چھیامہ سیتن دعدہ کو زمت یار پیوانی

وزلِ ژہ کھٹ جائے کُس پائی میانوی کر

پرنین تہ پروین کینہ لالق چھوک نہ تھوانی
ہمبرو تہ شیہ تھم ژٲلہ رٹت نالہ میٹہ رٲل
برپیہ تھاوے بو پیالہ مسکی چھو کینہ چوانی
مہمانہ بنت آک واپس گوک رٔوانی
ہت نقشہ دلک آک واپس گوک رٔوانی

## مرثیۂ زلیخا در فراق یوسف ؑ

نادلایئے میانہ یوسفو ولو
مارہ متے یارہ گیتو ژ ناند تھو
کتو گو ہم یور ایستم آدنو
کینہہ نہ منگے ن تہ تنگے تیر یو
دن بوڈ مے سنہ تہ وگن پھیرہ یو
لیہ بوز ہم ایمہ پھیرت یار میانو
زمہ زمہ آسو ہم غم خوار میانوی
پختہ کارو آسو ہم مختار ژی
زار بوز تم یہ گژہ ہم یار ژی
کس بو ونے آسو ہم دلدار میانو
کرہ کیاہ بو آسو ہم سردار میانو
ہی تہ مسول ضایہ کرہ وائے وائے
مارہ متے مایہ گیس ہائی ہائے

نادلایئے میانہ یوسفو ولو
یوسفو ہے یوسفو ہے یوسفو
نادلایئے میانہ یوسفو ولو
پان ونڈے جان چینہ پیرہ یو
نادلایئے میانہ یوسفو ولو
خستہ کرنس چھو سنہ ایوان عار میانو
نادلایئے میانہ یوسفو ولو
چھس بو بلبل آسو ہم گلزار ژی
نادلایئے میانہ یوسفو ولو
مارہ کرتھس مہ ژکھتو بی بار میانو
نادلایئے میانہ یوسفو ولو
پایہ بڈ یو مایہ گجس آئے آئے
نادلایئے میانہ یوسفو ولو

گرہ تراوت کتہ رٹت چاجی ژ ری
خوار کرتھس نامہ راجتھس ہاجی ژ ری
مرنہ چانے آسمان گو پشت خم
مہ مرتم وُ دۍ یہ چھم ہمیشہ نم
مرنہ چانے آفتابن پان گھٹو
مرنہ چانے آفتابن پان زٹو
ہای مرگو آہی کیتیاہ سیم تن
میانو یوسف کتہ سا کرتھس دفن
وای مرگو گنہتہ الوان چھہ یتہ عار
چھیے قیامت یلہ یاوس راوہ یار
مرنہ چانے لوبہ گو میو شراونس
دل پنی نو یارہ یو مشراونس
مرنہ چانے راہلن گے شاخ شاخ
مرنہ چانے ناولد ولیوان معراخ
مرنہ سیتن سورگترہ ہان اندرے تے
بندرن پیٹ ژرلہ ناوان گندرہ نے
مرنہ سیتن جوہرہ جدائی چھی گژھن
مرنہ سیتن نذور نو روزن مژھن
ہائے مرگو آہی کیتیاہ سرو قد
خوار کرتھس گوم جگر پرکہ لد

کوچہ متے میان مسٹی ہای ژری
ناد لائے میانہ یوسفو ولو
مرنہ چانے گوم اچھن گاش کم
ناد لائے میانہ یوسفو لو
مرنہ چانے گو جہانس انہ گٹو
ناد لائے میانہ یوسفو ولو
ژرلہ ناوت ولنہاوت تم گھٹن
ناد لائے میانہ یوسفو ولو
حیلہ کر کر تھوت بربر مرغزار
ناد لائے میانہ یوسفو ولو
پیوم تاوان خاصہ نوبسی یادونس
ناد لائے میانہ یوسفو ولو
مرنہ چانے پنجرن گیمت سوراخ
ناد لائے میانہ یوسفو ولو
مرنہ سیتن خایہ گترہ ہان شندرہ تے
ناد لائے میانہ یوسفو ولو
مرنہ سیتن سنگ والنجہ چھی فٹن
ناد لائے میانہ یوسفو ولو
ژرلہ ناوان دالہ ناوت نزلحد
ناد لائے میانہ یوسفو ولو

مرنہ چانے کاڑ ہیچ گیہ سنبلن
مرنہ چانے پارہ جامہ کر گگسن
وائے مرگو گنہتہ سُر نو تھاو تھم
از مرزا نوم بیوفا دنیاہ چھو پرم
ژام زِ زر خاصہ بیرِ لنجہ تے
ژہ سوادِ لیا چھمہ ژونٛان نو نچہ تے
شراو نی ہی کو تہس بٔرہ تے
در فراق یار از ما مرہ تے
دیوہ لیوزم پیہ غیرت یار میانو
منتہ ژلتم کیاہ ژہ چھوک غمخوار میانو
بنبرہ چھم مشکہ بر بر چھیوم گلہ
فتوسے ژی قبرہ پیٹ تراوت ژلہ
قبرِ ناپیٹ گیہ ابرِ رحمت زن ہران
خوار کر عشق عار چھوی تاسہ ایوان
ستہ ورشے یاز وہت گوک مہ
راد ناپس دلبر تہ سوی کو نو منتہ
نالہ قبرِ ژہ تراوان بٔڈہ باک
نکھہ نکھہ کر دفن زیر خاک
کریتہ محمود وزلیخا مختصر
یارہ ولادے گس نہ گو زیر و زبر

مرنہ چانے نالہ درت کیاہ بلبلن
نادِ لائے میانہ یوسفو ولو
میانو یوسف کت مزارس ساو تھم
نادِ لائے میانہ یوسفو ولو
زاو کرنم جہای ہنر و البچہ تے
نادِ لائے میانہ یوسفو ولو
ذرہ زاہ چھس جان کوتاہ ذرہ تے
نادِ لائے میانہ یوسفو ولو
ژھتہ کرلنس مٹہ چھوہ سنا یار میانو
نادِ لائے میانہ یوسفو ولو
زلف سنبل چشمہ چھم عنبر زلہ
نادِ لائے میانہ یوسفو ولو
یارہ ولادے پاک تہ یارو دوان
نادِ لائے میانہ یوسفو ولو
وعدہ سار لیو وعدہ مرسیت کر تھو ژہ
نادِ لائے میانہ یوسفو ولو
در فراق دوست وہ تن جان پاک
نادِ لائے میانہ یوسفو ولو
زادِ لدن عاشقن ہنز خوشی خبر
نادِ لائے میانہ یوسفو ولو

# مرثیہ حضرت یوسف

ژورِ یرک زرہ ناہ ہوتہ تتو پیوم
کتھ گوم یوسف جانانے

نیرت پائن سیت لتو لتو گوم
کتھ گوم یوسف جانانے

اتھ ژکہ لانس قس کیاہ لکھونے
سیت کیاژہ ژلتو میہ وُرہ پاین

ژیرت ما آم زن ندرہ ہتو گوم
کتھ گوم یوسف جانانے

لوچہ مالجیونا وکم ز تونے
شاد ولہ پاٹ کم تریش تراونے

یاد مے چھم الوان گد گوم بدنس
کتھ گوم یوسف جانانے

اتھ شمع روئیس ہام کم تراونے
ہی تن بہرہ کم ژہ کرنے

بیہ یور یکھنا موی مے چھت گوم
کتھ گوم یوسف جانانے

پالہ یارہ حال ولی کس بوپاوے
وار چھمہ ژرت سینہ بوہاوے

سرپاہ تراوتھ می مارہ شتو گوم
کتھ گوم یوسف جانانے

شہمار زلفن شانہ کم کرتے
یمن سرمہ چشمن سرمہ کم لاگنے

ہی مال ناگرائے زن اچھ ہتو گوم
کتھ گوم یوسف جانانے

ژرن دار حیاتن رونہ ژریت گوم
شوبہ ژن ماہ کنعانے

اتھ شمع روئیس پروانہ لگس
بمبرس ینبرزل کتہ زاگس

برونہہ کمنہ آہت زن ہتو پتو گوم
کتھ گوم یوسف جانانے

لرہ پان ساوس سیت تن تھاوس
شانذہ کمنہ پتوی پان تھاوس

بیوفا سما رکتہ کور کت گوم
کتھ گوم یوسف جانانے

گرہ بارتراوتھ شہپار ژرایت
یوسف زلیخا گژہتہ لوزت

ہفتن اتہ جاتہ زلن نیرت گوم
کتھ گوم یوسف جانانے

ماره مته سانه وته ساعته اکه کیهنا
هته اکه دورشن هته دکهنا
لیه نار نزله ون للهون تهقو پیوم
گنتو گوم یوسف جانانے
گاش می چشمن هند نیرت گوم
زاده جانه للهون دوومی پیوم

پننگلنه سرور زیوانه متو گوم
کتو گوم یوسف جانانے

## مرثیہ حضرت یوسفؑ

کیازه گیه تقسم ته چھلو
میانه یوسفو ولو!
یته چپانے بلو
میانه یوسفو ولو!
دون جدائی چھی ستم
کھونه للهوت یتسم
بوه نا دوور زرو
میانه یوسفو ولو
لوله لوله بو کرسے
لول محبت یرحے
یته پالس پتو
میانه یوسفو ولو
روپه گولی لگے
فلله مویس ملے
لوله باغگه گگلو
میانه یوسفو ولو
شانه زلفن کرسے
مخته مویس برے
سوخته دل کرتھسو
میانه یوسفو ولو
یاره کنڈ ماسنیائی
منز شاتن مالگے
کم تراونک ڈلو
میانه یوسفو ولو
کھکھر پالس لچی
هیه تق ماگچھی

کُس چھُوی وَرِ دِلو — میانہ یُوسفو وُلو
شانہ دہ کنہ گیاہ تھوت — ہرِنہ چشمو ما وو وُت
کم پاؤنے زدلو — میانہ یُوسفو ولو
یوتا زُورر زرے — داوِہ چانے مرے
خونِ جگر تلُو ،، — میانہ یُوسفو وُلو
یُور ماسہ چھوک الوان — برانت می چھم گرِھالان
جائے شیر تہٖ چھیو — میانہ یُوسفو ولو
تریشن کم زہ ترادتے — یادہ مول موج ماپیوی
کم کرُنے ژھلو — میانہ یوسفو وُلو
سُرمہ چشمن لگے — یینہ چانے بلے
کم دشمن چھیو — میانہ یُوسفو ولو
پیالہ ملکی بَرے — گژرہ گورے کرُے
ییتہ واہ چِتو — میانہ یُوسفو ولو
پارہ پارہ جگرس گوم — نوک ہجرک سنیوم
شوق تہٖ آسوم ییتو — میانہ یُوسفو ولو
کتہ بردُوک کھٹِت — سینہ ہا موچھٹت
کونہ انصاف چھیو — میانہ یُوسفو ولو
دود چانوی چھیم دلس — یترہ داوُوے سنہ لیس
تس نا آرام چھیو — میانہ یُوسفو وُلو
کیاہ ملانہ گژی ژہ میون — ییتہ شبابہ ژہ سون

پیاران ستر ورِ چھیو | میانہ یوٗسفو ولو!

## مرثیہ حضرت یوٗسفؑ

نالہ ووٚت لال آیئے | ناد لایئے یوٗسفو!
لولہ چانہِ پرزہ ژٹھہِ بیدایئے | قد چانوی نازک بدن
نور بخشونے ذاتن | زری جامہ لاگتھ آیئے
زری جامہ لاگتھ آیئے | ناد لایئے یوٗسفو
نستہ غنچہ جیوٗن آم کرتل | خستہ کرنس وزہ ٚل
داغ مہ جگرس چانہ مایئے | ناد لایئے یوٗسفو!
مار ہیچپان شمار آیئے | روٗرہ کن چانہِ نورہ آنہ تس
چشم مخمور سحرہ آیئے | ناد لایئے یوٗسفو
شمع رویس پتہ لوٗرہ ہیے | گت لوٗر کرہ ہیے پانہ پرن
پرورتھ پیسیم محبانہِ مایئے | ناد لایئے یوٗسفو
مشکل پیوم عشقہ نیایئے | مولہ زابتھس دلبرو
راکھیے لرِہ پان گیس صبایئے | ناد لایئے یوٗسفو
نظرِ چانہ ہرنہ دست آیئے | لستہ کرتھن زلیخا ر
خوارِ کرتھس لرزہ تہ ہایئے | ناد لایئے یوٗسفو
سورِ گمرتھس بدنس | آنہ ولہ گوم پارہ جگرس
جامہ ژٹھہ مر پانہ نہ دایئے | ناد لایئے یوٗسفو
چارہ کر میون یارہ رشی | سالکہ نالال آیئے

